| | | | |
|---|---|---|---|
| ☆ | ناولہِ ہُنٛد ناو | : | لاوُڈ سپیکر |
| ☆ | مُصنِّف | : | ڈاکٹر سوہن کول |
| ☆ | کمپیوٹر کتابت | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ 9596076141,7780841115 |
| ☆ | تعداد | : | ۵۰۰ |
| ☆ | چھاپ | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ |
| ☆ | چھپنٕ وٕری | : | ۲۰۲۲ء |
| ☆ | مول | : | ۳۰۰ روپیہ |
| ☆ | سرورق | : | جاویداقبال |
| ☆ | سرورق | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ |


......☆......

# انتساب

"تِمن رہبرن ہنٛدِ ناوٕ یِم زانانِ چھِ زِ اکہِ خاص مقامہٕ پیٹھٕ واپس پھیرُن چھُ ناممکن، اوَے چھُ توٚ تام واتُن یتھٕن انصاف پڑاران چھُ......"

# پٔنٕنۍ کتھ

مےٚ تہٕ ژےٚ چھےٚ ستۍ ستۍ پکُن تہٕ پکان روزُن...... روۄد جرٕبن منز، شینہٕ پتبن منز، گریشمہٕ ژنجہٕ منز، ماگہٕ کوچھِ منز...... پرٕ بتھ ساتہٕ چھےٚ ستۍ ستۍ روزُن، صُبحن، شامن، دوہلہِ، روتلہِ، پرٕ بتھ وختہٕ اَکھأ رکِس لرِ آسُن زن تہٕ أکِسے بیڈس پیٹھ، ز بیمار تہٕ دۄنوے مُشکل دِتھ...... مگر تعجب چھُ زِ یتھ حالس منز تہٕ چھُس بہٕ چون پرٕ بتھ کانٛہہ تکلیف بوزان، چانبن زخمن سنان، روتلہِ ییلہِ سڑکن پیٹھ ہوٗنۍ وونگان چھِ تہٕ ژٕ دم گرٕ ھنہٕ کنۍ ڈبہِ پیٹھ نیران چھُکھ بہٕ چھُسے ستۍ آسان، ژٕ چھُکھ نہٕ مےٚ مُشکہٕ کنۍ وُچھِتھ ہبکان مگر بہٕ چھُستھ ژٕ وُچھان تکیا زِ ژےٚ بغأر مالگہٕ بہٕ کُنہِ، ژےٚ بغأر کُس چھُس بہٕ، ژٕ یتھ چھُکھ تہٕ تیوٗتھ میانہِ خأطرٕ چھُکھ اہم۔

*Let us go then, you and I*
*When the evening is spread out*
*against sky.......*

*T.S.Eliot*

أسۍ چھِ بے شمار مسلوٗ ولی ستۍ، اسہِ چھِ پریزنتھ رأوہِش، وجود روومُت تہٕ آواز رأوہِش، زندگی ہُنٛد سُہ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر محاورٕ رومُت۔ سانہِ خأطرٕ چھُ پرٕ بتھ کانٛہہ پزر بے مانے بنیوٗمُت تہٕ یوٗ دوے أسۍ ونان چھِ زِ

اسہِ چھُ ءستۍ ءستۍ پکُن ،تیٚلہِ چھُ ییمہِ سول سوسائٹی ہُنٛد یہِ بارتہٕ ٹلُن ،تیٚلہِ چھُ محبت ،قوربأنی تہٕ ہمدردی ہیوٚبن جذبن بیہِ سگ دِیُن ،تیٚلہِ چھُ بیہِ یمن لفظن ہُنٛد مانے بدٕ ار کرُن ،اسہِ چھُ یہِ ہم زادخوفہٕ منٛز کڈُون تکیازِ ییٚلہِ یہِ چھُ ،تیٚلی چھُس بہٕ ،تیٚلے چھِ میأنی لفظ ۔ناول ''لاوڈ سُپیکر'' چھےٚ یژھی اکھ کوشش ،یتھُے اکھ پأغام...... بہٕ ونہٕ نہٕ ناولہِ متعلق بیہِ کہنہٕ تکیازِ وُنی چھُ تُہنٛد حق تہٕ بہٕ پرارِ صبرٕ سان تُہنٛزِ رایہِ ۔ شکریہ۔

ڈاکٹر سوھن کول

برابر ترٛہہ وٕہری کوٚر علی محمد از جے پورٕ کی ہائی کورٹن باعزت رہا۔ وُچھو ہے تہٕ ترٛہ وٕری گیہِ اکھ واُنس۔ ییٚمہِ دوہن علی محمد گرفتار کوٚرُکھ، تمہِ وِزِ اوس سُہ بس ترٛہہ وُہر۔ از ییٚلہِ تمۍ جیلہٕ نبر کھور تھوو، سُہ اوس برابر شیٹھ وُہر۔ جیلہٕ نبر نیراُنی باسیوٚ وتس سورُے عالم بدل۔ تس باسیوٚ وزِیہِ چھُیی نہٕ سُہ دُنیاہ، ییٚتہِ پٮ۪ٹھ سُہ آمُت اوس۔ ترٛہن وٕری ین چھُ شاید اَفتابہٕ تہِ واریاہ بون ووٚتھمُت۔ ویسے اوس یہِ جوٗنُک رٕتھ تہٕ راجستھانس منز چھُ یہِ رٕتھ سٮ۪ٹھا گرمی ہُنٛد آسان۔ امہِ کِنۍ تہِ ما آسہِ ہے علی محمدس نبرِم ماحول بدلیومُت ہیوٗ باسیوٚمُت، مگر یہِ تہِ چھےٚ حقیقت زِ علی محمدن اُسی پٔتم ترٛہہ وٕری راجستھان کٮ۪ن مختلف جیلن منزٕ ے کڈٕ متۍ۔ محنت کرٕمژ، کنہٕ پھُٹرایہٕ مژ، لنگرن منز کاٗم کرٕمژ، اوٚ کِنۍ ہیکہِ ہے نہٕ گرمی وجہ اُستھ۔ خاٗر، نبر نیراُنی آو توہنٛد نیٚچو جُنید دورِ تس نکھٕ، تمۍ روٗٹ مول نالہٕ متہِ۔ امہِ پتہٕ آے بیٚیہِ اکھ زٕ رِشتہٕ دار، ییم اکھ زٕ دوہ برٛونٹھی اور آمتۍ اُسی۔ تموتہِ روٗٹ علی محمد نالہٕ متہِ، اتھن گری ہس میٹھی۔ جُنیدن بوٚر مول گاڑِتہٕ امی دوہہ واتہٕ نووٗن جہازس منز جے پورٕ پٮ۪ٹھ سرینگر۔ سرینگرٕ کس شیخ العالم آیر پورٹس پٮ۪ٹھ اُس اُمِس آشنٮ۪ تہٕ کوٗرپژ اران۔ ییمن علاوٕ بوٚڈ ہیوٗ اُہر تہٕ بیہ اکھ زٕ ہوورٕ طرٕفکی رِشتہٕ دار۔ امہِ علاوٕ اُسی کینٛہہ اخبٲری نمائندٕ تہٕ کینٛہہ سیاسی لیڈر تہٕ۔ ویسے تہٕ اُس یہِ خبر از سارِنٕے کشیرِ

ہنٛد بن اخبارن منٛز سُرخی بُنتھ چھپے ہٕژ تہٕ پرٛتھ کانٛسہِ اخبارن اُس یہِ خبر پنٛنہِ حسابہٕ انسانٔی حقوقن ہنٛز پامالی ہٕتی جوڑ ہٕژ تہٕ ظٔلمچ اکھ مثال قرار دِژہٕژ۔ اوہنٛد اِنٹریوٗ کرِ ہے اخبارن ہُنٛد یہِ نریٹو مزید وُستوار، توٚے اُسی صُبحہٕ پیٹھے اخبأری نمائندہ ایٔر پورٹس پیٹھ پرٛاران۔ سیأسی لیڈر اُسی اُمِس پانس برابر جاے دِنی یژھان، تمہِ کِنٛی اُسی تم تہٕ اَتہِ موجود۔ آیٔر پورٹہٕ کہِ شیٖشہٕ درواز منٛزی ییلہِ علی محمدن پننٛی آشنٛی وُچھ، تس پھٔٹ أندری وُسواُسی۔ تمی سوٗنچ زِ یوٚ دوٚے آشنہِ یہِ پرٛژھ زِمے کیٛاز دیٛتُتھ یوٗت سزا، سُہ کیٛاہ جواب دِیہِ تس! پنٛنی بےٚ گونٲہی کتھ کرِ ثابت، اُخر ترٛ ہن وٗری ین ہُنٛد گُنبر ماچھ موموٗلی کتھا۔ تمہِ وِزِ اُس رٕحت جوان تہٕ از...... یِی سونچان گوٚو درواز یَلہِ تہٕ علی محمد ووت آشنہِ نزدیک، سو تہِ آیہِ تمی مایہِ تہٕ لولہٕ تس برٛوٚنہہ کُن۔ خأرخبر پرٛژھنس مگر سوال کوٚرنس نہٕ کانٛہہ۔ حالانکہِ أچھن أندی أندی أسی سأری سوال زِندٕ، سوالو باوجوٗد تہِ اوس تس وُٹھن تل ہلکہٕ اَسُن۔ أتھی منٛز آیس کوٗر، دھانیا، تہِ برٛوٚنہہ کُن۔ تمہِ روٗٹ مول نالہٕ متہِ۔ ابو، ابوکران ژوٚلُس أچھو منٛز اوٗش ددرایہِ نیٖرتھ۔ علی محمد تہِ گوٚو سبٕٹھاہ جذبأتی۔ ییٚمہِ وِزِ علی محمد گرِ دژ امُت اوس، سو اُس اِٹھمہِ پران۔ علی محمدن تہِ رٔٹ دھانیا نالہِ متہِ تہٕ گرِ نس مَہہ تہٕ بیٹھی۔ أتھی منٛز آو علی محمدُن نیچوٗ جُنید تہٕ بیہ کینٛہہ رِشتہٕ دار موموٗلی سامانہٕ ہتھ تہٕ وٲتی اُمِس نش۔ وُچھان وُچھان گوٚو تس أندی أندی لُکہٕ ارساتھاہ جمع۔ اخبأری نمایٔندٕ اُسی مانگہٕ

ہتھ سوال کران ''علی محمد صائب اسہِ وُنی تو ترٛ ہہ وٕہری پتہٕ ،کرٛتھ چھےٚ یہِ پٔنٕنی کشیرِ باسان؟ یم ترٛ ہہ وٕری کمن کمن جیلن منٛز گذ آرِو تو ہہ؟پننہِ بے گونٲہی ہُنٛد حساب کسِ ہیٚو تو ہی؟......''تم گۓ سوال کران مگر علی محمد روٗد خاموشی سان بوزان۔ تمی دیُت نہٕ کُنہِ تہِ سوالس جواب۔ أتھی منٛز آو جُنید اخبٲری نمایٔندن نش ''از چھِ یم واریاہ تھٔکِمتی ، از نہٕ کانٛہہ سوال، پگاہ کٲلی کیتھ کروٚ وٕ تو ہہ فون، گرِ کرٛ واکھ جان محفل۔ از دِیو معٲفی پلیز۔'' جُنیدن رُکٲوی اخباری نمایٔندٕ درخواست کٔرتھ تہٕ جلدی منٛز بٔرن مول، موج تہٕ بینہِ گاڑِ تہٕ دڑاے حسن آباد کُن۔ حسن آباد چھُ سرینگرُک اکھ اہم علاقہٕ۔ رٔنی وٲرِس نزدیٖکھی اکھ سبٹھاہ بوٚڈ محلہٕ، ییٚتہِ کٔشیرِ ہنٛز پرٛزنتھ لگ بھگ پرٛتھ گرس منٛز پوچھر لبان چھےٚ۔ پیپر مٲشی تہٕ قالیٖن بٲفی، دونوٚے فن چھِ امی محلہٕ کیو کٲری گرٛ وکٕنی زِندٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ یہِ محلہٕ پروفیسرٛ وتہٕ لِکھاریو کٕنی تہٕ زانہٕ یِوان۔ پروفیسر محمد زماں آزردہ صأب، یم میأنی ووستاد چھِ، چھِ امی محلکی بسکیٖن۔ خأر، یہِ محلہٕ یُتاہ یمو شخصیتیو کٕنی نیشناونہٕ اوس آمُت، تیُتے بدنام گوٚ وٕ یہِ کُنہٕ نمتس منٛز، ییلہِ علی محمد کاٹھمنٛڈو گرفتار کوٚرُکھ۔ مُحلی محلس گوٚ وتمہِ وِزِبتہٕ دب، ییلہِ یہِ خبر اخبارس منٛز آیہِ زِ کاٹھمنٛڈو گٔرِکھ کینٛہہ کٲشری جے پور بم دھماکہٕ کِس سلسلس منٛز گرفتار۔ پےٚ کڈان ووت پُلسہٕ حسن آباد علی محمدُن گرٕ تہٕ۔ لُکہٕ ارساتھا گوٚ تمہِ دوہہٕ علی محمد نِس مکانس أندی جمع، تِکیازِ امہِ کتھِ ہُنٛد یقیٖن کرُن اوس سبٹھاہ مُشکل۔ علی

محمدٕ نِس مائِلس راج محمدس گۄ وزن ژَس۔ تمہِ پتہٕ ہیۄک نہٕ سُہ زانٛہہ تہِ
محلہٕ والین ہِتیٚ اَچھ رلاؤتھ تہٕ نہ کتھ کٔرِتھ۔ حالانکہِ محلہٕ اوس تِہنٛزِ آوازِ ہُنٛد
دیوانہٕ۔ موج تہِ ژِمیٚیس کوٗنس منٛز، ییٚلہِ راجستھانک پُلسہٕ بوٗٹ ہیٚتھ کمرٕ
پتہٕ کمرٕ پھیوٗر۔ علی محمدٕ نی آشنیٚن تہِ گیہِ رس کبرِ، تس باسیوٚ تمہِ دوہہ زِ کشیرِ
منٛز یہِ کینٛژھاہ تہِ غلط سپدان چھُ، تتھ پتہٕ کنہِ چھُ تو ہنٛدُے خانہٕ دار۔ راج
محمدس اوس محلس منٛز سبٹھا یَزتھ، تِکیاز سُہ اوس مُنٛزِ منٛزِ مُشیدٕ منٛز بانگ تہِ
پران۔ اَہنٛز آواز اَس سبٹھاہ میٹھ تہٕ اثر تہِ اوسُس واریاہ۔ مولوی
صأب اوس اُمِس پرٛتھ جمعہ قُرانِ شریف قرٔت کرنہٕ موکھہ خصوٗصی طور
مُشیدٕ منٛز بُلاوان۔ اُمی ہٕندِس گرس ییٚلہِ ریڈیوٚ وتہٕ پرٛژھ گارلاۓ جھس، تس
کوسہٕ حالتھ گیہِ، تہِ چھےٚ بس اَکِس خوداییس پَے۔ گرس کُس حسبِ حال
کۄرُکھ، تہِ ہیکہِ نہٕ بیان سپدِتھ۔ ٹرنک پرٛاَٹِکھ، شانٛدٕ گونٛڈبن دِژِکھ
دوٗنی، لیفہٕ تہٕ گبہٕ تام ژٕٹِکھ، کارخانس پرٛاچکھ لبہٕ تام، مگر کُنہ آونہٕ تِمن
کینٛہہ اتھِ، سِوائے مُشیدِ ہُنٛد سُہ لاوُڈسپیکر، یُس محلہٕ کمیٹی راج محمدس بطورِ
تحفہٕ دیُتمُت اوس۔ سُہ لاوُڈسپیکر باسیوٚ ییمن علی محمدس خلاف اکھ بۄڈ
ثبوٗت۔ تتھ سپیکرس لجکھ تارٕ، سُہ کۄرُکھ راج محمدس برٛونٛہہ کنہِ تانہٕ تانہٕ تہٕ
سُہ روٗد خاموشی سان یہِ سورُے وُچھان۔ تس باسیوٚ وزن تہٕ دیُت کانٛسہِ
تس ہٕڈ گرٛنڈم تہٕ کۄرُن خاموش۔ خارٕ یہِ بدنصیب دوہ پیوٚ وبأژ بأژ
سارِنے زوٗن۔ جُنید اوس تِمن دوہن ژٕہمہِ پران تہٕ دھانیاٚ ٹھمہِ، ییم

ہیتھ سوال کران "علی محمد صاب اسہِ ؤنی تو تڑٕ ہہ ؤہری پتہٕ، کرٕ ھ چھےٚ یہِ پٔنٕزٕ کشیرٕ باسان؟ یم تڑٕ ہہ ؤری کمن کمن جیلن منٛز گذٲرِو تو ہہ؟ پننہِ بے گوناہی ہُنٛد حساب کسِ ہیِٚو تو ہی؟ ......" تم گےٚ سوال کران مگر علی محمد روٗد خاموشی سان بوزان۔ تِمو دیُت نہٕ کُنہِ تہٕ سوالس جواب۔ أتھی منٛز آو جُنید اخبأری نمایٔندن نِش "از چھِ یم واریاہ تھٔکِ مٕتی، از نہٕ کانٛہہ سوال، پگاہ کأنٛسہِ کیتھ کروۄبہٕ توہہِ فون، گرِ کرَو اکھ جان محفل۔ از دِیِو معأفی پلیز۔" جُنیدن رُکٲوِ اخباری نمایٔندٕ درخواست گرِتھ تہٕ جلدی منٛز بٕرِن مول، موج تہٕ بینہِ گاڑِ تہٕ دڑاے حسن آباد کُن۔ حسن آباد چھُ سرینگرُک اکھ اہم علاقہٕ۔ رِنی وأرِس نزدیٖکھی اکھ سبٹھاہ بوٚڈ محلہٕ، یتہِ کٲشرِ ہنٛزٕ پرٛزنتھ لگ بھگ پرٛتھ گرس منٛز پوچھر لبان چھےٚ۔ پیپر ماشی تہٕ قالین بأفی، دۄنوے فن چھِ امی محلہٕ کیو کٲری گرَو کنٛز زِندٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ یہِ محلہٕ پروفیسرَ وتہٕ لِکھارِیو کنٛز تہٕ زانہِ یوان۔ پروفیسر محمد زماں آزردہ صأب، یم میأنی ووستاد چھِ، چھِ امی محلٕکی بسکین۔ خأر، یہِ محلہٕ یوٗتاہ یمو شخصیتو کنٛز نیشناونہٕ اوس آمُت، تیوٗتُے بدنام گوٚو یہِ کُنہِ نمتس منٛز، ییٚلہِ علی محمد کاٹھمنڈو گرفتار گوٚو رُکھ۔ مُحلی محلس گوٚو تمہِ وِزِ بتہٕ دب، ییٚلہِ یہِ خبر اخبارس منٛز آیہِ زِ کاٹھمنڈو گرِ کھ کینٛہہ کأشری جے پور بم دھماکہٕ کِس سلسلس منٛز گرفتار۔ پَے کڈان ووت پُلسہٕ حسن آباد علی محمدُن گرِ تہٕ۔ لُکہٕ ارساتھا گوٚو تمہِ دوہہٕ علی محمد نِس مکانس أندی أنٛدی جمع، تِکیازِ امہِ کتھِ ہُنٛد یقین کرُن اوس سبٹھاہ مُشکل۔ علی

محمدٕ نِس مأٔلس راج محمدس گۄ وزن ژٕس۔ تمہِ پتہٕ ہیوٚک نہٕ سُہ زانِتھ تہِ
محلہٕ والین ہتی أچھ رلأوِتھ تہٕ نہٕ کتھ کٕرِتھ۔ حالانکہِ محلہٕ اوس تِہنزِ آوازِ ہُنٛد
دیوانہٕ۔ موج تہِ ژٕ میٚیس کوٚنس منٛز، ییٚلہِ راجستھانٕک پُلسہٕ بوٗٹ ہیتھ کمرٕ
پتہٕ کمرٕ پھیوٚر۔ علی محمدٕ نی آشنٕنی تہِ گیہِ رس کبٕرِ، تس باسیوٚو تمہِ دوہہ زِ کشیرِ
منٛز ییہِ کینٛژھاہ تہِ غلط سپدان چھُ، تتھ پتہٕ کنہِ چھُ توٚ ہنٛدُے خانہٕ دار۔ راج
محمدس اوس محلس منٛز سبٕٹھا یژتھ، تِکیازِ سُہ اوس مٔنٛزی مُشیدِ منٛز بانگ تہِ
پران۔ أہنٛز آواز أس سبٕٹھاہ میٹھ تہٕ اثر تہِ اوٚسُس واریاہ۔ مولوی
صأب اوس أمِس پرٛتھ جمعہ قُرانِ شریف قرٕت کرنہٕ موکھ خصوصی طور
مُشیدِ منٛز بُلاوان۔ أمی ہنٛدِس گرس ییٚلہِ ریڈیوٚ وتہٕ پرٕ ژھ گأرلأ جھس، تس
کوٗسہٕ حالتھ گیہِ، تہِ چھےٚ بس أکِس خودایس پَے۔ گرس گٔس حسبِ حال
کوٚرُکھ، تہِ ہیکہِ نہٕ بیان سپدِتھ۔ ٹرنٛک پرٛأٹِکھ، شانٛدٕ گونٛڈبن دِژٕکھ
دٔنی، لیفہٕ تہٕ گبہٕ تام ژٕٹِکھ، کارخانس پرٛاچِکھ لبہٕ تام، مگر کُنہِ آونہٕ تِمن
کینٛہہ اتھِ، سِوائے مُشیدِ ہُنٛد سُہ لاوٗڈ سپیکر، یُس محلہٕ کمیٹی راج محمدس بطورِ
تحفہٕ دیُتمُت اوس۔ سُہ لاوٗڈ سپیکر باسیوٚو یِمن علی محمدس خلاف اکھ بوٚڈ
ثبوٗت۔ تتھ سپیکرس لجکھ تارٕ، سُہ کوٚرُکھ راج محمدس برٛونٛہہ کنہِ تانہٕ تانہٕ تہٕ
سُہ روٗد خاموشی سان ییہِ سورُے وُچھان۔ تس باسیوٚو وزن تہٕ دیُت کأنٛسہِ
تس ہٕٹؠ گرٛنٛدم تہٕ کوٚرُن خاموش۔ خأر ییہِ بدنصیب دوہ پیوٚو بأژ بأژ
سارِنے زوٗن۔ جُنید اوس تِمن دوہن ژٕہمہِ پران تہٕ دھانیاأ ٹھمہِ، یِم

اُس دونوے صُبحن سکوٗل گاۓمتۍ تہٕ شامن نی تم مامن تیۆٲرٕ ماتامال۔ گرٕ ٹیک یہٕ حال سنبھالنس لوٗگ رحتہٕ برابر وٗری۔ مگر یم زخم اُمی دوہن دِتی، تم بلیٚیہ نہٕ ازتام تہِ۔ امہٕ حادثہٕ پتہٕ کیٚنژھ وٕہری مو یہٕ علی محمدس موج۔ یہٕ خبر دِژکھ علی محمدس سرکاری فونس پیٹھ۔ تمہِ دوہہ کریٚہ علی محمدن جنن گرٕ گژھنہٕ خاطرٕ مگر اِجازتھ میوٗلُس نہٕ۔ واریاہہ دوٗہی پتہٕ وٲژتس مأئلی سٕنزٕ چٕٹھی، یوسہٕ ازتہِ علی محمدس چندس منز تعویزکی پأٹھی چھےٚ۔ جے پور جیلس منز اوس تمن دوہن علی محمدس پیٹھ سبٹھاہ ظُلم۔ تِکیازِ کیس اوس نیشنل اِنویسٹِگیشن ایجنسی پننین اتھن منز نیوٗمُت، تہٕ ایجنسی اُس اُمی سِندِ ذریعہِ برٕہن دہشت گردن تام واتُن یژھان۔ اوہند زیادٕ تر وَخ اوس اِنٹروگیشن سینٹرن منزٕ ے گُذران۔ یمن دوہن اوس اُہنِدس رَتس تہٕ عأرقس آسان گُنےٚ گومُت۔ علی محمدٕ نی بدقسمتی اُس یہٕ زِ سہ اوس نہٕ کُنہِ وَتہٕ پننٕ بےٚ گونأہی ثأبت ہرکان کرِتھ۔ پُلسہٕ اوس کورٹہٕ پیٹھٕ ریمانڈن پیٹھ ریمانڈ اَنان، یٚیمہِ کنٕی ظُلمچ وأنس ہُران اُس۔ تمہِ دوہہ تہِ اوس علی محمد ریمانڈٕ پتہٕ سیٚلہِ منز پیٹھ زِ پُلسہٕ وول آوتس نکھ، سبٹھاہ کم گاش اوس سیٚلہِ منز۔ علی محمدس اوس اُچھن دُگوش، تس آو فقط پُلسہٕ وألی سُند بوٗٹ اتھِ۔ ہیوٗرِ کُن کلہٕ تُلنک توانگراوس نہٕ تس۔ پُلسہٕ وول بیوٗٹھ پتھر، علی محمد تُلن زمینہٕ پیٹھٕ تھوٗ دتہٕ تھوٗن لبہِ ستی بیٚہنأوِتھ۔ پتہٕ چووٗن ترٕ لیٚش یٚیمہِ کنٕی علی محمدس حبس پھیوٗر۔ اُتھی منز پلہٕ نأونس چٕٹھی۔

''آپ کے لئے گھر سے چھٹی آئی ہے۔''

گرٕ لفظ بوٗ زِتھ آو علی محمدس ہلکہٕ اُسُن ، تِکیاِ زِ تِھنٛدِ خاطرٕ اوس تو ہنٛد گرٕ وارٕ وارٕ دوٗران۔ موج مرنہٕ ستیٚ اوس گوڈٕے لتس یِیمہٕ کتھِ ہُنٛد ایٚحساس گومُت زِ تو ہنٛد اول موکلیو و۔ اوَے آوتس گرٕ بوٗ زِتھ اُسُن ہیوٗ۔ خاٗر ، ہمت کٔرِتھ رٔٹ تٔمۍ چِٹھۍ اتھن منٛز ، لفافہٕ ژٔوٹُن دنٛدَو ستیٚ تہٕ لٔاجن پرٕنۍ۔

''علی محمدا...... یِنہٕ ژٕ سونٛچک زِ چانہٕ تکلیفک اندازٕ چُھنہٕ مےٚ ، مےٚ چھُنہٕ پَے زِ ژٕ ےٚ ستیٚ کیاہ آسہِ سپدان۔ ماجہِ یِیمہٕ وِزِ امانت دِیُتُے ، تمہٕ وِزِ وۄن تمہٕ جنت گارِنہٕ زِ علی محمدا ئُن گُنہِ طریقہٕ واپس ، میٲنۍ یہٕ کاٗم کرتہٕ ! مگر میٲنۍ بےبسی ، مےٚ ہیوٚک نہٕ چانہٕ ماجہِ ہُنٛد یہِ آخری ارمان پوٗرٕ کٔرِتھ۔ مےٚ چھُنہٕ پانس پَے زِ ئہ ہکبتھاہ ژٕ زِنٛدٕ پانہٕ وُچھِتھ کِنہٕ نہٕ۔ تیٚچ ووٚمید چھےٚ مےٚ ترٕ اوٚمژ۔ تِکیاِ زِ نیرنہٕ وِزِ چھُ مےٚ چانہٕ ماجہِ یہِ وعدٕ تہٕ دیُتمُت زِ ئہ پژارٕ ناوِن نہٕ سوز ئیادٕ کالس۔ خاٗر ، ترٕ اویہِ سأنۍ کتھ ، ژٕ وَن ، چون اتھٕ چھا تتھ بلاسٹس منٛز اوسمُت کِنہٕ نہٕ ؟ یوٗ دوَے ژٕ ےٚ غلطی کٔرمٕژ چھےٚ ، تیٚلہٕ چھُ یہِ تکلیف چانہٕ خاطرٕ سبٕٹھاہ کم ، تیٚلہٕ منٛگہٕ ئہ خوداییس زِ ژٕ ےٚ گرٕ ژھی زیادٕ تکلیف دِنہٕ یِن۔ تہٕ اگر نہٕ ژٕ ےٚ یہِ غلطی کٔرمٕژ چھےٚ ، تیٚلہٕ زانہٕ ئہ خودا صاٗبس ستیٚ۔ تیٚلہٕ وُچھِ ئہ زِ یتھ دُنۍ یہس منٛز کس روزِ خداوندی پیٹھ یقین تہٕ بھروسہٕ۔ یہٕ لڑٲے تُلہٕ ئہ تیٚلہِ تس ستیٚ ، یِیلہِ نہٕ ژٕ ےٚ یہِ غلطی کٔرمٕژ

آسی۔ ژٕ آسکھ بس راج محمدُن علی محمد، بیٚیہِ آسی نہٕ کانٛہہ ناو۔"

تمۍ رٕٹ چِھٹھۍ زورٕ موچھنہٕ دوٕن منز "ٹاٹھیا! ئہ ہا چُھس بے قصوٗر۔ مےٚ ناچُھنہٕ کانٛہہ خطا، تہٕ نہٕ چُھم کینٛہہ پَے۔ مےٚ ناچُھنہٕ تمہٕ جایہِ ہُنٛد تہِ علِم، بیٚیتہٕ یہِ دھماکہٕ سپُد مُت چُھ۔ ئہ ہا پھسیوٗس بےٚ گوناہ۔ میانٛس پرٕزس پیٹھ ناچُھنہٕ کانٛہہ تہِ یقین کران ٹاٹھیا۔ مےٚ ہا مارن یم یمِنے بند کمرن منز شاید۔ مےٚ ناترٕ اوٗن نہٕ یم یلہٕ......"

اُتھۍ منز آوسیلہِ ہُنٛد درواز ٹاس گٕرتھ مُژرنہٕ۔ علی محمدن تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ دروازس کُن ترٛ اوٗن نظر۔ تس باسیوٚ وگاشہِ سُہلا باکھ اندر اژان۔ دُہلی گاشہِ ستۍ پیوٚ وتس اُچھن ٹکر، تمۍ کرِ اُچھ بند۔ گوڈٕ کیاہ بند گژھہن، تمہٕ آسہِ مارٕ ستۍ ہُنیمژٕ، بتِھس تہٕ جسمس اُسی صرف نیلہٕ داغ، پَلو تہِ اُسی خوٗنہٕ ستۍ برِتھ۔ تتھے درواز بند گوٚ و، گاش موکلیو و، علی محمدن ہیچِہ پننہِ اُچھ کھوٗلِتھ۔ برٛ ونہہ کنہٕ وُچھن مول، راج محمد......

"ٹاٹھیا ژٕ!! ئہ ہا اوسُس وُنۍ چانۍ چِھٹھۍ پران۔ ژٕ کتھا پاٹھۍ ووتکھ یور ٹاٹھیا۔"

"اولادٕ دوٗد چُھ کینٛہہ تہِ کرناوان، کُن تہِ واتہٕ ناوان۔"

"مگر ژٕ کیاہ کرنہِ آکھ یور..... صحت تہِ چُھے نہٕ ٹھیکھ۔"

"ئہ آس بس یہِ زاننہِ زِ بلاسٹس منز اوساچون اتھٕ کِنہٕ نہٕ......"

"ٹاٹھیا، ئہ ہا چُھس بےٚ گوناہ۔ ماجہِ ہنٛزِ قبرٕ ہُنٛد قسم چُھس بے

گوناہ۔مےٚ چھینہٕ کہنہٕ تہٕ پَے۔ ئہ اوٚ نہٕس یَمو کاٹھمنڈ وپٹھ رٕٹتھ۔أسی أسی وُنہٕ توروا تأنی زِیَموترٛ اُوتھف۔''

''ازشیہلاوتھم وأنِج۔ از سۄزتھس سیوٚ ڈُے جنتس۔ ووٚنی نا منٛد چھِنہٕ بوٚتس نِش گرٛچھنس۔ ووٚنی ہاہمہٕ ئہ بوٚزِتھ پرٛتھ کأنسہِ تہٕ تس تہٕ......ژےٚ پوری نہٕ کانٛہہ۔ازنہٕ تہٕ پگاہ واتکھ ژٕ یَز تہٕ سان گرٕ۔''

''بہوٚ ٹاٹھیا۔''

''نا، فُرصتھ نا چھم نہٕ، أزی چھُم واپس نیرُن۔''

أتھی ءسٔتی گوٚ وِدرواز یلہٕ، گاشس ءسٔتی ژاو پُلسہٕ والین ہُنٛد اکھ ہجوٗم تہٕ اندر۔ راج محمدس دیُت تَمو کُنٕے دھکہٕ نبر۔نچوٚس ژٕج کُنی کرٛ بکھ نیرِتھ ''ٹاٹھیا!!''۔

''کیا بات ہے علی محمد، گھر پر سب ٹھیک ہے۔'' پُلسہٕ وول اوس تس بڑٕ وٕنہہ کنہِ۔ تِمی تھوو علی محمدس پھیکس پیٹھ اتھ تہٕ پرٛژھنس ''آپ کس کا نام لے رہے تھے۔''

''یہاں کوئی آیا تھا؟''

''نہیں تو۔ بس میں ہی ہوں یہاں۔ یہ چِٹھی تو میں نے تمہیں دی۔ کیا لکھا ہے، گھر پر خیریت سے ہیں؟''

''ہاں۔ خیریت سے ہیں۔ سب خیریت سے ہیں۔'' أتھی ءسٔتی چھُ علی محمد أچھ بند کران تہٕ گاڑی چھےٚ رٕنی وأرِس نکھٕ واتان۔

''أسی کوٚت ساوأتی جُنید صأبا۔''

''أسی حض ہیٚتِن ملہٕ کھاہ نش واتنی۔''

''ٹوٹھ چھنا پیٚتی!''

''آہن حض آ۔ کیٛاہ ذٕلیل!''

''بس نظر دِمہٕ ہس۔ گأڑی رُکأوی زِ۔ مےٚ ہأوی زِ تتھٕنز قبرٕ کتھن چھےٚ۔ مےٚ چُھنہٕ پیٚتہِ وَنی یوان کینْہہ۔''

''ٹھیکھ حض چُھ۔''

گأڑی روٗزِ پکان مگر علی محمدس اوس نہٕ کہنْی تہِ سمجھ یِوان۔ ترٕ ہن ؤری ین منز اوس تس سورُے بدلیوٗمُت باسان۔ یِمہٕ سڑکہٕ، دُکان بیترٕ، کہنْی تہِ اوس نہٕ تس وَنہِ یِوان۔ رٕنی وأری ہسپتال تام اوس بدل شکلہِ منز۔ گأڑی رُکییہ ملہٕ کھاہس نکھٕ۔ جُنید ووٗتھ گاڑٕ منز بون تہٕ دأر کھوٗلِتھ ووٗلُن علی محمدتہِ پأنس سٟتی تہٕ ژوٗنُن ملہٕ کھاہ۔ ذٕچھنی کھووٕری آسہٕ صرف قبرٕ۔ دوٗر دوٗرتام بس پیٚری تہٕ پیٚربن ہٕندِس اتھ سمندرس منز لچھٕ بُدی وبد اکھ تہٕ کرٕ بکہٕ۔

''پیٚرٕ قبرٕ!!''

''یہِ نہٕ حض گوٚ ونہٕ کہنْی ٹاٹھیا، سأرِے کٔشیرٕ حض چھےٚ قبرٕستانو سٟتی بٔرِتھ۔ نمتہٕ پَتہٕ حض موٗدی ساسہٕ بُدی لُکھ بےٚ گوناہ تہٕ بےٚ قضا۔'' علی محمدس گوٚ ونٟچوی ہٕنزٕ آوازِ منز اکھ شرارتُک احساس۔ یٟتِس کالس وأتی

تم راج محمد نہٕ قبرِ نکھٕ۔

''یہِ کیاہ حض چھےٚ ٹاٹھی ہشز قبر تہٕ ہتی چھےٚ آپہٕ جنت گارِینی۔''

علی محمدن ترٛاو دوشوٕنی قبرن پیٹھ نظر تہٕ اوٕرِ یورتہٕ گٔرِن نظر۔ اتھی منز بیوٗٹھ پتھر تہٕ مالٕی ہٕندِس پیٖرِس پیٹھ تھووٗن اتھ۔ ''ٹاٹھیا، بہٕ ہا آس۔ مےٚ نا کھوٚت نہٕ کانٛہہ جُرم۔ بہٕ ہا کوٚرہس باعزت رہاگر وخ ہالوٗگم واریاہ، تمہِ خاطرِ ہادیٖزِ مےٚ معافی۔ مےٚ ہاآس زندگی ہنٛز وومید ترٛاوٕمٕژ۔ مےٚ اٝہے نہٕ راے زِ بہٕ کیاہ یمہٕ واپس۔ مگر چانہِ لڑایہِ ہازیوٚن تہٕ تس ہاپیٚو ویزی ہارُن۔ بوزان چھکھا ٹاٹھیا، ژےٚ ہازیوٚنتھ۔'' امہِ پتہٕ چھُ علی محمد اچھ بند کران تہٕ مالٕس تہٕ ماجہِ فاتحہ پران۔

''مےٚ چھُ باسان مرنہٕ وِزِ آسن نہٕ مےٚ چانٛی اتھ نصیبس۔''

''یہِ کیاہ حض چھِو ونان ٹاٹھیا۔''

''یٖتہِ چھا روزگارٕچ کمی زِ ژٕ گژھکھ نیپال اندرشال تہٕ قالیٖن ہٕنتھ۔''

''ووٚنی حض چھُ ضروٗری، اوٗ تام اوس عیال کم ادِ نیران اٝس زٕڈ مگر ووٚنی نحض اندِ۔ ووٚنی بڑیےٚ شُری تہٕ شُربن ہتی تہنٛزِ ضرورتہٕ۔''

''یہِ چھےٚ ژےٚ وہم علی محمد ازِ ژٕ کیاہ چھہن عیال پالان۔ پالن وول ہا چھُ سُے۔ رزِق دِنہٕ وول تہِ چھُ بس سُے۔ انسانن تام چھُنہٕ کہنی، ژٕ تہٕ بہٕ چھِ فقط بہانہٕ''

''بہانٔے صحی مگر ووٹھ ژھانٹ چھےٚ کرِنی ، یوٚتے ما واتہٕ ناوِ کاثٕہہ ۔''

''سو ووٹھ ژھانٹ پیہِ نایٚتہٕ تہٕ کرنہٕ ۔ ساسہٕ وادمپل دوٗر گرٕ ژھنٕج ضروٗرت کیاہ چھےٚ ۔'' امہِ پتہٕ گٔیہِ پیٚنٛژِنس کھنڈس ژھوپہٕ ، ماجہِ باسیٚو زِ راج محمدن کوٚر علی محمد لاجواب ، سو چھےٚ مٔنزی ووتھان تہٕ خانہٕ دارس ونان ''ووٚنی یِیلہِ ونان چھُ ، جلدی یِمہٕ واپس ، دِس گرٕ ژھنہٕ ، یٚیتہِ کیاہ کرِ ونٛدس منٛز ۔ کارخانہٕ تہِ روزبس بنٛدٕ ے ، ئلی لگنس یٚیتہِ نارٕ ٔتی ، کم سے کم وُشناوِ تتہِ شانہٕ ۔''

''نیپال اندر گرٕژھن چھُنہٕ سہل ماملہٕ ، سُہ تہِ کأشُر مسلمان !''

''کأشرِس مسلمانس کیاہ ہِنٛگ چھا ، یہِ کیاہ چھکھ وَنان ۔''

''ژٕ نے تری نہٕ فکر ۔'' راج محمدن گٔر ژھوپہٕ ، علی محمد ووٚتھ بیہِ مأٔلس کُن :

''بہٕ نا چھُس نہٕ کُن ٹاٹھیا ، مےٚ ہا چھِ بیہِ زٕ ترٕ ے دوست ستی ۔ یوٚ دوَ ے شالہِ ہتھ کھنڈ ، قالینہٕ پانٛژھ داہ ووتھن غلط چھا کینٛہہ ، ۆری نیرِ اصل پأٹھی ، کأم تہِ ژھوکیہِ ناووٚنی ۔''

علی محمدٕنی خانہٕ دارِنٛز رٔحت اُس ئلی ٹاربو خانہٕ دارس وُچھان مگر ونان اُس نہٕ کینٛہہ ۔ ہَشہِ ہیٚہرس تھی اُس تس کتھ کرنس واریاہ شرم یِوان ، حالانکہِ شُراہ سداہ وٗری اُسی خاندرس گأمتی ۔

''چلوٹھیکھ چھ مگر یتھے مارچ پیہ، ییتہٕ کڈی زِ تھک، آ۔ اتھ شرطس پیٹھ چھے گرِھن۔''

''ٹھیکھ حض چھ۔'' مأژی سُند اجازتھ رٹتھ باسیؤ وتس زِ ووٗنی ہیکہِ نہٕ نیپال گرِھنہٕ نِش تس کانہہ تہٕ رُکاؤتھ۔ یہِ اُس کُنوٗہ شتھ تہٕ کُنہٕ نمتھ کشیر۔ ژھووا پاسیے اُس ژھوپہ تہٕ دُہی ژھیتہٕ، پیٖی اُس نہٕ زِ سپدن وول کیاہ چھ تہٕ سپدان کیاہ چھ۔ مُنزِ مُنزِ اوس کُنہِ سرکأری بسہِ منز بم بُلاسٹا گرِھان تہٕ لُکھ اُسی عام پأٹھی ونان زِ یہِ چھے سینٹرچ چال مگر سنان اوس نہٕ کانہہ۔ خأر ہرِ دِ کالُک پرتو اوس ژھووا پاسیے لبنہٕ یوان، ٹوریسٹ سیزن تہٕ اوس یہِ ڈِی زِ تہٕ ختم گومُت تہٕ علی محمد تہٕ اوس ووٗنی اتھ ماحولس ژھون رتبن ہِنْدِ خأطرِ الوداع کرنہٕ باپت تیار۔

''ٹأٹھی ہِنْدِ خأطرِ چھِ ژور ربتھ کم مگر میانہِ خأطرِ چھِ واریاہ زیادٕ۔'' رحتہِ تُجہِ پننہٕ نرِ تہٕ ترٛاوٕن علی محمدس نألی ...... زوٗنہٕ گاش اوس کمالس پیٹھ، سو تہٕ ہرِ دِ کالچ پوٗرِ پھوٚ جرِ زوٗن، زرزیمتین بوٗنہِ پنہٕ وُتھرن پتہٕ کنہِ زن تہٕ اُنی ژھیپرِ گنڈان۔ علی محمدس اُس برابر زوٗنہِ کُنی نظر۔ بہٕ یمہٕ جلدٕ ے واپس۔''

''جلد کوتاہ۔ ژور ربتھ!...... میانہِ خأطرِ چھِ ژے بغأر ژور دوہ کڈنی تہِ مُشکل، ژورن ربتن ہِنز چھینہٕ کتھے!''

''شُری ہیتِن بڑٕنی، یہنز خوأہشہِ تہٕ ہیژن بڑنہٕ۔ جُنید صأبس

چھُ کالجہِ ایڈمشن کرُن۔ دھاینا چھےٚ میٹرک کرناوٕنی تہٕ بڑوٚنہہ گُن پرناوٕنی۔ یہِ ماچھُ چون تہٕ میون زمانہٕ، اِدِکم تیٚپے پوٗر، مگر زِندٕ روٗدی۔ ووٚنی چلہِ نہٕ تہِ۔ ووٚنی چھُ سانین شُرِ ہن پرُن ضروٗری، اِدِلگن گُنہِ بال بچہِ۔ تہٕ امہِ خاطرٕ چھےٚ ووٚھژھانٹ ضروری۔''

''یٖیتہِ انِد ناکینٛہہ۔''

''پی اوس ٹوٹھ تہِ ونان، پانہٕ ہےَ وُچھان چھکھ زِییٚتہِ کم حالات چھِ بنان۔ یُہس توٗرنہِ فِکرے زِسپزن کرگوٚ وشروع تہٕ کرموکلیو۔ رہتہِ کالہِ کوٗرنہٕ کانٛسہِ یور ینس جرُت تہٕ وندس گُس یِیہِ، گُس ہیٚیہِ یور یتھ سون مال، اوَے چھُ ضروری زِ اُسی گرٛھواسامین نِش ووٚنی۔''

رحتہِ گرکینٛژس کالس ژھوپہ، سو تہِ اُس ووٚنی بسترٕ منٛزٕ زوٗنہِ بدستوٗ رتماشہِ وُچھان، یوٚ تام سو پَنہٕ وُتھرَوہیوٚ رکھٕرٛش تہٕ پوٕرسپز۔ دونوَے اُس ہُشیارٕ تہٕ دونوٕنی اُس دِیچ دُبرائے زن زوٗنہِ ہٕنٛدِ صاف پاٗٹھی بُتھ ہاوٗنہٕ ستی تیزپمٕژ۔ علی محمد پھیوٗ ر رحتہِ گُن۔ رحتہِ اوس زوٗنہٕ گاشس منٛز بُتھ زن پرٛزلان۔

''دأر کرکھنا بند.....'' ژِتھ وٕژھ خانہٕ دارس سبٹھاہ لوتہِ۔

''کیازِ؟''

''یتھ نِٔس زوٗنہٕ گاشس چھبس ئہ منٛد چھان۔'' علی محمد چھُ دأر بند کران، کمرس منٛز چھےٚ انہِ گٹہٕ ہُران تہٕ شِہہ تیزان، لفظ چھِ موکلان تہٕ

بے معنے آواز زنم لبان۔ واِر واِر چھِ دونوٚے اکھاٗ کی ہِنٛدِ ترٛ ہِتی وبگلان تہٕ قطرِ قطرِ اکھاٗ اَکس منٛز شرٛ پان تہٕ اکُے وجوٗد تیار گژھان، فِکرَو تہٕ پریشانیو نِشہِ دوٗر، وخچکہِ تہٕ جایہٕ ہِنٛدِ تصوٗرِ تہِ ہیوٚر۔ زوٗنہِ ہِنٛدِس ملاٗیم گاشس منٛز زن تہٕ پوشہٕ وٗتھرو پیٹھی پنہٕ پوشٕری وُڈو...... اُتھی ہِتی پوشہِ وٗتھر پٕنٛنی نوزُک وُٹھ کھوٗلتھ، شبنمی قطرَ وٕپنٛنی ترٛلیش ہُمر اوان۔ یہِ طلسّم چُھ کینٛژس کالس قایٔم روزان تہٕ ییلہِ یہِ منظر موکلان چھُ، زوٗن چھےٚ کنہٕ دارِ تل واٗ ژہٕرٕ آسان۔ رٕحت چھےٚ سوٗنچان زِ یہِ زوٗن گژھہ ہمیشہِ کنہٕ دارِ تلی روزٕنی، وَخ گوٚژھہ رُکُن تہٕ یتھ راٗژ گوٚژھہ نہٕ سحر نصیبس آسُن۔ مگر وخ قاٗد کرُن چُھنہٕ ممکن۔ زوٗن چھےٚ پنٛنِس مقامس واتان، صُبحہٕ پرٛوٕ چھےٚ راٗژ ہُنٛد طلسّم پوٗرٕ پاٹھی ختم کران۔ نِکہِ نِکہِ گاشہِ چھےٚ رٕحت منٛد چھِ ہٕیٕ بِسترِ منٛزٕ نیران تہٕ بیہٕ سُے سوال کران ''ژور رٕبتھ گوٚو واریاہ! منٛزٕ ہیکِکھ نا یتھ؟'' علی محمدس آو ہنگہٕ منگہٕ اَسُن تہٕ وۄننس ''یژھ راتھ چھےٚ وونی ژورِ ریتی پتے ممکن۔ جلدی کرِو، تم آسن گاڑی ہیتھ پکان۔''

''وٗلو وٗسو، ژور رٕبتھ گےٚ ادا۔'' گاڑی رُکیہٕ اَکس برٛڈِس بنٛگلس نکھہٕ تہٕ رحتہِ وۄن خانہٕ دارس کنس تل زن تہٕ طنز کران۔

''اَسی کوٚت واٗتی رٕحتی؟''

''پٔتُن گرٕ۔''

''یوٚ ہے چھا سون نوٚو مکانہٕ جُنید صاٗبا؟'' علی محمدن پرٛژھہ نچوٚس

حاۓران گژھتھ۔

''آہن حض، یوٚہے چھُ۔''

''دسبٹھاہ جان......'' یہِ وُنتھ دژاو علی محمد گاڑِ منٛز نبر، رٕحت تہٕ دھانیا دوٚنوے آسہٕ ستی کھڑا۔ تِمی ترٛاۓ و مکانس پیٹھ ہیرِ بون نظر، ترٛ پٕھر مکانہٕ اوس زن سأرِسے محلس منٛز تارٕکی پأٹھی نوٚن۔ پرٛانہِ مکانٕک کانٛہہ تہٕ نشانا اوس نہٕ اَتہِ دژٕنٛٹھی گژھان۔ فقط اوس سُہ بونہِ گُل تِتھے کنی اِستادٕ، زن تہٕ از کالس، پتھ کالس ستی جوڑان۔ أمی بونہِ گُلی دیُت علی محمدس تہِ وبتارزِ کیأری کیاہ چھُ سپدمُت۔ مکانس أندی پکی تہٕ أندرٕ اوس سورُے محلہٕ جمع گومُت۔ سأری أسی علی محمدس وُچھن یژھان، تِکیازِ علی محمدٕنی ذِکر أس واریاہن اخبارن منٛز آمُت، واریاہن ٹی وی چینلن پیٹھ تہِ أسی بحث تہِ سپدی ٕمتی، اَمہِ کنی اوس لوکٹھن بڑٕہن أمس وُچھنٕک اِشتیاق۔ جُنید ن اوس از مألی سٕنٛزِ خوٚشی منٛز واز وان لگومُت۔ علی محمد گوٚ وسارِنٕے ستی ژٕسی پوٚسی کران تہٕ بڑٕ وٕنہہ پکان۔ اڈٕہن زانہِ ہے سُہ تہٕ اڈٕہن اوس ژٕلی آنکہٕ وِنی کنی سلام کران۔ دھانیایہِ أنی پننٕی شُری زِ تہٕ سمکھاوِن بُڈی بٕبس۔ تس أسی دُکہِ ویرِ زٕ لڑکہٕ زاٚمتی، راشد تہٕ امجد۔ دوٚنوے أسی أٹھمہِ پران۔ دوٚنوے آے تہٕ کوٚر رُکھ بُڈی بٕبس نالہٕ موٚت۔ علی محمدن تہِ کٔری نکھ ڈبکن پیٹھ میٹھی۔ امہِ پتہٕ أنی جُنیدن پننٕی شُری، فیروز تہٕ شازی تہٕ سمکھاوِن پننس مألِس۔ فیروز اوس حضرت بل کِس نیشنل ٹیکنالوجی اِنسٹیچوٹس منٛز

انجینیر نگ کران تہٕ شازی اُس میڈیکلس منز داُخلہٕ ہِنہٕ باپت تیأری کران۔ علی محمد گۆو شُر بن ہنٛدی شُری وُچھِتھ سبٹھاہ خوش۔ تس گۆو یہِ ایحساس تہِ، زِتس پَتہٕ چھےٚ تٔہنٛدی نچوِی سبٹھاہ ترقی کرٕنۍ۔ یۆ دوَے سُہ پیٚتے آسہِ ہے، تیٚلہِ اوس نہٕ شاید یہِ ممکن۔ جُنید اوس نہٕ زیاد پۆر مُت لیۆکھمُت کینٛہہ، مشکلاً کۆرُن امر سِنگھ کالجہِ پیٹھٕ بی اے پاس تہٕ بُڈی بب ہنزٕ سُفأرشہِ ستی لوٗگ پُلسہٕ محکمس منز سب انسپکٹر، مگر یہِ پیٚٹھ حثیت کِتھ پأٹھی سپز حأصل...... یہِ سوال رُوٗد علی محمدس أندری گنان۔ یِنہٕ سُہ وأنسہٕ گرتھ ہیوٚک، یِنہٕ توہند مول گرِتھ ہیوٚک، تہِ کۆرأمی بس کیٚنژون وٕریَن منزٕ ے...... یہِ اوس واقعی علی محمدس تہِ اکھ چلینج۔ خأر، یِمہٕ گیہِ أندرِمہِ کتھٕ تہٕ أندرِم سوال، نیٚبرٕ اوس واز وان طٔیس پیٹھ۔ پژھی گے کأنی پیٹھ أکِس بڑِس ہالس منز بَتہٕ کھوان تہٕ علی محمدس اِجازتھ ہیٚتھ نیران۔ علی محمدس اوس پنُن پان سبٹھاہ لوٗکُٹ باسان۔ سُہ اوس سونچان زِ ترٛہ وٕری ضایہِ گژھنس چھایہِ پیٹھٕ لگہٕ۔ خأر، شُربن ہنزٕ مرضی بزٕونہہ کنہِ کیاہ کرِ ہے۔ شام تام رُوٗز یہِ ووسہٕ درٕ وسہٕ جأری۔ شامن اُسی یم پیٚنزٕ بأژ، دھانیا، تٔہنٛدی شُری تہٕ توہند خانہٕ دار بشارت صأب۔ ووٗنی پیٹھی یم بتہٕ کھیٚنہِ۔ تیٚتھے علی محمدن ترٛامہِ اتھٕ وول، تیٚتھے گیہِ نیٚبری سایرَن تہٕ گاڑٕ بن ہنزٕ آواز۔ علی محمدس گۆو شک زِ پُلسہٕ چُھ شاید تس ییہِ کتھ تام مالس منز ژھانڈان۔ تمۍ کۆڈ رَسے ترٛامہِ منزٕ اتھٕ نبر۔ جُنید دژاوگنی دورِ نبر تہٕ

سأرِے کمرس گیہِ عجیب خاموشی۔ سأری لگی پنٕنہِ پنٕنہِ جایہِ سوچنہِ زِ ذٔلیل کیاہ چھےٚ۔ أتھی منز ژاو جُنید کس تام مہمانس ستی کتھ کران اندر۔ مہمانس أسی أندی پٔکی سیکورٹی وألی بندوق ہتھ۔

''ٹاٹھیا، یِم حٕض چھِ الطاف صأب، یٚیمہِ علاقکی ایم ایل اے تہٕ ٹرانسپورٹ مِنسٹر توہہ سمکھُن یژھان۔''

''اسّلام علیکم مِنسٹر صأب، تشریف تھأوِو۔'' مِنسٹر چھُ علی محمدس ستی اتھواس کران تہٕ کُرسی پیٹھ بہان۔

''بڑ تکلیف دِیُت ہوو توہہ یِموٚ جیٚنو، اکھا اکھ ظُلم چھُ ییٚتہٕ لیٚکھِت جناب۔'' مِنسٹر وۄتھ سارِنے کُن وُچھان تہٕ علی محمدس ستی ہمدردی جِتلاوان۔

''پنٕنٕے تقدیر نے بدآسہِ ہے الطاف صأب، بٔہ کیاز یِمہٕ ہاہنگہٕ منگہٕ ولنہٕ۔''

''ہانٕہ حٕض۔ یِنہٕ حٕض چھُنہٕ تقدیر بیترِ کینٛہہ، یہِ حٕض چھےٚ فقط تہنٛز پالیسی، یتھ تحت تِمن مسلمان تنگ کرُن چھُ، سُہ تہٕ کشیرِ ہُنٛد مسلمان۔''

''ؤلہِ حٕض ووٚنی کیاہ کرو، شک گوکھ تہٕ نیٚؤ ہس۔''

''شک نہٕ حٕض شکہٕ پژاہ۔ تژہن ؤری ین چھا حٕض شک روزان۔ تژِہ ؤری حٕض گوٚو واریاہ۔ توہہ ماچھےٚ پےٚ یِمن تژہن ؤری ین کُس سُہلاب آو ییٚتہِ...... کأتیاہ بےٚ گوناہ مۄدی، کأتیاہ گےٚ یتیم تہٕ کأژاہ

گیہِ بچارِ......"

"آہن حض۔ یتھ سانہِ کشیرِ چھ خبر کیاہ ڈیشن۔"

"ہتہٕ حض اکہِ اکہِ غلطیہِ ہُند حساب ہمو کھ، توہی رٕ زِ و بلا وسواس۔ ووٚنی چھینہٕ سو پڑ اٚنی دلیل۔ ووٚنی چھُ قوم بیدار تہٕ ووٚنی چھےٚ یِکہٕ وَٹہٕ کاٗم کرنٕچ گر۔ توہی بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ تہٕ اٚسی پتہٕ پتہٕ۔"

"الطاف صاٗب مذاق چھِوٚ ٹھیکھ کران۔ ئہ کیاہ کاٗم ہیکہِ ووٚنی گٔرِتھ۔ ئہ بۄزی تَو ووٚنی آفتابِ کوہی۔"

"کیاہ حض چھِوٚ ونان علی محمد صاٗب۔ ووٚنی چھِ توہہ کاٗم کرٕنی، پٔنٕنی تجربہٕ نَوِ پُیہِ تام واتناوٕنی، پٔنٕنی قوربٲنی بیان کرٕنی تہٕ پننہِ بے گوناہی ہُند یَنامہٕ رَٹُن۔"

"ولہٕ حض وُچھو کیاہ آسہِ خودالیس منظوٗر۔ وٕتھِو پٹھر اٚ وِ واتھٕ تہٕ بَتہٕ کھیمَو۔"

"ویسے اٚسِو توہی بَتہٕ کھوان تہٕ مےٚ گٔری موٗتنگ۔" منسٹر صاٗبن بووپنٕن خدشہِ۔

"بلکل نہٕ منسٹر صاب۔ یِکہٕ وَٹہٕ کھیمَو، یِکہٕ وٹہٕ کھنبس چھےٚ برکتھے بدل۔" جنید صاٗب آو منسٹر صاٗبس نزدیک۔

"بَتہٕ چُھنہٕ مےٚ کھیوٚن جُنید صاٗب، البتہٕ گوشتابس وُچھونٕوٚن، تتھ چُھنہٕ حرٕج۔ ووٚنی بۄزِ و مریضے سٲری، ڈاکٹرن چھُ شامُک بَتہٕ بند

کۆ رمُت۔"

"بِلکُل حض، ڈاکٹر چھِ ازکل گوڑِ بتہٕ بند کران۔" علی محمد چھُ ڈاکٹر صأبنہِ کتھ سنجیدگی سان بوزان تہٕ تِمن جواب تہٕ دِوان۔ أتھی دوران أنی وازن گوشتابہٕ تہٕ رِستہٕ دیگچہِ وأر برٛونٛہہ کُن، جُنید صأبن أنی کینٛہہ پلیٹہٕ، چھٕرِ تہٕ کانٹہٕ۔ مِنسٹر صأبس برٛونٛہہ کنہِ لۆگ ٹیبل تہٕ أتھی پیٹھ آے پلیٹہٕ بیترِ سجاونہٕ۔ مِنسٹر صأبن تہٕ تِہنٛدی سیکورٹی عملن کھیے گوشتابہٕ تہٕ رِستہٕ یڈ بٕرِتھ۔ مِنسٹر صأب وۆتھ اتھِ صاف کران علی محمدس کُن "تُہنٛدِس بابہِ صأبنٛی سو بانگ چھم ازتہِ کنن منٛز گرزان۔ مجال چھا از دِیہِ تِرٛتھ بانگ کانٛہہ، تہٕ تیُتھ اثر آسہِ تتھ منٛز!" علی محمدس پیۆ وامہِ ستی یکدم سُہ لاوُڈسپیکر یاد، تہٕ سۆنچُن زِ یتھ نۆس مکانس منٛز کتہِ آسہِ تتھ جاے میچھٕر، سُہ آسکھ ژھوٚلُس ستی تژٲوِتھ ژھنمُت۔ سُہ اوس یِی سونچان زِ مِنسٹر صأب وۆتھ نیرنہٕ خاطرِ تھوٚد، علی محمدس تھوٚون پھیکس پیٹھ اتھ "دِیو مےٚ اِجازتھ، أزی کہِ پیٹھ گری زیٛون پٔنُن ذہن اَمہِ خاطرِ تیار۔ پارٹی چھےٚ بٔنتھ، توٛہہ چھےٚ اچھ قیادت مٔتہِ، سورٕے چھُ پانہٕ وُچھن، مےٚ ماچھُ موکجار......" یہِ وٕنتھ چھُ مِنسٹر صأب نیران، جُنید تہٕ بیہِ کینٛہہ لڑکہٕ چھِ أمِس نبر تام ستی نیران۔ بیٛیہِ چھےٚ سایٕرن گرٛزھان، گاڑٕن ہنٛز آواز وۆتلان تہٕ وارِ وارِ سوتان۔ بتہٕ کھبتھ چھِ سأری پنٕنہِ پنٕنہِ کمرن منٛز واتان۔ ازتہٕ اوس سُے زۆنہٕ گاش، علی محمد واتہٕ نووِ پنہِ آشنہِ پنٕنِس کمرس

منز۔ کمرٕ اوس بلکل بونہٕ طرفٕ مگر مختلف۔ سبٹھاہ بوٚڈ تہٕ بہتر سجاوِتھ۔ ریشمی قالین فرشس، اے سی بیترِ لگتھ تہٕ منزٕ باگ ڈوٗنی ہچوٗ بڈ۔

''جُنید صابس وۄن میٚے زِ مالِس گرٕھی یِیٲری کمرٕ آسُن...... تکیاہ زِتھنزٕ زۄن چھےٚ یِیٲری کھسان۔''

''کھسان اٗس مگرٕ وونی کتہٕ! ترٕہ وٗری گےٚ زۄن وُچھنس۔ پتن چھم نہٕ افسوس، افسوس چھم چون زِ پانس ستی دژمےٚ نہٕ ژٕےٚ تہٕ یہٕ زۄن وٕچھنہٕ......''

''اسہِ دۄن چھُ پانہٕ وأنی الحاق۔ یِیلہِ وُچھون تیٚلہِ یکہٕ وٹہٕ، نتہٕ نہٕ کہنٕ۔ یہِ چھےٚ تھنزٕ پلوٗ المأری تہٕ کمرس ستی چھُ سرٗانہٕ کُٹھ تہِ، گرم آب تہٕ سرٕ دآب، دۄنوٗےٚ چھِ میسر...... وونی لگہِ نہٕ سرٗان کرِتھ توٗہہٕ ژھٹ''

''جان مکانہٕ چھُ جُنید صأبن بنوومُت، خوداہ ییٚژھنس چھاوُن، مگر مےٚ ونتہٕ زٕحتی، پُلسہٕ محکمس منز چھا یوٚت تنخواہ، کینژن وٗری ین منزٕ ےٚ بنیہِ ییژٕ بڈٕ سلطنت۔''

''یُتےٚ یوت چھُنہٕ، جو مہِ تہِ چھکھ مکانہٕ ہیوٚتمُت۔ ونڈس چھُ رتبس کھنڈس عیال ہتھ تو رتہِ گژھان۔''

''تیٚلہِ چھُنہٕ تنخواہ پوٗنسہٕ۔''

''تیٚلہِ چھا رَشوٕرتان؟ لٲجتھ ژٕےٚ اورٕ یوٗنےٚ کاروأئی۔ یہِ چھُ کران تہِ چھُ کران، اسہِ چھُ آرام دِوان، تہٕ چھُنا کأفی۔''

''بِلکُل کأفی......''

''پکوٗ کرِ ووٗنی آرام۔ بہٕ تھٕچس دوٗہس، توٗہیٖ تہٕ أسِو تھٔکِمِتۍ۔''

''پِتم ترٚہ وٕری گےٚ بس تِتھے پأٹھۍ...... تھٔکۍ تہٕ، ہمت تہٕ ہأر، پریشان تہٕ گےٚ، قٔسمتس پٮ۪ٹھ کوٗرافسوٗس تہٕ، اَنہٕ گٹہٕ کوٗٹھرِ ہن منٛز ووٗدتہٕ، پتۍ مِبن ترٚہن وٕری ین منٛز کوٗ روارِیاہ......''

مٔشراوو ووٗنی تہٕ سوٗرے، از کرٚوأسی بیٚیہٕ تتۍ پٮ۪ٹھ شروع، پیٚتھن یہ زندگی اسہٕ ترٛاوِیہٕ، یاد چھیہٕ!''

''ہمت موٗکلیٚیے، جسم موٗکلیوٗ مگر یاداش ہیوٗک نہٕ موٗکلِتھ۔''

''ژکونہٕ بڈس پٮ۪ٹھ بہان۔''

''نہٕ۔ بہٕ شوٗنگہٕ پتھر، پیٚتھن دارِسیوٗد، پیٚتۍ چھنا بوٗنہٕ پتہٕ کنہٕ زوٗن اتھ یِوان۔''

''یہٕ زوٗن زرد یہٕ یِمن ترٚہن وٕری ین منٛز۔ ووٗنی چھنہٕ اتھ گاشس تہٕ کانٛہہ حسر۔''

''توتہٕ چھےٚ زوٗن، میانہٕ پتھ کالچ گواہ۔''

رٔحت چھےٚ علی محمدٕنی پرٚتھ کانٛہہ کتھ دِلہٕ جانہٕ بوزان۔ سو چھینہٕ یژھان زِ یمہٕ یور گژھ ہتس کانٛہہ تکلیف لگن۔ سو چھےٚ بوٗنہٕ گنی بسترٕ سجاوان تہٕ شوٗہنگنچ کوٗشش کران، مگر ہنٛدر چھےٚ دوٗشوٗنی زن غأب آسان۔ دوٗنوٗے چھِ گہے اَسمانس تہٕ گہے تالوٗس وُچھان روزان۔ وَننہٕ خأطرٕ تہٕ پرٚژھنہٕ

خاطرِ اوس دوشوٕنی نِش واریاہ مگر تمیٚک آغاز ِکتھ سپد، تمیٚک اوس نہٕ دونوٕنی پےَ۔ اَخر کرر حتی کتھ، سوپھیر خانہٕ دارس کُن۔

''ٹوٹھ تہٕ موج گےٚ چونےٚ ہیٚہہ ہتھ۔''

''پےَ چھم۔ ٹاٹھِس کیٛاہ آسہِ تمہِ وِزِ گُدریوٗمُت، ییٚلہِ تمیٚ کرٕ سو منحوٗس خبر بوٗزمژ آسہِ۔''

''ژون دوہن چھنہٕ تژ لیش تہِ چیمژ، رننگ پاکونک اوس نہٕ سوالے۔ نہ روٗ ددوہ کُنہِ تہٕ نہ راتھ۔ ٹوٹھ جنتی پھیوٗرتھانہٕ پتہٕ تھانہٕ، کمن کمن منِسٹرن تژ آوٕن ٹوٗپی کھورن تل مگر اندیوٗس نہٕ کینٛہہ۔''

''اندِ ہِس کیٛاہ بچارس، اِلزامے اوس تیٚتھے، وُچھان وُچھان بنوو ہس ئہ دہشت گرد تہٕ مُلک دُشمن۔ اچھا ژھن یمن کتھن بلاے، مےٚ ونتہٕ یہِ جُنید صاب چھا نوکری علاوٕ تہِ بیٛیہِ کینٛہہ کران، میٛون مطلب چھ کاروبار بیترِ۔''

''نہ۔ تہٕنٛد سُہ کارخانہٕ کریٛوو اٰمی کٔہی حال بند۔ تتہِ یہِ سامانہٕ اوس تہِ بٲگرُن۔ صرف کرنوٗون سُہ اڈلیوٗک قالین مکمل، یُس ژےٚ اوٗڈ وۄنمُت اوسے۔ سُہ تھوٗون پتہٕ پننِس کمرس منٛز۔''

''تہِ کوٗرُن ٹھیکھ، مگر تنخواہس پتھ یہِ سورے کرُن چھنہٕ ممکن۔''

''یوٗ تام نہٕ آسہِ توٗ تام ِکتھ کرِ۔ خوداسوٗزی نس زیٛادٕ زیٛادٕ۔ تنخواہ تہِ چھس جان۔'' علی محمدن پرٛژھ تمِس کینٛژھن گھنٹن منٛزے یہِ سوال

دوپہ لٹہِ۔ أتھی ءستی گرٕ کھواریاھس کالس ژھوپہ۔ ژھوپہِ منزٕ ے پیوٚ وعلی محمدس سہ لاوَڈ سپیکر یاد۔ "مےٚ ونتہٕ زٕتی سہ لاوَڈ سپیکر کتہِ تھووہن، دأرِتھ دیتوٕ کِنہ موٗجوٗدٕ ے چھُہ۔"

"تمو پُلسہٕ والو کوٚر رتھ ڈاکھ۔ تانہٕ تانہٕ کوٚر رُکھ۔ پتہٕ وَنیو مے جُنید صأبس ترٛ اۭوِتھ ژھنَو، مگر تمی مون نہٕ۔ وُنُن "یہ چھُ ٹاٹھی سُند امانتھ تہٕ اتھ متعلق ہیکہِ کانہہ فأصلہٕ بس ٹوٹھے رَتھ۔"

"ٹھیکھ وُنُن۔ یہِ چھُ مُشیدِ ہُند امانتھ۔" امہِ پتہٕ گرٕ علی محمدن ہیٚیہٕ ژھوپہ۔ سہ اوس یم ترٛہ ؤری کتابہٕ ہٕندی پاٹھی ورقہٕ ورقہٕ پھرٕ نی یرٛھان تہٕ زانٛی یرٛھان۔

"مےٚ وَنتہٕ أمس دھانیایہِ ہُند خانہٕ دار چھا ٹھیکھ، میون مطلب چھُ گری کِنی چھا اوسوٗ دھاپے۔ مےٚ ماچھےٚ مول أستھ کُٹیک پَے۔"

"سبٹھاہ آسن وأرلی، یہِ سورُے گوٚ ونہٕ تتھ نِش رِکہنی۔ ژٕ ے ما وُچھتھ وُنہِ تہُند لسجنک بٕنگلہ...... شبن کنالن منز چھُ ژور پور بٕنگلہٕ۔ کیاہ ونَے ! خوداے دِیہِ نس چھاونہٕ۔ زن تہٕ کانسہِ بادشاہ سُند محل تہٕ أندرٕ کیاہ چھُہ، بہٕ ہیکے نہٕ بیانہٕ گرِتھ۔"

"مےٚ پرِژھوم نہٕ مکانک، میون مطلب چھُ بشارت صأب کیُتھ چھُہ۔"

"وُچھتھن ہے آدی، جُنید صأبنہِ کھوتہٕ زیادٕ شریف۔ بلایہِ

لجسس ،دۄ یم کتھ زانی نہٕ۔''

''کران کرٕاوان کیاہ؟''

''پننٕے کاروبار چھکھ نا، بٹھن ہُنٛد، تارکولُک تہٕ بێیہٕ چھکھ ہوٹل تہِ۔خوداین چُھنگھ اَتن تہٕ وَتن سۆزمُت...... کُن لڑکہٕ، نہٕ لمنس کانٛہہ نہٕ لۆچنَس کانٛہہ۔''

''شُکر تس ربُّ الکریمس کُن ، پانٔے کۆرُن دوٕنوٕنی چارٕ، ...... میٛون اتھٕ تہِ لۆگُھ نہٕ!''

''تہُنٛد اوسُکھ دُعأے خأر کرورَن برابر۔ رَحتہِ گوبییہٕ أتھی ستی أچھ تہٕ أتھی ستی ہێتی تمہِ کھرٕوکھ باوٕنی۔علی محمد اوس ترٕہن وٕرِین ہنٛدِس جمع تفریقس ستی آوٗر۔أمی أسی یم ترٕہ وٕری سیکنڈن منٛز تقسیم کرٕمتی تہٕ سورٕے وَحتہٕ کِس اتھ ملبس تل دفن کۆرمُت ، مگراز اوس سُہ وختٕک یہِ مَلبہٕ تُلُن یژھان۔ازاوس سُہ پننِس پتھ کالس ستی روبروسپدُن یژھان۔ یِی کران کران کرِ پێیہٕ تس ہنٛدٕر، تمیُک رۄدنہٕ تس پانس تہِ حساب۔دوہ دوہ گۆو گذران تہٕ علی محمد گۆو بدلے متیٛن حالاتن ستی وارٕ وارٕ سمجھوتہٕ کران۔ تس اوس بعضے یہِ ایٛحساس تہِ گژھان زِتس چھکھ شاید سزأیٔ موت دیتُمت تہٕ مُرتھ چُھ سُہ أکِس نٔوِس عالمس منٛز بیدار گومُت۔تتھ عالمس منٛز بێیتہٕ نہٕ سُہ رَحتہِ سوأے کانٛسہِ تہِ زانہِ ہے۔تس تِنہٕ ووٕنی زیادٕ، بس کم کینٛژھاہ، تِکیازِ سورٕے حسن آباد اوس مکمل پأٹھی بدلیومُت۔ نہٕ تمہٕ

سڑکہٕ، نہ کوچہٕ، نہ دُکان تہٕ نہ تِم پرٛانٛی مکانہٕ۔ حسن آبادٕ ے کیاہ، بلکہٕ اوس سوُرے شہر بدلیومُت۔ تس اوس نہٕ یہ تہٕ سمجھ یوان زِ یہ چھا پزی بدلیومُت کِنہٕ سے چھُ وختہٕ نِش تھوڑا الگ سپُد مُت۔ وونی روٗدنہٕ علی محمدس کانٛہہ کار تہِ کانٛہہ، سوائے ٹیلی ویژن وُچھن، اخبار پرُن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ چہٕ چاپہٕ چینہٕ۔ منٛزی منٛزی ییلہٕ تنگ اوس یوان، تیلہٕ اوس شُربن ستی دربارتہِ لاگان، اوٗ ڈاتھنٛد بوزان تہٕ اوٗ ڈاپٔنٛ ونان۔ فیروز اوس صُبحاٗے کالیج نیران تہٕ شازی اٗس گرِۍ امتحانٛچ تیاٗری کران تہٕ شامن کوچنگ کلاس تہِ اٹینڈ کران۔ خبر کیاز زِ اوس نہٕ علی محمدس شازی ہنٛدِ وٕتھنٛک بیہنٛک طریقہٕ پسند۔ تس اوس اتھ پیٹھ شرارتھ تہِ کھسان مگر رٔحت اٗس تس پیٹھ پیٹھ بہان تہٕ زیادٕ کتھ اٗسس نہٕ دِوان کرنہٕ۔ توہنٛد سیل فونس پیٹھ گھنٹہٕ وادن وبسن ستی کتھ کرنہٕ، توہنٛد ژیرِ نِنٛد رِووتھن، باٗژن ستی نہ کھبن کھیوٗن، یہِ سوُرے اوس علی محمدس عجیبی باسان مگر مجبوٗری کِنٛز اوس نہٕ سُہ اتھ پیٹھ کتھ ہبکان کٔرِتھ۔ انٛدرِی اٗسس فِکر زِ کانٛسہِ ہُنٛد گرٕ چھس گژھن، گاٹہٕ جار گوٚژھس لارُن، مگر رٔحت اٗسس در جواب ونان" ہیٚچھِ پانے۔"

"کر؟"

تمیُک جواب اوس نہٕ شاید کانٛسہِ نِش۔ خاٗر، نیٚٹک امتحان گوٚو تہٕ شازی ہیوٚک نہٕ یہِ پاس کٔرِتھ۔ جُنید گوٚو سبٹھاہ پریشان زِ اٗمس کتھ

پأٹھی میلہِ ووٗنی گنہِ میڈیکل کالجس منز ابڈمِشن ۔ سُہ اوس گنہِ تہِ حدس تام ڈونیشن دِنہٕ خأطرٕ تیار، مگر سبٹھاہ کم رینک آسنہٕ کِنۍ اوس نہٕ یہِ مُمکِنی۔ نِچوِ سنٛز پریشأنی وُچھِتھ گوٚو علی محمد تہِ پریشان۔

''پران ہے آسہکھ، مأنِس ماپیٚیہِ ہی وُنکِس پریشأنی وُچھِنۍ۔''

''اس میں پریشانی کی کیا بات ہے دَدُو۔ میں پاکستان، بنگلہ دیش یا چینا، کہیں پر بھی ایم بی بی ایس کر سکتی ہوں۔''

''کیاہ! ووٗنی رٕ دا بنگلہ دیش تہٕ پاکستانٕ یوت، ییٚتہِ رٕ دنا کانٛہہ تہِ کالیج، گومُت کیاہ چھُو توٚہہ کاڈبن۔ ویسے کیاہ ضروری چھےٚ ڈاکٹری پرٕنی، پرسیوٗ دُے بڑ وٗنہہ گُن، پانٕے نیرن وَتہٕ۔''

''دَدُو، مےٚ چھُ صرف ایم بی بی ایس کرُن۔ ڈاکٹر بننا ہے مجھے۔''

''تمہِ خأطرٕ گژھہ تژھ قأبلیت آسنۍ۔''

''میں قابل نہیں ہوں؟ اِنٹلیجینٹ نہیں ہوں؟''

''بلکل نہٕ شازی، قطعی نہٕ۔ یوٚ دوَے آسہکھ، پانٕے کرٕ ہک سیٹ۔ مأنِس گژھہ ہی نہٕ پریشأنی۔'' علی محمد گوٚو تھوڑا جذبأتی، شرارتھ تہِ کھوٗتُس زِ اُمِس چھُنہٕ مأل سنٛزِ پریشأنی ہُند رژھ تہِ احساس۔ جُنید اوس یہِ سورُے بوزان، مگر ووٗنی رٕ دنہٕ تس تہِ پانس تام، تمۍ کوٚر شازی ہُند طرف۔

''اتھ منز کیاہ پریشانی چھےٚ ابو، یتھ مُلکس منز نیرِ نہٕ سپٹ، بدل گژھنہٕ مُلکس منز کرٕ و۔''

''کیاہ مطلب! سأنی کوٗر گژھیا وونی بنگلہ دیش یا پاکستان پرنہٕ۔''

''اِدنا کار کیاہ چھ۔ کم لڑکہِ چھا تور پرنہٕ گژھان، ہتہٕ بُدی۔ مےٚ چھِ پانس تہٕ پاکستانس منز واریاہ کانٹیکٹس، یوٚ دوٚے یہِ تور گژِھ، اُمِس گژِھنہٕ کانٛہہ پریشانی۔''

''جُنید صأبا! پٔنُن وطن چھُ پنُنے آسان، ییٚتی کروس کوشش، نظر گذر ہکہٕ ہس دِتھ۔''

''توٚہی چھِو وُنِہ تہٕ وٕنٛچ کتھ کران، اَمچہِ بہتری ہنٛز کتھ کران، ییٚمی ہنگہٕ منکس پپٹھ توٚہہ ترٛ ہ ؤری ہیٚتو۔''

''غلط فہمی چھےٚ آمٕژٕ ے، تمن تہٕ گیہِ غلط فہمی۔ پتہٕ مأنی تمو پننٛز غلطی۔''

''ترٛہہ وٕہری مأنِکھ غلطی۔ ہنٛہہ! یم ترٛ ہ ؤری گُس کربو توٚہہ واپس۔''

''جُنید صأبا، کتھ چھُنہٕ ترٛ ہن ؤری ین ہنٛز، کتھ چھےٚ زِ سون مُلک کوتاہ پسرِ چھ اؤنمت دہشت گردی۔ یہِ کوتاہ تنگ چھُ تمو لوٗکو اؤنمت، یم اکہِ نہٕ تہٕ بیہِ رنگہٕ دہشت گردی پناہ دِوان چھِ۔ مےٚ ۆ چھ تم

بتھی، تم لُکھ، تمہِ ماجہِ، بیٚنہِ، بچہِ، یہٕنڈی مأئی، بھأے، اولاد تمن بُلاسٹن منز مارِ گے۔ بےٚ معنے بتھی، بےٚ معنے زندگی۔ کُس دِیہِ تہنٛزِ زندگیہِ واٹھ۔ مےٚ گے صرف ترٕ ہٕ وٕری، تمن گیہِ سأرٕے زندگی۔''

''ابو، یم بُلاسٹ روزن یتھ مُلکس منز گژھان۔ یتھ وَن تیٚتھے لونن۔''

''جُنید، بٕ چھس نہٕ چأنی مجبوٗری سمجھِتھ ہیکان۔ أخر کیاز چھکھ ژٕ یوٗت بےٚ دِل، ژٕ کیاہ کمی گٕرٕے تیٚمِ مُلکن۔''

''تہُنڈی ترٕ ہٕ وٕری چھا کانٛہہ موموٗلی کتھ ٹاٹھیا۔''

''ترٕ ہٕ وٕری گٕھنڈی گے، میأنی۔ مےٚ راوٕری پننہِ زندگی ہٕنڈی بہترین وٕری مگر ژٕ مےٚ میوٗلے خوداے سنٛزِ مہربأنی ستی سورٕے۔ ژٕ کیاز نا وومید، ژٕ پزی نہٕ ناوومید آسُن جُنید صأبا۔ تہٕ یہ کتھ تہِ پزی مانٛنۍ زِ یوٚ دوَے یتھ اِلزام مےٚ بیٚیہِ کُنہِ مُلکس منز لوٗگمت آسہِ ہے، مےٚ آسہِ ہکھ تیٚلی پھاسی دِژٕمٕژ یا ژوٗ تس پیٹھ گوٗلی لایمٕژ۔ یہ چھ سونُے مُلک زِ پنٛنی کتھ وننگ موقہٕ آوےٚ دِنہٕ۔ پنٛنی بےٚ گوناہی ثأبت کرنہٕ خأطرٕ آوےٚ وخ فراہم کرنہٕ۔''

''ابو، یہ سورٕے حض چھِ یم اَسی ستی کران، مسلمانن ستی۔ یہ چھنا پزر۔''

''مگر یہِ سورٕے چھِ أسی کران، یہِ تہِ چھنہٕ اپُز کیٛنہہ۔'' امہِ پتہٕ

''اتھ منز کیاہ پریشانی چھےٚ ابو، یتھ مُلکس منز نیرِنہٕ سپٹ، بدل کُنہِ مُلکس منز کرٕو۔''

''کیاہ مطلب! سانی کوٗر گژھیا وونی بنگلہ دیش یا پاکستان پرنہِ۔''

''اِدنا کارٕ کیاہ چھ۔ کم لڑکہٕ چھا تور پرنہِ گژھان، ہتہٕ بُدی۔ مےٚ چھِ پانس تہِ پاکستانس منز واریاہ کانٹیکٹس، یوٚ دوَے یہِ تور گژِھ، اُمس گژھنہٕ کانہہ پریشانی۔''

''جُنید صأبا! پنُن وطن چھُ پننے آسان، ییتی کروس کوٗشش، نظر گذر ہیکہٕ ہس دِتھ۔''

''توٚہی چھِوٕ ونہِ تہِ وٕنجِ کتھ کران، اَمچہِ بہتری ہنٛز کتھ کران، ییٚمی ہنگہٕ منکس پتھ توہہِ تژٕ ہوٕری ہیٚتو۔''

''غلط فہمی چھےٚ آمژٕ ے، تمن تہِ گیہِ غلط فہمی۔ پتہٕ مأنی تمو پنٛز غلطی۔''

''تژٕ ہہِ وٕہری مأنِکھ غلطی۔ ہنٛہہ! ییم تژٕ ہوٕری کُس کربو توہہِ واپس۔''

''جُنید صأبا، کتھ چھنہٕ تژٕ ہن وٕری ین ہنٛز، کتھ چھےٚ زِ سون مُلک کوتاہ پسرٕ چھ اوٗ نمت دہشت گردی۔ یہِ کوتاہ تنگ چھُ تمو لوٗکو اوٗ نمت، ییم اکہِ نہٕ تہٕ بیہِ رنگہٕ دہشت گردی پناہ دِوان چھِ۔ مےٚ وٕ چھ تم

بتھی، تم لُکھ، تمہٕ ماجہِ، بینہٕ، بچہٕ، یہنٛدی مأۍلی، بھأے، اولاد تمن بُلاسٹن منٛز مارٕ گے۔ بےٚ معنے بتھی، بےٚ معنے زندگی۔ کُس دِیہٕ تہنٛز زندگیہِ واتھ۔ مےٚ گےٚ صرف ترٕ ہٕ وٕری، تمن گیہِ ساٗرے زندگی۔"

"ابو، یم بُلاسٹ روزن یتھ مُلکس منٛز گرٛھان۔ یُتھ وَن تیٚتھے لونن۔"

"جُنید، بہٕ چھس نہٕ چأنی مجبوٗری سمجھتھ ہیکان۔ اٗخر کیاہ زِ چھکھ ژیوٗت بےٚ دِل، ژٕ ے کیاہ کمی گرٕ ے تیٚمی مُلکن۔"

"تہنٛدی ترٕ ہٕ وٕری چھا کانٛہہ موموٗلی کتھ ٹاٹھیا۔"

"ترٕ ہٕ وٕری گہنٛدی گے، میأنی۔ مےٚ راوٕ رٕ پننہٕ زندگی ہنٛدی بہترین وٕری مگر ژٕ ے میوٗلُے خوداے سنٛزِ مہربأنی ستی سوُرے۔ ژٕ کیاہ زِ نا وومید، ژٕ ے پزی نہٕ ناوومید آسُن جُنید صأبا۔ تہٕ یہ کتھ تہِ پزی مأنٛنی زِ یوٚ دوَے یُتھ اِلزام مےٚ بیٚیہٕ کُنہِ مُلکس منٛز لوٚگمُت آسہِ ہے، مےٚ آسہِ ہیکھ تیلی پھأسی دِژٕ مٕژ یا ژوٗتس پیٹھ گوٗلی لایمٕژ۔ یہِ چھ سونُے مُلک زِ پنٛنی کتھ وننک موقہٕ آومےٚ دِنہٕ۔ پنٛنی بےٚ گوناہی ثأبت کرنہٕ خأطرٕ آومے وخ فراہم کرنہٕ۔"

"ابو، یہِ سوُرے حض چھہِ یم اَسی ستی کران، مسلمانن ستی۔ یہِ چھنا پزٕ ر۔"

"مگر یہِ سوُرے چھہِ اٗسی کران، یہِ تہِ چھنہٕ اپُز کینٛہہ۔" امہِ پتہٕ

گر جُنید صائبن ژھوپہ تہٕ ژاوپنٕنس کمرس منز، شازی تہِ ژایہِ مائلس پتے تھےٚ کمرس۔

رُحت روٗز خانہٕ دارس ستی اتی۔ییمہِ انمانہٕ جُنید صاب دژاو، رحتہِ گوٚ وسبٹھاہ محسوٗس۔ کینژہ ہاہ کھوٚتس خانہٕ دارس پٮ۪ٹھ شرارتھ تہ زِ سُہ نٔے ییمن مالمن سنہِ ہے، جُنید صاب ماژلِہ ہے تہٕ تھ پاٚٹھی۔

''کاٚژاہہِ پھرِ وۄنمےٚ، ژھوپہٕ آستہٕ کران، ژےٚ کیاہ گژھہِ مسلس سنُن۔'' رُحتۍ ژھ تھوڑا شرارتہٕ سان۔

''ژٕ کیاہ ونان، یہِ چھنا میٚون گرٕ، میٚون عیال؟ یوٚ دوٚے نہٕ یہٕ پٮ۪تھن شُربن باژن ہنٛد بن مسلن سَنہٕ، تیٚلہِ کُس سَنہِ؟''

''نہ۔یہِ چھنہٕ ووٚنی چون گرٕ، یہِ چھ جُنید صائبُن گرٕ۔ چون گرٕ اوس یہِ ازبڑونہہ ترٕ ہہ ؤری۔ تمہِ وِزِ یہِ ژونہٕ ہکھ تہِ چلہِ ہے مگراز چلہِ نہٕ تہِ۔از چھ جُنید صاب کماوان، از چلہِ حُکم تہِ اوہنٛدے۔خوداے ہنٛدِ پاسہٕ بیہہ تہٕ ژھوپہٕ گرِتھ۔گژھہِ مسلس مٔتہٕ آستہٕ سنان۔'' اَتھی منز آیہِ یہنٛز نوش سلیمہٕ چاے ہٮ۪تھ۔چاے بڑ ونہہ کنہِ تھاٚوِتھ ہٮ۪ٹھ سوہیٚرِ بابس نِش تہٕ پلہٕ نوونس چایہِ پیالہ بیہِ ژوچہِ ہن۔تمہِ اُس اندراژان اژان ہَشہِ ہنٛز یہِ کتھ بوٗزمٕژ، اوَے ووٗن تمہِ تس کُن:

''موجی، ابومہٕ رُکاٚوی ووٗن توٚہۍ پنٕنہِ فرضہٕ نِش۔یہِ چھ اوہنٛد فرض زِیہِ وُچھِ شُربن ہنٛز بہبوٗدی کتھ منز چھےٚ۔اوہنٛد تجرُبہٕ، اُہنٛز نظرتہٕ

اوہند سوچ چھُ واریاہ وسیع ، تہٕ یُہُند تجرُبہٕ لگہِ تِہُند بن شُربن بکار۔''

''سلیمو ژٕ چھکھ پوٚز ونان مگر وپن بانہٕ تہِ گرٕھیا آسُن کِنہٕ

نہٕ۔'' سلیمن پلہٕ نأوھشہِ تہِ چاے تہٕ چاے پلناوان وۄننس:

''موجی یِمن وٕپہٕ یانہٕ، مگر مألِس ماجہِ ہُند فرض چھُ وُنُن۔''

''نہٕ بی کوٗری، یہٕ چھُبس نہٕ چانہِ کتھِ ستی۔ اکہٕ لٹہِ کرنس برداش،

دوٚیہِ تہِ، پتہٕ ؤتھنس واپس۔ أز ییٚک زمانہٕ چھاسہٕ کوٗری!'' اتھ پتھٕ گر

سلیمن ژھوپہٕ، علی محمد تہٕ رٔحت رۄدی چاے چوان۔

یتھ سأرِسے کہانی منز سپز نہٕ وُنیک تام سلیمس متعلق کانٛہہ کتھ۔

ضرٗرتھ تہِ پییہِ نہٕ، تِکیازِ یہِ کِرداربے آونہٕ وُنہِ برٛونٛہہ کُن، وُنکین آوتہٕ

وونی چھُ أمِس متعلق وُنُن تہِ ضروری۔ سلیمہٕ چھےٚ جُنید صأبٕنٛز خانہٕ دارِنٛۍ،

پیڈٕ ہن چھےٚ واضح گأمژ۔ أمِس چھُ مالِٕنین نِشاط۔ اوہند مول حأجی غلام

رسول چھُ قالینن ہُند سبٹھاہ بوٚڈ باپأری۔ وننہٕ چھُ یِوان زِ حأجی جمال

سِراج صأبس پیتٕ تہِ قالین کارخانہٕ تہٕ شو رۄم أسی، تم سأری یتٕ حأج

صأبن مٔلی تہٕ پھٔہلووُن پتُن کاروبار سأرِسے دُنی یِہس۔ ابو دابی منز تہِ

ژٕ ووُن اکھ شو رۄم تہٕ نیوٗ یارکہٕ تہِ اکھ۔ زٕ نیچوی چھ دوٚن جاین اتھ

کاروبارس نظرتھأوِتھ تہٕ پانہٕ چھُ حأج صأب یتیٚک کاروبار سنبھالان تہٕ

نیچوبن ہِند بن شُربن رچھان۔ امہِ علاوٕ سمأجی کامبن منز کأفی دلچسپی

تھاوان۔ نِشاطس تہٕ بزنس منز چھنہٕ سہٕ کانٛہہ پرٛائیویٹ سکول یا مدرسہ

یتھ نہٕ حاجؠ صاب مألی معاونت کران چھُ ۔ مگر بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ أہنٛد بو لڑکو پوٚر نہٕ بہمہِ جمأژ علاوِ کینٛہہ ۔ "صرف چھےٚ سلیمہ ایم ۔اے پولٹیکل سائنس ۔" وونی چھ حاج صأبس یوہے خاب زِ شُربن ہندی شُری گرٛشھی واریاہ پرٕنی ،تمہِ خاطرِ اوس سُہ کانٛہہ تہٕ قمت دِنہٕ خاطرٕ تیار ۔سوامی لکھمن جی نِس آشرمس نکھہِ اوس اکھ قأبل ووستاد روزان ،تمی أس یمن شُربن ہنٛز ذمہٕ دأری رٕٹمٕژ ۔حاج صأبنی آشنی أس لوکچہٕ وأنسہِ منٛزے یہِ دُنی یاہ ترٛأوِتھ گأمٕژ ۔مگر حاج صأبن ہأرنہٕ ہمت تہٕ شُربن ہنٛز بہبوٗدی بنأوِن پٔنن مقصد ۔جُنیدُن تہٕ سلیمن رِشتہٕ چھُ اکھ ڈرامأیی واقعہک نتیجہٕ ۔ ۱۹۹۳اس منٛز ییٚلہِ جُنید پولیس منٛز سب اِنسپکٹر لوٚگ ،أہنٛز گوڈنچ پوسٹنگ گیہِ نِشاط کِس پُلسہٕ تھانس منٛز ۔یہِ ؤری اوس کشیرِ ہندِ خأطرٕ سبٹھاہ گوٚب ۔امہِ ؤری یہِ آے کشیرِ منٛز ترٛےٚ دِلدوز واقہٕ پیش ۔اکھ آو وبجہِ بزارِ ،بیاکھ سوپورٕ تہٕ ترٛیٚیم لالچوک سرینگرٕ ۔ترٛنٔوی واقعہن منٛز گیہِ ہَتہٕ بُدی لُکھ مارٕ ۔امہِ ؤری یہِ سوٗزی حأجی غلام رسولن پٔنٛنی شُری زٕ نبر ،ابو دابی تہٕ نیوٗ یارک ۔امہِ ؤرِیہِ پیوٚ حأج صأبس اکھ دوٚیہِ لٹہِ پُلسہٕ تھانس پیٹھ تہٕ گرٛشھن ،پولیس ویری فِکیشنہٕ باپت ۔أتھی منٛز سپٕد جُنید صأبس ستی تہنٛد ملاقات تہِ ۔جُنید اوس شکلہِ جان ،قدوقامت تہِ اوسُس ٹھیکھ ۔تہٕ خاصکر ییٚلہِ پُلسہٕ وردی منٛز آسان اوس ،تیٚلہِ اوس زیادٕے خوبصورت باسان ۔سلیمس چُھنہٕ ازتہِ سُہ دوہ مَشان ،ییٚلہِ پُلسہٕ جیپ تٔہنٛدِ مکانہٕ کِس

بڑس گیٹس کڑاس کرِتھ اندر ژایہِ۔ اٲندرٕ اُس صرف سلیمہٕ تہٕ کینٛہہ موہنوی۔ سلیمن یتھے پُلسہٕ جیپ اندر اژان وُچھ، سوگیہِ پٔنِس کمرس منٛز دأخل تہٕ کمرٕ کوٚرُن بند۔ چلَے کلائنکی دوہ اُسی۔ ترٕ تہِ اُس سخ۔ چلَے کلائِکس آغازس منٛزٕ ےُس شین پیوٚمُت اوس، سُہ اوس نہٕ وبگلنک ناوِ ے ہوان۔ سِنگلہِ پشِن تہٕ گُلبن آسہٕ شِشر گأنٹہٕ اویزان۔ حأج صأبُن بٔنگلہٕ اوس بِلکُل ڈل بٔٹھس پیٹھ، اِو موکھٕ اُس اَتہِ زیادٕ ے پہن ترٕ۔ حأج صأبن اوس پٔنُن یہِ بٔنگلہٕ نیٛبرٕ انتہأئی جدید طرزُک بنوومُت، مگر اٲندرٕ اُسی کأشرِ تہذیبکی نقش، سُے حمام، تمےٚ پأترِ، سُے ختم بند، سوے پینلِنگ مگر نوِ انمانہٕ تہٕ سوچہِ، سجأوِتھ تہٕ پأرأوِتھ۔ بٔنگلہٕ چوٚ داربوٚکنی اوس دوٗردوٗر تام ڈل لبنہِ یوان مگر از اوس ڈل وُنلہِ تل رووومُت، اَتھی اوس نہٕ یِوان کینٛہہ، فقط گاڑبن ہنٛزٕ لائٹہٕ۔ اتھ پُلسہٕ جیپہِ تہِ آسہٕ دوہلی لائٹہٕ دزان تہٕ سوٗر کیہِ ٹھیکھ بٔنگلس بڑوٚنہہ کنہِ۔ جُنید وۄتھ بون تہٕ دروازس نکھٕ یتھ گٔرِن بل۔ حأجی صأبس اوس سبٹھاہ پژون ملأزِم لالہٕ، اُمِس اُس سأری ٹاٹھیٛار تہٕ بزرگی حسابہٕ لالہٕ صأب ونان۔ لالہٕ صأبن مُژٕ ر درواز تہٕ سلام کرِتھ ژوٗنن جُنید صأب اندر۔

"حکم کرِو جناب، توٚہی کم چھِو وکھ ژھانڈان۔ ویسے چھُنہٕ ییٚتہٕ تیٚتھ کانٛہہ یِہنٛز تلاش توٚہہ آسو۔"

"تیٚتھ مطلب؟ کٔہنٛز تلاش چھےٚ مےٚ۔"

''توہی چھِوکھ نا مجأہد ژھانڈان۔ ییٚتہِ چُھنہٕ کانٛہہ مجأہد روزان۔''

''اخترتہٕ فرہان چھِناییٚتی روزان۔''

''اخترتہٕ فرہان حض چھِ میأنہِ چشمہٕ ز، ییٚتہِ روزن نہٕ تہٕ اِد کتہِ روزن۔''

''تم کتہِ چھِ؟''

''فی الحال چھِنہٕ ییٚتہِ۔''

''تہٕ حاۓج صأب؟''

''تم تہِ چھِنہٕ ییٚتہِ۔''

''تیٚلہِ کُس چھُ ییٚتہِ، گرِ ہیٚک کانٛہہ، میٚون مطلب سلیمہ جی؟''

''آہن حض آ۔ بُلبُل۔ بُلبُل چھےٚ ییٚتی، ئہ حض انن۔ تہٕ آسوٚ اُنجھ توہی چیٚو تیٚتس کالس چایہِ پیٛالہٕ۔ ہَیا بَشا! پڑھبس کرٛتا چاے، بیٚیہِ ہا گرٛی زِ والنٹ پیسٹری، تہٕ چھنا۔''

''اِدحض۔'' أندرٕ گیہِ آوازتہٕ لالہٕ کھوٚت پانہٕ ہیوٚر۔ مکانس أس أندری سبٹھاہ خوبصورت ہیر، یوسہٕ دوٚ یمس پورس تام واتہٕ ناوان أس۔ بوٚنہٕ پیٹھٕ اوس ہیٚرِ مہِ لابی ہُنْد خوصورت نظارٕ تہٕ درٛیٛنٹھی گرٛھان۔ لالہٕ ووت ہیوٚر تہٕ گوٚ وسیوٚ دُے سلیمہٕ نِس ہبڈ رِوٗمس نِش۔ دروازس کوٚ رُن ہلکہٕ ناک۔

''میٲنہِ بُلبُلو، بُلبُل صأبو۔''

''کیاہ دلیل لالہٕ صأب۔'' اَمہِ پتہٕ گُر تمہِ رٔژھ کھنٛجہِ ژھوپہ تہٕ لالہٕ صأبن کوٚر ربیہ ناک۔

''اگر یہِ پُلسہٕ وول مےٚ ہیٚتی کتھ کرٕنی چھ یژھان، دپُس سو چھنہٕ ییٚتہِ، مےٚ چھینہٕ پُلسہٕ والین ہیٚتی کانٛہہ کتھ کرٕنی، ٹوٹھ آسہِ پکان، سُہ کرِ پانَے کتھ۔''

''بُلبُلاہ، یہِ ہاپچھ رُت انسان، یہِ ناچُھنہٕ پُلسہٕ وول۔''

''میٚے پانہٕ وُچھ یہِ پُلسہٕ جیپہِ منٛز یِوان، یم چھِ ازکل چھاپہٕ مأری کران۔ اخبار چُھکھ ناپران، گوڈٕ کیاہ ژٕے پرنس ہیٚتی، ژٕ مازانٛہن یہِ پُلسہٕ قوم۔''

''مےٚ ناچُھنہٕ باسان یہِ تمہِ قسمُک، یہِ ہاپچھ نیک باسان۔''

''چانہِ گارنٹی پیٹھ وَسے بُہ بون لالہٕ صأبا، اگر اَمۍ مےٚ ہتھکڑی بیترِ ترٛاوِ ے، مےٚ ژٕلی تٔتی زُونہِ تھ۔''

''چانٛہن دُشمنن، ترٛاو دروازٕ یلہٕ، بُہ چُھس ناژٕے ہیٚتی۔''

سلیمن ترٛوو دروازٕ یلہٕ، سو دژٕ ایہِ سفید پشمینٛک سکارف لگأوِتھ، بونہٕ ٹی شأرٹ تہٕ جینس، سبٹھاہ خوش شکل، تھوٚد قد، بادام چشمہٕ، گولأبی رنگ...... تہٕ یُتھے ہیر پیٹھٕ جُنیدس گٔن نظر پییَس، أندرٕ گوس کیاہتام۔ گوڈٕنچے نظرِ باسیوٚس زِ لالہٕ صأب اوس صحی وَنان۔ جُنید اوس کتھ تام

میگزینس ءستیٖ آوٚر، سلیمہٕ واٗ ژٕتس نزدیکھ۔

"بُلبُلا، یِم ہا چھی ژےٚ سمکھُن یژھان۔ بیٚہہ ژٕ ءٕ بہ سوزناوَے چاے۔"

"نا، ژٕ روزٕ ویٚتی لالہٕ صأبا، بشہِ ہا اَنہِ پانے چاے۔" اتھ پٔتھ کوٚر جُنیدن میگزین بند۔ تس آو ہلکہٕ اسُن۔

"یوٚت چھِوا توٚہی کھوژان۔"

"پُلسس چھُ کھوژُن پیوان، کر کیٛاہ الزام لگاون، پیٚی چھُنہٕ لگان۔" اتھ پٔتھ گیہِ جُنیدس رٕژھ کھنجہِ ژھوپہٕ مگر پتہٕ ووٚتھ "بہٕ چھُس نہٕ باقی پُلسہٕ والین یا نیٚبرِ مین پُلسہٕ والین ہیوٚ، بہٕ چھُس ءٕ۔ بلکُل الگ تہٕ میون طریقہٕ تہِ چھُ الگ۔"

"پانس متعلق چھُ لگ بھگ سارِنے یتھے خیال آسان۔ وٕنو، کتھ پأٹھۍ اوٚ۔"

"توٚہہ چھُ پاسپورٹہٕ خأطرٕ ایپلےٚ کوٚرمت تہٕ بہٕ چھُس ویری فِکیشن کرنہِ آمُت۔ توٚہہ چھا سلیمہٕ ناوٕ کِنہٕ بُلبُلا۔"

"بُلبلاہ حض چھُس بہٕ ونان ٹاٹھ نیارٕ کِنی۔" لالہٕ ووٚتھ سوالس درجواب۔ "یہِ حض چھےٚ بڑی یٖمہِ گرٕچ بُلبُل۔"

"سبحٲن جان، توٚہہ چھُ سلیمہ ناو۔ فادرس حاجی غلام رسول۔ ویسے ذات کیٛاہ چھےٚ توٚہہ۔"

''أسی چھِ ڈار، میون مکمل ناو چھُ سلیمہ رسول ڈار۔''

''او، فادرِ سُند ناو تہٕ چھ تُہندِس ناوس ستی۔ سبٹھاہ جان۔''

ییتِس کالس چُھ کونگہٕ قہوٕ واتان تہٕ سأری ہیے ڈرایِنگ رومس چھےٚ کونگہٕ مُشک پھٔہلان۔ لالہٕ صأب چُھ برٛونٛہہ کنہِ ٹیبل سجاوان تہٕ بشہِ چُھ چاے تھاوان، امہِ پتہٕ چُھ سبٹھاہ بُرٛ ٹرے انان ییتھ منٛزٕ قسمہٕ قسمہٕ پیسٹری، کیک، تہٕ بِسکٹ آسان چھِ۔

''چاے چیٚیو حض گوڈٕ۔'' سلیمہٕ وُژھ انسپکٹرس کُن۔

''مےٚ چُھ ناو جُنید۔''

''او، تھینک یوٗ۔''

''ویسے کوٚت گرشھنگ یَر ادٕ چُھ توہہٕ۔'' جُنید ن تُل چایہٕ کپ تہٕ لوٚگ چیٚنہِ۔

''کُنٔے نہٕ۔''

''تیٚلہِ کیٛاز ِیہِ ایکزرسایز۔ Wastage of energy''

''زٔلن ماپیٚیہِ تُہندِ ہیمہٕ۔'' اتھ کتھِ پیٹھ چُھ جُنید بڑٕ بڑٕ اَسُن ترٛاوان۔

''یہِ چھِوٕ توہی سنجیدگی سان ونان کِنہٕ ئلیٚ مذاق کران۔''

''نہٕ، بلکل سنجیدگی سان۔''

this year,that is true."

''توَے تہٕ گژھ پژتھ کأنسہِ کأشرِس پاسپورٹ آسُن، تاکہِ ظُلمک شکنجہِ ییٚلہِ تہِ چارنہٕ پیہِ، بچنس روزِ کانٛہہ وتھ۔ نتہٕ گژھ تمِس گگرٕ ہشز بأش، لیس پتہٕ بڑ اُر پچھےٚ آسان تہٕ بڑونٛہہ کنہِ گگر ژھل، ڈٕچھنی کھوورِ سنگلاخ دیوارٕ۔''

''حالاتن ہُند چھُ کأفی مشأہدٕ توہہ۔ سبٹھاہ خوٚشی سپز یہِ زأنتھ۔ ویسے اَس نہٕ میانہِ یورتِیچ کانٛہہ ضرورت، حأج صأبُن ناوٕ ےاوس کأفی مگرمےٚ سوٗنچ زِ لیس ژلنک خیال آسہِ، تسُند بُتھ پزٕ وُچھن۔''

''ویسے تہِ کیاہ گژھ اکی ہندِ ژلنہٕ ستی، پنٛنی سأری چھِ ییٚتی۔ یہِ قتل و غارت، یہِ خوٗن ریزی پیٚیہِ تمن وُچھنی۔ کینژ غلط فأصلو واتنأوی اَسی یتھ مقامس پیٚٹھ۔''

''توہہ چھا اَسہِ پیٚٹھ شرارتھ کِنہٕ حالاتن پیٚٹھ؟'' جُنید رُد چاے چوان تہٕ کتھ کران۔

''نفرت تہٕ حالات ہیٚکن نہٕ الگ الگ زٕ وجوٗد اَستھ انسپکٹر صأب، میون مطلب جُنید صأب۔ حالاتھ گری اسہِ پأدٕ تہٕ اَسی چھِ تمن ہُند خمیازٕ تہِ ژلان۔ حالات چھِ وخنکہِ اکہِ زیٹھہِ سلسلہٕ پتہٕ پأدٕ سپدان۔ زبوان، پلان، تہٕ جوان سپدان تہٕ پتہٕ کُنہِ صدی پننس لپیٹس منز انان۔ بدٕقسمت چھِ تِم لُکھ آسان، ییم تمہِ صدی ہنٛدی پأداوار چھِ آسان۔ یعنے اَسی، توہی،

ئہ۔ باقی خطا کس کھالو، خطا چُھ یتھ زمینہٕ، تِکیازِ یتھ چُھ برداش سبٹھاہ۔"

"واہ۔ئہ سپدُس تُہنزن کتھن ہُند قائل۔"

"تمہِ کھوتہٕ بہتر چُھ یہِ زِ توٚہۍ کھیٚیو پیسٹری، توٚہۍ چھِو ویری فِلیشن کرنہٕ آمتۍ۔"

اتھ جُملس پتھ چُھ جُنید صاب چایہِ کپ ٹیبلس پیٹھ تھاوان تہٕ تھوٚ دوو تھان۔

"تُہُند مطلب چھا، ئہ چُھس رشوت خور، تہٕ پیسٹری چھےٚ رشوٕ۔ سلیمہ جی اتھ چھِو توٚہۍ غلط۔ یوٚتاہ بہتر سوچ توٚہۍ ونیٚکتام بیان کوٚرُو، تہٕ تہٕ ژے غلط کتھ گرٕو اٚ خرس۔ I am sorry۔ئہ چُھس نہٕ تمو پُلسہٕ والیو منزٕ۔ تہٕ یہِ تہِ بوٚ زِوزِ پولیسس منزٕ نوکری کرنس پتہٕ کنہِ چھ میوٚن بدل مُدعا۔"

"آی ایم سا آری جُنید صاب۔میوٚن مطلب اوس نہٕ تہِ یہِ توٚہۍ کوٚرُو۔"

"اتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ تہِ مطلب اٚستھ۔ تہٕ لفظن ہُند مطلب چُھ پُلسس منزٕ آسنہٕ کِنۍ مےٚ جان پاٹھۍ فکرِ تران۔"

"تہِ چھُس ئہ زانان۔ مگر میوٚن مطلب اوس نہٕ تہِ۔ اٚسۍ چھِ دوہس پنژاہن پزھن چاے تہٕ پیسٹری کھیاوان۔ This is a

routine with us"

''مگرئہ چھس نہٕ محض پۆژھ۔ئہ چھس ڈیوٹی پٔٹھ،سرکاری کام انجام دِوان۔''

''I am sorry جُنید صاب، اگر تو ہےٚ میانٛی کتھ غلط لٔجو،ئہ چھس معافی منگان۔بہو۔''

''نہ۔ئہ نیرٕ وٕنکہن۔''

''تُہنٛدِ شرارتہٕ ہۆت نیرنہٕ کٔنی سمجھائہ زِ ویری فِکیشن گیہٕ نہٕ مکمل۔اتھ دزایہِ کینٛہہ کمی،تہٕ پاسپورٹ بنہٕ نہٕ وونی۔''

''یہ چھےٚ تُہنٛدِ سوچ تنگی، Verification is complete. ئہ سوزٕ أزی رپورٹ تہٕ تو ہےٚ واتہِ اِنشاءَ اللہ أکس دون ہفتن منٛز پاسپورٹ۔اوکے، گُڈ بائی۔''

جُنید چھ نیران تہٕ سلیمہٕ چھےٚ تس دارِ کنی وُچھان روزان،یۆتام تُہنٛز جیپ گیٹہٕ نبر سڑکہِ پٔٹھ واتان چھےٚ۔

''ہتو بُلبُلو،ژٕ ےٚ کہو وۆنتھ أمس،أمس نٔے دٕ دفوریٛو و۔''

''نالالہ صأبا،یہِ ہا چھےٚ واقعی باقیوٗنش الگ،خودداریہٕ ذہین۔''

امہِ گوڈنکہِ ملاقاتہٕ ستی ہُریو دوشوٕنی اکھأکی ہٕنٛدِ خأطرٕ یٔژھ۔ دونوٕنی گۆ ویہِ ملاقات سٔنتھ۔سلیمہٕ أس أندری سونچان زِیۆ دوےسو امہِ کتھِ ہُنٛد اظہار مألس نِش کرِ،سُہ کریا یہِ رِشتہٕ قبوٗل! ستی أ ٕسس

یہِ پریشانی زِ گری کنہٕ تہٕ چھا تِتھے یُتھ لبنہٕ یِوان چھُ، یہِ ہیکیا تس اکھ بہتر زندگی دِتھ۔ واریاہ سوال اُسی تم، یِم جواب منگان اُسی۔ تس اُس نہٕ یہِ پئے زِ محبت چھُ سارِنے سوالن ہُند جواب۔ محبت چھُ واقعی اوٗن، یہِ چھُنہٕ کہنِ وُچھان، نہٕ گرِ تہٕ نہٕ حیثیت۔ سونچ جُنیدس نزدیکھ گرٛھنہِ، گِھیے تھانس واتِن، گِھیے سہٕ پانس نِش بُلاوُن، گِھیے دونٕوِنی ہُند چکرس گرٛھن۔

وارِ وارِ گیہِ کتھ گنان تہٕ اخرواژ کتھ حاجی صابس نِش۔

''سلیمہ مےٚ چھےٚ توہہ سٟتی سبٹھاہ ضروری کتھ کرِنی۔'' بتہٕ کھوان وُتھ حاجی صاب سلیمس کُن تہٕ سلیمس گوٚ ویٚپنہٕ جایہِ یہِ احساس زِ تس کیاہ آسہِ وَنُن۔ لوکچارس موج راوُنُک چھُ یہِ اکھ بوٚڈ نوقصان زِ یِمَن موج کتھ رٹِہ ہے، سنبھالِہ ہے، تِمَن چھُ پانئے پیوان سورُے کرُن، سورُے جھیلُن۔ ییٚلہِ سارِوے موکلوو بتہٕ کھیٚتھ، حاجی صاب کھوٚت پننِس کمرس منٛز، تہٕ کینٛژِ کالی گیہِ سلیمہٕ تہٕ مالی ہٕندِس کُٹھس منٛز حاضر۔

''ابو جی، توہی اُسو مےٚ سٟتی کیاہتام اہم کتھ کرِنی یژھان۔'' حاجی غلام رسول اوس امہِ وِزِ کوستام کتاب پران۔ تمی دِژ اُنکہٕ تلی گوڈٕ سلیمس کُن نظر، کتاب کرِن بند، اُنکھ تُلن اُچھو پیٹھہٕ تھوٚد تہٕ ووت دروازس نِش، یِتیٚن سلیمہٕ کھڑا اُس۔

''گوڈٕ بہو توہی، کھڑا کیاز چھِو۔'' تمی بیہناو سلیمہٕ صوفس پیٹھ تہٕ پانہٕ تہِ بیوٚٹھ تمی سےٚ نکھہٕ۔

''دلیل کیاہ چھِ ابو جی۔''

''اسہِ چھُ باسان زِ سأنی کۆر چھےٚ وَنی بڑ ہِش تہٕ نِشاطس منز رۄزی رۄزی تھوڑا تنگ تہِ آمژ۔ گوڈٕ ہیہ نہٕ کیا زِ، دۄ ہی دۄہس موہنو بن ہِتی مغز ماری کرِنی پیوان۔ اوے چھُ تمہِ فأصلہٕ کۆرمُت اسہِ الوداع کرُنک۔''

''ابو جی، تُہُند مطلب کیاہ چھُ۔''

''مطلب یِی زِ تُہُند بن یمن خوبصورت اتھن گژھ ووُنی مأنز لگنی۔'' حأج صأبن رٔٹی کورِ ہندی اتھ پننین اتھن منز۔ سلیمن جھُکو وپٕنن کلہٕ تہٕ نظر تژ اۄن مأ لی ہِند بن کھورن کُن۔

''پیرٕ جلدی کیاہ چھےٚ ابو جی۔''

''جلدی چھےٚ امہِ کِنہِ زِ مےٚ وُ چھ لڑکہٕ اکھ۔ سبٹھاہ جان، پٕنن کاروبار چھُس، لگ بھگ چھُ اَسی برابر۔ بٔ چھُس یژھان زِ جلدی واتکھ پٕنُن گرٕ، تکیاز یِتہِ چھنہٕ حالاتن پیٹھ کانٛہہ بھروسہٕ، پے چھا پگاہ کیاہ آسہِ۔''

''مگر مےٚ چھنہٕ وُنہِ خاندر چھُ کرُن۔''

''خاندر چھُ کرُن، تیٚلی واتہِ فرہان صأبس تہِ وأری، نتہٕ روزِ انہوٗرے۔''

''رۄزِن ابو! مگر بٔ کرِ نہٕ وُنہِ خانٛدر۔''

''پولیس انسپکٹرس ہِتی تہِ نا! چلو ٹھیکھ چھُ، اۄسی پزارو، فی الحال

کرَ وفرہان صأبس۔"

"یہِ پولیس انسپکٹر کُس چھ ابو۔" سلیمن پرُژھ مند چھان مند چھان۔

"یہِ چھُ سُے، یُس یوروِیری فِکیشن کرنہِ آمُت اوس۔ جُنید۔"

"ابو، توہہِ چھا لڑکہٕ ٹھیکھ باسان۔"

"بِلکُل۔ لڑکہٕ چھُ اصل مگر گری کِنی چھنہٕ معاملہٕ تیوٗت ٹھیکھ۔"

"مألی حالتھ چھکھا خراب۔"

"سو کتھ چھینہٕ، از چھِ سأری پٔنُن ہا کھ بتہٕ کھوان۔ یہِ معاملہٕ چھُ تھوڑا الگ، تھوڑا سنگین۔"

"مطلب؟" سلیمہٕ گیہِ تھوڑا سنجیدٕ۔

"جُنید صأبُن مول چھُ راجستھانہٕ جیلس منز۔ سُہ چھ راجستھان پولیسن بم دھماکہٕ کِس سلسلس منز گرفتار کۆرمُت۔ تہُنْد وَنُن چھُ زِ سُہ چھ بےٚ قصوٗر، مگر پزٕ رزانہِ بس خوداے۔ پےَ چھنہٕ کِتس کالس آسہِ تس جیل نصیبس۔"

"دونوٗنی صوٗرتن منز چھ یہِ ٹھیکھ۔ ابو جی، اگر تمو یہِ بُلاسٹ کۆرمُت آسہِ یا کرنو وُمت آسہِ، تیٚلہِ چھُ میانہِ سوچُک نفر۔ سُہ تہِ چھُ میٲنی پأٹھی بدلہٕ ہیوٚن یژھان۔ پٔنُن سوچ، پننہِ خوأہشہِ پوٗرٕ دُنی یہَس تام واتہٕ ناوِنہٕ یژھان، تہٕ یوٗ دوَے سُہ بےٚ قصوٗر آسہِ، تیٚلہِ چھےٚ تہنزٕ بے بسی

ستی میانی ہمدردی۔"

"مگر یہِ چھنہٕ کانْہہ وتھ سلیمہ۔ یہِ گیہِ خودکُشی، خودکُشی چھنہٕ اللہ تعالیٰ ہس تہِ منظوٗر۔"

"پزی اُس نہٕ یہِ وَتھ ابو، مگر تنگ آمد بہ جنگ آمد۔"

"نہ۔ بدل وَتہٕ تہِ چھےٚ تہٕ بِسیار چھےٚ۔ خأر، پگاہ ییلہِ اِنشاءَ اللہ توہہ ہٕنٛزٕ شُری آسن، تمہِ وِزِ گژھ یہِ سوچ پانے رَد۔ یہِ سوچ چھ توٚ تام اصل یوٚتام پنٕن پان لوٚب چھُ۔ خأر، فی الحال کرونہٕ اُسی اتھ پیٹھ کتھ، اُسی ییمو پنِنس مسلس کُن۔ یوٚ دوَے ژےٚ یہِ رشتہٕ پسند چھے، بہٕ پکہٕ ناوٕ تیٚلہِ کتھ بڑٕ وٕنہہ کُن۔"

"ہٕنٛز مرضی کیاہ چھِ ابو۔"

"بہٕ ہکہٕ نہٕ کٔہنی وٕنتھ سلیمہ۔ جُنید چھُ اصل لڑکہٕ، اتھ چھُنہٕ کانْہہ شک۔ بہٕ سمکھیوٚس تس پانہٕ تہٕ اکہِ دوٚیہِ لٹہِ، جان لڑکہٕ، محنتی تہٕ پوٚرمُت لیوٚکھمُت۔ بس، ہٕنٛد ابو چھُ منٛزس، سُہ تہِ جیل گژھنہٕ کٔنی۔ یوٚ دوَے ژےٚ باسان چھے ٹھیکھ چھُ، مےٚ چھُنہٕ کانْہہ حرج۔ وَنُن اوس ضروری۔"

"ابو جی، یُس قومہٕ خأطرٕ کینْہہ کران چھُ، تس ستی کتھٕ ہکو اُسی نفرت کٔرتھ۔ یوٚ دوَے ییم اسہِ پانس نِش الگ لأگی تھاوٕنی، تیٚلہِ کُس تُلہِ پگاہ آواز، کُس کرِ احتجاج، کُس لڑِ......"

"لُکھ کرن پگاہ کتھ زِ ہیٚہِرِ بابہٕ چھُس جیلس منٛز۔" حأج صأب

وۆتھ صوفہٕ پېٹھٕ تھۆ دتہٕ ووت پنٕنس بڈٕس نِش۔

"حقیقی مجاہد چھِ جیلن منٛزٕ ے آسان ابو۔" یہِ کتھ بوٗزِتھ چھُ حاجی صاب تھوڑا سنجیدٕ گژھان، تس چھُنہٕ پننہِ کورِ ہُنٛد یہِ سوچ خوش کران۔ سُہ چھُ یژھان زِ امہِ سیاسی منظر نامہٕ نِش گژھی تہنٛدی شُری دوٗر روزٕنی۔ سُہ چھُ بێیہِ سلیمس نکھہِ یِوان، سلیمہِ تہِ چھےٚ صوفہٕ پېٹھٕ تھۆ دوٗ تھان تہٕ حاجی صاب چھُ تس پھیکِس پېٹھ ٹٕرتھاوان۔

"سلیمہ! خودا ے ہِنٛدِ پاسہٕ بن پننہِ ماجہِ جنت گارِنہٕ ہش۔ ژٕ چھکھ کورِ موہنیوٚ، ژےٚ شوٗبی نہٕ یہِ سوچ۔ چون رشتہٕ کرٕ بہٕ تتی مگر اتھ شرطس پېٹھ زِ یِم خیال ترٛاوکھ ژٕ۔ اتھ سنگلاخ وتہِ پکُن چھُ مشکل۔ ژٕ سوچ جُنید صابس متعلق، پنٕنس گرٕس متعلق۔ ویسے ژےٚ کیُتھ باسیوٚ ے جُنید، میٛون مطلب چھُ تمہِ دوہہٕ ییٚمہِ دوہہٕ سُہ یور آمُت اوس۔" اتھ پېٹھ چھُ سلیمس بُتھِس ووشلُن کھسان، سو چھےٚ یکدم کمرٕ منٛز نبر ژلان۔

خاندر چھُ سبٹھاہ تھٕدِس پیمانس پېٹھ سپدان۔ بہارُک موسم چھُ آسان۔ رِنگین کلب چھُ مکمل سجاونہٕ یِوان، میلہٕ وادن پېٹھ چھُ زوٗل سپدان تہٕ امہِ زوٗلہٕ ستی چھُ سارِے رِنگین رُکس آبس منٛز اکھ نۆوٗ ے عالم بیدار گژھان۔ سوٗرے گاہ چھُ آبہٕ چھبن لٔہرن پېٹھ سوار سپدِتھ ژوداپاسےٚ پھٕہلان۔ یہِ گاہ چھُ پزی سلیمُن واٗرِو حسن آباد تام واتان۔ حسن آبادس تہٕ رِنگین کلبس چھُ سبٹھاہ کم فاصلہٕ پانہٕ وأنی۔ اوٕ کنہٕ اُسی حسن آبادٕ پېٹھٕ لگھ

آمتی تہٕ رنگین کٔدلس پٮ۪ٹھ کھڑا گرِھتھ اٚسی امہِ خوبصورت راتہٕ ژھنٛد لطف تُلان۔ ویسے تہٕ آسہٕ کشیٖرِ منٛز پرٛژھ محفلہٕ زن غاب گامٕژ۔ اٚچھ آسہٕ ترسان کینٛہہ رُت وُچھنہٕ خاطرٕ۔ شہر کی تمام بڑی باپاری، سیاست دان، ڈاکٹر، بیروکریٹ تہٕ منسٹر اٚسی اتھ خاندرس منٛز موجوٗد۔ یہِ فنکشن اٚس دِلہِ ہٕنٛزِ اٚکِس Event Management کمپنی سُپرد کرنہٕ آمُت۔ سجاوٹہٕ پٮ۪ٹھٕ کھنبَس تام اوس سورُے تٔمنٛے مَتہِ۔ تموٚے اٚسی دِلہِ پٮ۪ٹھٕ گیوٚن واجِلی تہٕ نژَن واجِلی انہٕ ناوی مٕتی تہٕ کینٛہہ ڈانسر اٚسی بمبیہٕ پٮ۪ٹھٕ تہِ آمٕتی۔ کاشرِ گیوٚنک تہٕ بانڈٕ جشنُک اہتمام تہِ اوس۔ زُبیر تہٕ فرحان اٚسی مہمانن نیبرٕ کنہِ استقبال کران تہٕ اکھ لوگٕٹ کارڈ پیش کران، یتھ پٮ۪ٹھ مہمان سُنٛد ٹیبل تہٕ سیٹ نمبر درج چھُ آسان۔ گُلہم پٲٹھی اوس یہِ خاندر جشنِ کشمیرُک ہیو عالم پیش اکہِ پھِرِ رنگین رِکس بٔتھس پٮ۪ٹھ بیدار کران۔ جُنید صاب چھُ پانس ستی سبٹھاہ کم برات انان، یٮ۪مہِ رِکنی براتبن سبٹھاہ یژتھ واتان چھُ۔ پرٛتھ کانٛسہِ مہمانس چھُ سال کھبتھ سونہٕ سُنٛد اکھ پوٗنڈ تہٕ پشمینک اکھ شال تحفہٕ رٕنگی دِنہٕ یوان۔ مہرازس چھُ ڈاوری منٛز سبٹھاہ کینٛہہ واتان، حالانکہِ سُہ چھُ اتھ خلاف آسان مگر ازچھس نہٕ حاج صابس نِش رِکہٕنی تہِ چلان۔ جُنیدس چھُ امہِ دوہہ مالی ہٕنٛزِ کمی ہُنٛد سبٹھاہ اِحساس گژھان مگر مجبوٗری سببہ چھُنہٕ سُہ رِکہٕنی تہِ کرِتھ ہیکان۔ خاندرس منٛز تہٕنٛزِ موجوٗدگی خاطرٕ اوس جُنید داہ باہ دوہ برٛونٛہہ پرٛنٛس ڈٕکیلس ستی راجستھان گومُت، یتہِ پٕلسہٕ

افسرن سمکھیوٗ مُت تہٕ کیٖشن دوٚہن ہنٛزِ رہاۓ ہُنٛد درخاس کورٹس منٛز تہٕ دیٛتُمت مگر کیس اوس نیشنل اِنویسٹگیشن ایجنسی پننہِ اتھن منٛز نیوٗ مُت، اوٚ کُنہِ ہیوٚک نہٕ کانٛسہِ تہِ اُمِس مدد کٔرتھ۔ امہِ وِزِ چھ مأرس ستی تہِ اُمی سُنٛد ملاقات سبٹھاہ موٗختصر روزان۔ خاندرُک بوٗ زِتھ چھُ سُہ سبٹھاہ خوش گژھان تہٕ کلس پٮ۪ٹھ اتھِ تھاوِتھ چھُس دُعاے خأر کران۔ علی محمد چھُ یمن دوٚہن واقعی سبٹھاہ کمزور آسان۔ تُمی چھےٚ ہمت تہِ ہأرمٕژ آسان مگر نیٚچوٗس وُچھِتھ چھُ تس تھوڑا حوصلہٕ بڑان تہٕ مزید پوٗچھ تاچھِ خأطرٕ ذہنی طور تیار سپدان۔

خاندرچھُ سبٹھاہ چکہٕ چاوٕ سان انٛدواتان تہٕ سلیمہٕ چھےٚ حسن آباد پننہِ قدم ترٛاوان۔ رٔحت چھےٚ سارِوے کتھو بۄزِتھ اُمِس پنٛنِس خانہٕ دارِس متعلق ونان، تاکہِ پگاہ روزِنہٕ تس کانٛہہ ملال۔ سلیمہٕ چھےٚ سورُے بوزان تہٕ پتہٕ ہَشہِ ہُنٛد حوصلہٕ زنٛدٕ تھاونہٕ خأطرٕ ونان ''امّی، مےٚ چھُ تمن متعلق سورُے پوٚرمُت تہٕ سورُے پَے۔ تُمی چھُنہٕ کانٛہہ گوناہ کوٚرمُت، توہہِ پزِنہٕ امہِ خأطرٕ شرمندٕ سپدُن یا شرمندٕ روزُن۔ مےٚ چھُ فخر زِ مےٚ چھُ یُتھ ہیٚہر بابہٕ میوٗن مطلب مول۔''

''لُجسیہِ بلایہِ، ببر ہیوٗل زن ترٛووُتھم یتھ دزِونہٕ وأنجہٕ۔ از پیٚیم شیٚہلتھ۔ مےٚ زن اوس اُنٛدرٕ بارہیوٗ کوٗری، سونچان اُسس زِژےٚ کیٛاہ ونہِ تس متعلق۔''

''امی، یِمو کتھو ءستی مہٕ کری وۄن پنُن دِل تنگ۔'' امہِ دوہہ باسیو وَرحتہِ زِ واقعی چھےٚ یتھ گرس کھٕنز تام رٕژ نظر، تیمی یِژھ نوشہِ ہبن گرٕ سۄز۔ بڑِ گرٕچ کۄر، سوتہِ پیٚژ أصل ذات۔ سو أس بعضے نچوی ٕسندِس طالِعس پیٹھ تہِ فخر کران۔ دوہ دوہ گوٚ وگذران تہٕ سلیمٕن سوچ تہِ ہیوٚتُن دوہ پتہٕ دوہہ بدلُن، خاص کر بدلیو تمہِ دوہہ، ییٚلہِ یِہندِس نِشاط رکس شو روٗمس منز بلاسٹ گوٚ وتہٕ ژور ملأزِم مارٕ گیٖے۔ جُنید تہِ اوس تتھ تحقیقاتس منز شأمل تہٕ تمی وۄن سلیمس زِ یہِ بلاسٹ چھ اکہِ مِلی ٹنٹ تنظیمہِ کرنو وُمت، شکہٕ رکس بِنا ہس پیٹھ۔

''مگر کُس شک جُنید۔ ابو جیٚس پیٹھ ہیکیا شک سپدِ تھ!''

''واریاہہٕ قسمکی شک چھِ آسان۔ دپان یم مارٕ گیٖے، تِمو منزٕ ما آسہِ ہے کانٕہہ مُخبِر، آرمی ءستی رٕلتھ۔''

''باقیو ترٕ ییٚو کیاہ کریٚو و۔''

''باقی پھسیےٚ ناحقہٕ، یتھ کُنیٚ ٹوٹھ پھسیٖو و......'' امہِ پتہٕ سپز نہٕ اتھ پیٹھ بیہِ کانٕہہ کتھ مگر مزید کتھ نہٕ سپدٕنہٕ باوجود تہِ ترٕ وو أمی حأدی ثن سلیمٕنس دِماغس پیٹھ واریاہ اثر۔ تمی سُند سوچ بدلیو وکمل پأٹھی۔ تس باسیو زِ یتھِس کانِفلِکٹس منز چھِ زیادٕ ترٕ بےٚ گوناہ لُکھ مران۔ تس ہیٚژن گولین تہٕ بُلاسٹن ءستی نفرت ہش گژھنی۔ امہِ حأدثہٕ پتہٕ کینژٕ کألی گوٚ و دھانیاہ یہِ ہُنز خاندر تہِ سبٹھاہ چکہٕ چاوٕ سان۔ سلیمن کوٚر سہ خاندر پننو

اتھو۔شاپِنگ پیٹھ سجاوٹس تام تہٕ گہنو پیٹھ مائزِ واجنبن تام، سوُرے کۆر تمہِ پانہٕ تہٕ اکہِ اکہِ چیزُک تھوُون خیال۔ فیروز اوس کھوٗشی کران تہٕ شازی اَس ڈنٛب لگمژ۔ مگر اتھ حالس منز تہٕ پیٹھ نہٕ سو پتھر تۆ تام یۆ تام دھانیاوٲ رِوٲ ژ۔ اوٚ تام اَس گرٕچ حالتھ تہٕ واریاہ بہتر گامٕژ۔ نۆ ومکانہٕ اوس بنیو مُت، زٕ گاڑِ آسہٕ آنگنس منز، بینک بیلنس تہٕ اَس کٲفی، ییٚمہِ کٕنہ سلیمس یہِ باسان اوس زِ جُنید اوس نہٕ تہندِ خاطرِ کانٛہہ ناکارٕ چوٗس۔ وَخ گۆ وگذران، ژُری برٛیٚنے، تہٕ ژُر بن ہُنٛد مستقبل تہِ ہیوٚتُن برٛونٛہہ کنہِ کھڑا سپدُن۔ اَتھی ژُری کٕشس منز اوس ووٚنی علی محمد تہٕ وارِ وارِ مٔشتھ گومُت۔ بس اوس تیٚلی یاد پیوان ییٚلہِ تہندِس فوٹوٚس کُن نظر گژھ ہے۔خٲر، یہِ چھُ زندگی ہُنٛد دستوٗرے۔شمشان وٲراگ چھُنہٕ زیاد کالس روزان۔کانٛسہِ اَس نہٕ پَے زِتس کر گژھ گونہَن عفو۔حالانکہ تو ہنٛد کیس لڑنہٕ باپت اَسی جُنیدن ووٚنی زٕ ترٛے وٗکیل تھاوٕ ی مٕتی، مگر تو تہٕ اَس بےیقینی۔ فیروز لۆگ انجینیرِ نگ کرنہِ تہٕ تو ہنٛدٕ ے دوٚیم وٗری آوٗ سیلہٕ زِعلی محمد کۆر رہنگہٕ منگہٕ کورٹن رہا۔ ایجنسی ہیوٚک نہٕ تس خلاف کانٛہہ گواہ، کانٛہہ ثۆبوٗت پیش کٔرِتھ مگر اتھ سأرِسے لُج اکھ وٲنس۔ خٲر، علی محمدُن طالعِ تِھُے، ویسے آسہِ نہٕ یتھ اکھُے طالعے کینٛہہ، کشیرِ منز آسن یِتھی بِسیار طالع، ییٚم کانٛہہ گوناہ کرنہٕ ورٲے سزاگے تُلان۔ ووٚنی وٲتی اَسی برابر تۆتُے، ییٚتھن اسہِ یتھ کہانی ژھبن دِژو وسلیمنہٕ باپت۔وُنکین اوس گرس

منز بس اکھ سوال، تہٕ سُہ سوال اوس شازی ہٕنٛدِ ڈاکٹر بننک۔ مول تہٕ شازی اُسی ضِدس آمتی لاینہٕ تہٕ سلیمہٕ اُس اتھ ضِدس بُتھِ گُنی زٕنی کھڑا۔ وونی اوس تس ہیٚہرِ بابہٕ سُند مدد تہٕ۔ سلیمہٕ اُس شازی بار بار یہِ کتھ ونان ''نیٚبرِ مبن مُلکن منز ڈاکٹری کرنس کیٛاہ حسر، یہِ ڈِگری گژھِ پننہٕ مُلکچ آسنۍ۔'' سلیمُن خانہٕ دار جُنید اوس نہٕ پننہٕ مُلکک کانٛہہ تہٕ بجر زیٚو پیٹھ انان۔ اکہِ دوہہ شامن گوٚو جُنیدس پننِس مأٔلس علی محمدس ستی اتھ کتھِ پیٹھ وارِیاہ بحث۔ علی محمدن یَژھو وتس پننہٕ مُلکک بجر فِکرِ تارُن مگر تس گوٚو نہٕ برداش۔ کٕتر وو بَتہٕ أتی تہٕ ژاو پننِس کمرس منز۔ سلیمہٕ گیہ نہٕ امہِ وِزِ اُمس منہٕ ناونہٕ، تِکیٛازِ تس اوس باسان زِ جُنید چُھ غلط ونان، تو ہنٛد سوچ چُھ کتھ تام غلط وَتہِ لوٚگمُت، سو اُس پننِس ہیرِ بابَس تہٕ تٕہنٛدِس سوچس سبٹھاہ یَژھ کران۔ منٛزی منٛزی اوس تس ہیرِ بابَس منز پٕٹِن ابو نظرِ گژھان۔ تس اوس باسان زِ یِیمہِ کشیرِ ہنٛز ذِکر اُسی کتابن منز پران چھِ، یا کشمیرِ یِتِک یُس محاورٕ اسہِ پانہٕ رووُمُت چُھ، تتھِ یوٚ دوَے شکل دِمو، تہٕندِس ہیٚہرِ بابہٕ ہٕنٛدی ہوی وصف گژھن درٛینٛٹھی۔ رٕنٛجِ کأم موکلأوِتھ یِیلہِ سو پننِس کمرس منز ژایہِ، جُنید اوس پننِس لیپ ٹاپس پیٹھ کأم کران، سلیمہٕ بیٹھ تس نکھہٕ۔

''بتہٕ کیٛازِ کھیوٚوِ نہٕ۔'' سلیمن پرٕژھ تس سبٹھاہ احتیاط سان۔

''مأل اوسُم نہٕ، دراصل اوسُس ئہ دوہلہِ اکِس پارٹی منز۔''

''کینٛہہ تہِ اُسی تن جُنید صأب، بتہٕ پیٹھ گژھِ نہٕ تھوٚو دوو تھُن،

امہِ ستی چھ رِزق ناراض گژھان، داہن بأژن چھ پٔنڈی نیران۔ پے چھو، ییلہِ توہی دستر خوانہٕ پیٹھ تھوٚ دٕتھو، ٹأٹھس کیٚتھ بتھ گوٚو۔"

"مےٚ چھنہٕ اکھ کتھ فِکرِ تران، یہِ ٹوٹھ کیاز چھ پأکِستانس یوٚت خلاف۔ یہِ کیاز چھنہٕ مانان زِ شازی پرِ تتہِ۔ ہتہٕ بٔدی لڑکہٕ چھِ تتہِ پران۔ تمو بچارو چھ سانہِ خأطرٕ اکھ کوٹا ٹلےکوٚر رمُت، سُہ تہِ جان کالجن منز۔ خبراسہِ کیاز کھبنہٕ منزٕ وگُس۔"

"کتھ چھنہٕ سو جُنید۔ کتھ چھےٚ پٔیچ۔ پگاہ لگیا سو ڈِگری یتھ مُلکس منز کُنہِ!"

"گوڈٕنچ کتھ چھےٚ زِ ییٚتہِ کیاہ چھنہٕ چلان! روپیہٕ ستی ہیکہِ ییٚتہِ انسان کانٛہہ تہِ چیز مٔلی ہیتھ۔ پرٛتھ کانٛہہ افسر چھ ییٚتہِ بِکاو۔ فرق چھےٚ یہِ زِ أکِس چھ قیمت زیادٕ تہٕ بیٚیس چھ کم۔"

"مگر یہِ چھنہٕ میانہِ سوالُک جواب جُنید۔"

"توٚتُے یمہٕ۔ تتہِ ڈِگری حأصل کٔرتھ چھ أمِس ییٚتہِ MCI امتحان پاس کرُن، بس۔"

امہِ پتہٕ گٔر رٕژھ کھنٛجہِ سلیمن ژھوپہ، جُنیدن تہِ کوٚر لیپ ٹاپ بند۔ دونوٚے ژاے بسترس منز۔ بسترس منز وسان ٹُل سلیمن بیٚیہِ یوٚہے موضوع۔

"در اصل چھ ٹوٹھ یژھان زِ ییٚتی ہے شُری پرٛہن، تمہِ ستی

روزٕ ہن نظرن تل۔ ہیوٚر چُھ بون پُھ، بڑٕ چھِ مشوٗرٕ دِوان، نصیحت کران، شُری چھِنہٕ اتھٕ تلہٕ گرٛ ھان۔''

''وونی دڑ ائیس نہٕ ییٚتہٕ سپٹ، مارون ما۔ ییٚہ چھِنہٕ ازٕکلکی شُری اتھٕ تلہٕ گرٛ ھان۔ یِمن چُھ پننہِ نفع نوقصانُک جان عِلم آسان۔ یہِ چھینٕہ سائنی جنریشن، کھوٗژی کھوٗژی اُسی کتھ کران تہٕ ساٲرے زندگی اُس کھوژنس منٛزٕ ے نیرِتھ گرٛ ھان۔ اُزِکی بچہِ چھِ ہُشیار تہٕ تِمن چھےٚ ذہانت تہٕ بِسیار۔''

''توٚہہِ چھا باسان تہٕ تِہ گرِ ھ اُمس ایڈمِشن۔''

''کیاز نہٕ! پاکستانس منٛز چھِ مےٚ وُنکبن جان کنیکشن، یُہ ہکہٕ کُنہِ تہٕ جان کالجس منز اُمس ایڈمِشن کرناوِتھ۔''

''مگر توٚہہِ کُس کنیکشن چُھ تتھ مُلکس ستی، رِشتہٕ دار چھا کانٛہہ کِنہٕ یاردوست۔''

''نہٕ چُھ دوست تہٕ نہٕ چُھ رِشتہٕ دار، بس مان ژٕ بزنبس پارٹنر۔''

''مگر توٚہی کُس بزنبس چھِو کران۔ از تام لوٗگ نہٕ مےٚ تمیک پَی۔''، سلیمس ہیٚتِن اَندرٕ ہتہٕ بٔڈی سوال ووٗتلنی۔ سو اُس شونگنہٕ بزٕ ونٛہہ پرٛتھ کُنہِ سوالُک جواب بوزُن یژھان۔

''بزنبس ہکونہٕ وٲنِتھ، یُہ چھُس تہنٛز کام کران۔''

''گوٚ ونا ایجنٹ۔ جُنید! مےٚ اُس نہٕ پَے زِمیانہِ سوچُک ژوٗر پھرِ

میأنِسے گرس۔ تو ہہ نِش اُس نہٕ مےٚ یہِ وومید۔ تِتھِس جان پوسٹس پیٹھ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ تِتھِس جان محکمس منز اُستھ کیاہ ضرورت پیٚیہ توہہ ایجنٹ بننچ۔ وو پر مُلکُکہِ مفادِ خاطرٕ کیاہ چھِو توہہ کرُن آسان...... پیٚتکی سِکرِٹ کِنِنی۔ ہُنہہ۔"

یہِ چھکھِ ژٕ وَنان سلیمہ! لیس کشیرِ ہُند محبت رگن رگن منز اوس، یوسہ پننہِ وطنہٕ خاطرٕ زُودِنس تہٕ تیار اُس، سوے سلیمہٕ چھا ازیہِ ونان، یمہٕ کتھ کران!"

"پننہِ وطنُک محبت چُھ مےٚ از تہٕ، یٚیمہِ قومہٕ چہِ بدحالی ہُند احساس چُھ مےٚ اَندری چھُن ٹلان مگر اکہِ غولامی منزٕ نیرتھ یژھ نہٕ بیا کھ غولامی۔ ہٕہ چھبس از تہٕ مرنہٕ خاطرٕ تیار مگر کُنہِ بڈٕ مقصدٕ خاطرٕ، تمہِ مقصدٕ خاطرٕ یُس اسہِ یژتھ دِیہِ۔ فرژٕ روٗس زِندٕ روزنُک حق دِیہِ، سُے مقصد چُھ میون۔ تہٕ اتھ سوچس چھبس ہٕہ از تہِ پأروی کران۔ توٚہۍ یہِ کران چھِوٕ، تہٕ چُھ اکھ تھٔندِ خاطرٕ غلط تہٕ بیٚیہٕ یمن پٔتمن موسوٗم لُکن ہٕندِ خاطرٕ تہٕ۔"

"غلط چُھنہٕ کہنی، غلط تہٕ صحی چُھ پرٔتھ حرکژ سوٗنے سوچ بناوان۔ ژٕ بوچ تِتھ کٔنی زِیوٚ تام نہٕ کُنہِ جایہِ پیٹھ مدد یِیہِ، کانٛہہ حوصلہٕ افزأی کرِ، توٚ تام کتھِ ہکو اُسی یہِ لڑأے جأری تھأوِتھ۔"

"جُنید صأب، یوسہ لڑأے ہِیہ ہٕندبن شانن پیٹھ انسان لڑِ، سو

چُھنہٕ انسان زانٔہہ تہٕ زینان۔ توٚہۍ چھوٚ شورٕ ڈھیرس پٮ۪ٹھ رٕہتھ، زق مق اَتھس کیتھ رٔٹتھ اتھ رگڑ دِوان، یہٕ زانِنہٕ ورأے زِیام امہِ منزٕ تیٚمبر نیرِ، سُہ کوٚت واتہٕ ناوِتہٕ کیاہ کرِ۔ أسی ساری درٚو، نہ روزن یمہٕ ڈِگری کُنہِ تہٕ نہ أسی۔ پلیز، یُس تہِ بزنس تمن ہتی کران چھوٚ، سُہ کرِو خدا را فی الفور بند۔"

"سلیمہ، گابرٕنچ چھنہٕ کانٔہہ ضرورت۔ مےٚ چھےٚ پَے زِیٕہ کیاہ چُھس کران تہٕ بہٕ کوتاہ نکھٕ چُھس اتھ شورٕ ڈھیرس۔ پُلسہٕ محکمس منزٕ چُھس نہٕ تٕتھے۔ شونگ، فِکر ہیٚنچ چھنہٕ کانٔہہ ضرورت۔"

"نو جُنید۔ یہٕ چُھنہٕ بس چون مسلہٕ، یہٕ چُھ وونی اسہِ سارِنٕے ہُنٛد۔ بہٕ کرٕ اتھ پٮ۪ٹھ ابو جیَس ہتی کتھ۔"

"ژٕنے مرٕے بٔے سلیمہ، اگر یِژھ کتھ کُنہِ جایہِ گرٕتھ۔ نہ ابو جیَس ہتی تہٕ نہ ٹأٹھِس ہتی۔ یہٕ چُھ سبٹھاہ بوٚڈ معاملہٕ تہٕ امیُک اند ژھانڈُن چُھ ناممکن۔ بہٕ چُھس اتھ منزٕ سبٹھاہ دوٗر دزامُت، میون پتھ ہیوٚن چُھنہٕ ممکن۔ بہٕ چُھس نہٕ مرنہٕ برٚونٔہہ مرُن یژھان سلیمو۔ یوٚ دوٚے امہِ کتھِ ہُنٛد اِفشاہ نبر گژھ، دوشوٕیوٚ اندٕو زاگہِ موت۔ اوٚے چھےٚ ژھوپہٕ اتھ مالس منزٕ ضروری۔"

امہِ رأژ باسیوٚ سلیمس پنُن وجوٗد ریزٕ ریزٕ گژھان۔ تس گوٚو گوڈنچہِ لٹہِ زندگی منزٕ خوفُک احساس، سورُے دُنی یاہ باسیوٚس دزان، اتھ

منز تو ہنٛد گرٕ تہٕ تہٕ تو ہنٛد عیال تہِ۔ سو ہیچھ نہٕ ڈٲلی ڈٲلی کُنہِ تہِ کتھِ ستی سمجھوتہٕ کرِتھ، تہٕ نہٕ ہیچھ اَچھ بنٛد کرِتھ۔ تمہِ سوٗنچ زِ ٹاٹھس میوٗل بےٚ گوناہ یوٗت سزا، یوٗت تکلیف...... ووٚنی یس خطا آسہِ، تس کیٛاہ بنہِ، تس ستی کُس سلوٗک سپدِ۔ یتھو خیالو زاج سلیمنٕز ہِنٛدِ رمکمل پاٹھی۔ تمہِ ہیوٚت ووٚنی ژھوپہِ ژھوپہِ روزُن، اکہِ ونہٕ یا پرِ ژھنہٕ اَس نہٕ سو کُنہِ کتھِ جوابٕ دِتھ ہبکان، تِکیاز زِ سو اَس ژوشوٚنی پہرن رأوہمٕژ آسان۔ یہِ خوف ہیوٚتُن تس وارٕ وارٕ یادداشت تہِ فرُن۔ یَپأرِ نیوٗ جُنید صأبن فأصلہٕ زِ شازی پرِ پاکستانہٕ۔ تمہِ کرِ تمام فارملٹیہِ مکمل تہٕ دونوٚے بأژ وأتی شازی ہتھ پاکستان۔ سلیمن مانیو ونہٕ گژھن مگر شازی ہِنٛدی ضِدن کر مجبوٗر۔ علامہ اقبال میڈیکل کالج لاہورس منز سپُد شازی ہُنٛد ایڈمِشن۔ اتہِ سپُد ہوسٹلُک تہِ اہتمام۔ لاہورس منز اکھ زٕ دوہ گذارنہٕ پتہٕ وأتی دونوٚے بأژ کراچی، یتہِ جُنیدس کینٛہہ دوست پزاران اَسی۔ سبٹھاہ بڑس ہوٹلس منز اوس تمو یہنٛدِ روزنُک انتظام کوٚرمُت۔ مگر سلیمس اَس أنٛدرٕ بےٚ قرأری۔ تس اَس اتھ سأرِسے پتہٕ اکھ سأزِش صاف دژھیٛنٛٹھی گژھان۔ یِم تہِ نفر جُنیدس سمکھنہِ اَسی یِوان، تِمن سارِنے ستی اَس تس نفرتھ۔ سو اَس ڈٲلی ڈٲلی پنٛن گرٕ واتُن یژھان۔ شازی اَس دوہے شامن یِمن ستی کتھ گژھان، گہے ویڈیو کال سپدان، یِیمہِ کنی سلیمنٕز پریشأنی تھوڑا کم اَس گژھان، تِسنٛدِ خأطرٕ اَس ووٚنی شازی ہٕنٛز خوٚشی سبٹھاہ اہم۔ تو ہنٛد

مانٛز اوس زِ پاکستانہٕ ورأے ہیکہِ ہے شازی بیہِ کُنہِ مُلکس منٛز تہِ ایم بی بی
ایس کٔرِتھ، خاصکر چینا، رشیا، یتہِ نہٕ یہِ خُفیہ تعلقاتن ہُنٛد ماملہٕ آسہِ
ہے۔ سوٗ اَس یٔژھان زِ یمن سارِنٕے وَنہِ زِ جُنید گٔری وۄن آزاد، یہِ
تژ آوی وۄن یلہٕ، یہِ چھُ کوٗرِ وول، مگر اوہنٛد یہِ فریادُکس بوزِ ہے، نہٕ پٔتن
خانہٕ دار تہٕ نہٕ تِم وو پر لُکھ۔ داہ باہ دوہ پاکستان کِٕین مختلف شہرن منٛز
گنذأرِتھ وأتی دۄنوَے کشیرِ واپس۔ اِیٔر پورٹس پٮ۪ٹھ اوس فیروز گاڑی ہیتھ
پرٛاران۔ علی محمد تہٕ رٔحت تہِ أسی تِمن زسپو کرنہِ کھٔتی ٕمتی۔ سبٹھاہ خوش
اوس امہِ دوہن گری گرِ زِ شازی گوٚو پننس من پسند سبجیکٹس منٛز ایڈِمشن۔
واریاہس کالس روزِ گری گرِس منٛز صرف پاکستانچہِ کتھ چلان۔ یُس تہِ
مُبارکس یِوان اوس، سُہ اوس گوڈٕ پاکستانس متعلق پرٛژھان۔ لُکھ أسی
زانُن یٔژھان زِ تِمو کأژاہ ترقی چھےٚ کٔرمٕژ، تِم کیٛاہ چھِ کأشرِبن متعلق
سونچان۔ پرٛتھ کانٛہہ اوس لگ بھگ تِتھی سوال کران۔ جُنید اوس سبٹھاہ
تھکہِ وِتھ تِمن پٮ۪چ کتھ باوان، یَپأری اَس سلیمہٕ بد دِل۔ تس اَس نہٕ
پاکستانچ کانٛہہ کتھ ٹارِ کھٔژمٕژ۔ تس اوس فِکرِ توٗ رمُت زِ آزأدی پتہٕ چھِنہٕ
پاکستانن کانٛہہ تھکنٕۍ لایق ترقیاہ کٔرمٕژ۔ ووٚں گوسوٗ اَس نہٕ خانہٕ دار سُنٛد بزم
پھُٹراوُن یٔژھان، شامن أسکھ دوہے شازی سٕتی وِیڈیو کال سپدان۔
تمہِ سٕتی اوس باسان زِ شازی چھےٚ گرِس منٛزٕے، دوٗر کُنہِ جایہِ چھینہٕ۔
ویسے تہِ اوس نہٕ لاہور ہندوستانہٕ نِش زیادٕ دوٗر۔ علی محمدس یوٗتاہ گوڈٕ گوڈٕ

شازی ہُنٛد نیرُن مشکل باسیٛو، تیٚوٚ تاہ کوٚر تٔمۍ اتھ کتھِ ستۍ سمجھوتہٕ۔ تٔمۍ سوٚنچ زِ اگر مالِٕ ماجہ تٔہنٛدِ خاطرٕ یِی بہتر زون، تیٚلہِ آسہِ ضرورٕ ییٖ ٹھیکھ۔ تَس اوس یہِ خیال تہِ یِوان زِ تٔژ ہوٕ ریٚو چھ سُہ ذہنی طور سیٹھاہ کمزور بنوومُت تہٕ تَس چھُنہٕ شاید بہتر سوچ کانٛہہ تہِ صلاحیت باقٕی روٗزمٕژ، اوَے چھُ سُہ پرٛتھ کتھِ پیٹھ سوال تُلان۔ ویسے تہٕ اوس سُہ تٔژ ہوٕ ریٚو امہِ گرٕ نِشہِ مکمل طور ژھینہٕ کوٚر مُت۔ سُہ اوس کشیرِ نِش تہِ ژھینہٕ سپُد مُت۔ یَمو تٔژ ہوٕ ریٚو اوس سُہ اکھ بےٚ زبان کِردار بنوومُت، یُس بس وُچھتھ اوس ہیکان مگر پننۍ کانٛہہ تہِ خاہش اوس نہٕ ظاہر کٔرِتھ ہیکان۔ یوٚ دوَے کرِ ہے، تتھ کُن اوس نہٕ کانٛہہ تہِ توجہ دِوان۔ سُہ اوس لبہِ پیٹھ اویزان فوٹو مگرشہہ ہوان۔ ممکن چھُ زِ تٔمۍ ما آسہِ ہے یہِ گرٕ خبر کرٕک تٔژ وومُت مگر رَحتہٕ ہٕنٛدِ موکھہٕ اوس نہٕ سُہ تہِ کٔرِتھ ہیکان۔ تَس اوس یہِ احساس زِ تَس پتہٕ تُل رَحتہِ تہِ واریاہ تکلیف تہٕ وونۍ چھُنہٕ تَس مزید تکلیف تُلنچ توژھ۔ امہِ کِنۍ اوس سُہ پرٛتھ کانٛہہ کتھ برداش کران، پرٛتھ کُنہِ فائصلس برٛونٛہہ کنہِ کلہٕ نوٚ مراوان۔ مٔژی ییٚلہِ گرٕ تنگ پیِہ ہے، تیٚلہِ اوس لسجن کُن چکراہ کران، دھانیایہِ تہٕ تٔہنٛد بن شُر بن نظراہ دِوان۔ لسجنہٕ ہُنٛ اوسُس خوش کران۔ تتہِ اوس أمِس کشیرِ ہُنٛد سُہ پرٛون مازمیچھر درٛینٛٹھی گژھان۔ سُہ پانٛنیار، سوشرم تہٕ حیاہ چھُ وُنہِ تہِ کشیرِ ہٕنٛد بن گرن منٛز باقٕی، یہِ احساس اوس تَس انتہائی مسرت بخشان۔ دھانیایہِ ہٕنٛد بن دوشونۍ شُربن اوس گرکین زِ ٹھبن ہُنٛد

سخ بیم۔ یوٚ دوَے تَم آلو کرہنگھ، دونوَے أسی بڑ وٕنہہ کنہِ کھڑا اسپدان۔ دھانیاتہٕ أس ہَشہِ ہیٚہرس سخ قدٕر کران، سبٹھاہ خدمت کران۔ یہِ وُچھتھ اوس علی محمد سیوٚ دُے جنتس گژھان۔ تس اوس احساس زِ دھانیا چھےٚ واقعی أکِس رتِس گرس باگہِ آمژ۔ اَتھن اوس علی محمد پننِس قسمتس پیٹھ فخر کران۔ شُکرانہٕ اداکران زِ اکِہ طرفہٕ یوٚ دوَے نیوٚ تھم، دوٚیمہِ طرفہٕ دِیُتتھم بے حساب۔ نشاط کُن تہٕ اوس مُژی مُژی حاجؠ صابس نِش نظر دِوان۔ حاجؠ صاب اوس علی محمدس سبٹھاہ قدر کران۔ شورؠمس منز بُلاسٹ گژھنہٕ پتہٕ اوس حاجؠ صاب تہٕ واریاہ بدلیومُت۔ بار بار اوس تِمن مُلازمن ہُنٛد ذِکر کران، یِم تتھ بُلاسٹس منز مارٕ گےٚ۔ سُہ اوس ونان زِ تِم أسی نہٕ تس مُلازِم بٔلکہ أسی ٹہنٛدی اولاد۔ سُہ اوس گھنٹہٕ وادن علی محمدس نِش اتھ کتھِ پیٹھ وَدان...... "یوٚ دوَے شُر بن ہنٛز یہِ ذِمہٕ دأری مَتہِ آسہِ ہے نہٕ، ٔبہ آسہٕ ہا خبر کر کشیر ترٛاوِتھ ژوٚلمُت۔" یہِ کتھ اوس سُہ اکثر علی محمدس ونان۔ تِمی أسی شُر بن ہنٛدی شُری بہتر تالیمہِ خاطرٕ پانس نِش رٔژ مٔتی، مگر تس اوس ووٚنی باسان زِ یہِ مقصد ہیکہِ نہٕ ییٚتہٕ روٗزِتھ پوٗرٕ سپدِتھ۔ بُلاسٹہٕ پتہٕ اوس سُہ کھوٗژمُت۔ شُری تہٕ اوس سُہ ماأرس ماجہِ نِش توٗری نبر سوزٕنی یژھان۔ علی محمدس نِش اوس سُہ پنٛن پرٛتھ کانٛہہ سِر باوان۔ خأر، وخ چھُ پرٛتھ کانٛہہ زخم برَان، تہٕ وخٕتس سٟتی ٔستی آے أہنٛدی تہِ کیٛنٛہہ زخم برنہٕ مگر سُہ زخم آونہٕ برنہٕ، یُس کشیرِ لوٚگمُت اوس۔ یہِ زخم اوس دوہہ پتہٕ دوہہ پننی شکل

بدلاوان تہٕ نوسۆرس گُن لمان۔ کانٛہہ تہِ طبیب، کانٛہہ تہِ دٲنشوراوس نہٕ امیٖک یلاج دِتھ ہیکان۔ مٔژ اوس یہِ اِحساس ووتلان زِ یہِ چھُ شایداتھ تقدیرِ سۭتۍ لیکھِت، اتھ کیاہ کرِ کانٛہہ۔ علی محمد تہِ رٕود ووٚنی کشیرِ ہنٛدِس بدلوٚنس مزازس سنان۔ کشیرِ ہنٛد بن حالاتن سنان سنان اُس تس نیشنل اِنویٚسٹگیشن ایجنسی ہنٛدِس تِمس افسرٕ سنٛز کتھ تہِ باربار یاد پیوان۔

''علی محمد کشمیر بہت خوبصورت ہے اور کشمیر کے لوگ بھی۔ بارہمولہ میں میں نے بہت سارے سال گذارے ہیں، اور یاد رکھو اگر تم بے گناہ ہو تو میں تمہیں مرنے نہیں دوں گا، یہ میرا وعدہ ہے۔''

کوتاہ بھروسہٕ اوس تس پزرس پٮ۪ٹھ، کوتاہ رحم اوس تس دِلس منٛز......

''ٹاٹھیا کیاہ چھِوٕ سونچان۔'' سلیمہٕ ژایہِ چاے ہیٚتھ تہٕ علی محمد ووت راجستھان جیلہٕ پٮ۪ٹھٕ سیوٚدٕ دُرے حسن آباد۔

''رِکھنی نے کوٗری، پتٕمِن ترٛہن ؤرِیَن اوسُس سام ہیوان۔''

''کیاہ نیرِ اتھ سام ہینہٕ منٛز ووٚنی۔''

''کینٛہہ جان کتھ تہِ چھےٚ یِمن ترٛہن ؤری ین منٛز سپٕز مٕژ۔''

''مِثالے'' سلیمہٕ ؤژھ سماوارِ منٛز چاے پھِران پھِران۔

''پزٕ ژھ گاٚرکرن وول اکھ افسر اوس رام لال۔ کوتاہ نیک اوس سُہ، سُہ نَے آسہِ ہے، بہٕ آسہٕ ہاریماںڈن تلے موکلیوٚمُت۔''

''کینہہ نفر چھِ رِتی تہِ آسان۔ رٔٹو چاے۔'' علی محمدن رٔوٹ چایہِ پیالہٕ مگرأچھن تل اوُسس رام لال۔

''کینہہ وو پرچھِ تیٔوت مدد کران یؤت نہٕ ہِنٛز کرَن۔'' یہِ ؤنتھ ؤژھ سلیمہٕ تھوٚد۔

''بیٚہہ تامتھ۔ شازی ہُنٛد اوسا فون بیترِ آمُت۔'' سلیمہٕ ہِٹھ بیہِ پتھر۔

''نہ۔ سو چھیٚنا شامن ویڈیو کال کران۔ اکھُتے گوٚو از فیروز صأب امتحانہٕ تلہٕ آزاد۔''

''شکر خدالیس کُن، ووٚنی کیاہ کرِ بۆز ونہہ کُن۔''

''تہِ ننہِ زِزلٹ پتہٕ۔ ٕزترٛے ربتھ لگنس رزلٹس۔''

''چلو، یہِ فِکر موکلیہِ۔ خداین کوٚر رُت۔ یہِ جُنید صأب کوٚت چُھ از گومُت، صُبح پیٹھٕ گوٚو نہٕ نظری۔''

''تِم حض چھِ از شُپیَن گأمتی۔''

''شُپیَن! خبر کیاز؟''

''دوٚ پکھ دفتری کأم چھِ کیاہتام۔''

علی محمدن چیٚے چالیس زٕ ژوردام، امہِ پتہٕ دِژِن سلیمس کُن نظر، سو أس لگاتار دارِ کِنہٕ خبر کتھ تام ناموٚلوٗم چیزس وُچھان، یُس نہٕ تِس أچھن تل أستھ تہِ لبنہٕ اوس یِوان، تِکیاز تِسنٛد دِمباغ اوس خبر کتہِ آوٗر، سو أس

نہٕ بڑ وثہہ کٔنٛہ چیز کیٛنہہ تہٕ پڑ زنأوِتھ یاوٗ چھِتھ ہبکان۔

''کیٛاہ چھکھ کٔری سونچان۔ خوداہ کرِ سورُے ٹھیٖکھ۔'' علی محمدٕ نہٕ اِمہٕ کتھِ ستی پھیر سلیمہٕ واپس تہٕ تمہٕ تڑأو ہیہر بابس کُن نظر، تس باسیو زِ تمس چھ سورُے پَے۔

''تو ہے چھاٹا ٹھیٖا امہِ کتھِ ہُنٛد کانٛہہ عِلم۔''

''عِلم چھم نہٕ مگر شک چھم۔ شکہٕ پڑاہن چھُنس روٗٹمت۔ باسان چھُم جُنید صأب چھ کو سہٕ تام غلط کأم کران۔''

امہِ پتہٕ گَردوشیوٕ واریاہس کالس ژھوپہٕ۔ علی محمدن موکلاو خبر کر چاے تہٕ چیٛتھ، سلیمس روٗدنہٕ امیٛک حسابے۔ سو أس سُہ دوہ صاف پأٹھۍ وُچھِتھ ہبکان، ییٛلہِ آرمی اتھ گرس منٛز دأخل گڑھ تہٕ گھاسہٕ تُلۍ تام پڑاٹہِ تہٕ سورُے یَژتھ میژ ستی رلاوِ، تس اوس یقین زِ از نتہٕ پگاہ چھ یہِ سپدن وول، اِوَکنۍ اوس نہٕ تس کُنہِ ستی دِلے لگان نہٕ أس تس یہِ خوٗشی زِ فیروزن موکلاو انجینیرِ نگ تہٕ نہٕ أسس یہِ خوٗشی زِ شازی چھےٚ ایم بی بی ایس کران۔ سو أس پننہٕ نِبنے دولابن منٛز ہہنہٕ آمژ، منٛزی أس یتہِ سونچان زِ یہِ وُہری شئیہِ رِیتی گرٛھن طے چھُ، تہِ کونہٕ چھ وُنی سپدان دیٛو زندگی کانٛہہ وتھ لبہِ ہے۔ یہِ اَژھ زُونیر زُو موکلہِ ہے۔ یہِ کشمکش گیہِ یمن أندری ستاوان مگر جُنیدس اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ بہران بُتھِ لگنس۔ گوڈنی اوس تس صحی بڑین واش کرنہٕ آمت، دوٚم اوس پانہٕ پولیسس منٛز، اِوَکنۍ اوس نہٕ خوف

''کینٛہہ نفر چھِ رِتی تہٕ آسان ۔ رٕٹو چاے۔'' علی محمدن رٕٹ چایہِ پیالہٕ مگراٴ چھن تل اوٚسس رام لال۔

''کینٛہہ وو پرٕ چھِ تیٚوٚت مدد کران یٚوٚت نہٕ پننۍ کرٕن۔'' یہِ وٚنتھ وٚژھ سلیمہٕ تھوٚد۔

''بیٛہہ تامتھ۔ شازی ہُنٛد اوسا فون بیترِ آمُت۔'' سلیمہٕ پیٛٹھ بیہِ پتھر۔

''نہ ۔سو چھینا شامن ویڈیو کال کران ۔ اکھتُے گوٚو از فیروز صأب امتحانہٕ تلہٕ آزاد۔''

''شُکر خودالیس کُن، ووٚنی کیٛاہ کرِ بڑ وٚنہہ کُن ۔''

''تہِ ننہِ رِزلٹ پتہٕ ۔ زِ ترٛ ے ربتھ لگنس رِزلٹس ۔''

''چلو، یہِ فکر موکلییہِ ۔ خوداین کوٚر رُت ۔ یہِ جُنید صأب کوٚت چھُ از گومُت، صُبح پیٛٹھ گوٚو نہٕ نظری ۔''

''تم حض چھِ از شُپیَن گأمتی ۔''

''شُپیَن! خبر کیٛازِ؟''

''دوٚ پکھ دفتری کأم چھے کیٛاہتام۔''

علی محمدن چیٚے چالیس زٕ ژوردام، امہِ پتہٕ دِژن سلیمس کُن نظر، سوٚ اٴس لگاتار دارِ کنۍ خبر کتھ تام نامولوٗم چیزس وُچھان، یُس نہٕ تس اٴچھن تل اٴستھ تہِ لبنہٕ اوس یِوان، تِکیٛازِ تسُند دِماغ اوس خبر کتہِ آوٗر، سوٚ اٴس

نہٕ بڑوٗنِہ کٲنٛسِہ چیز کینٛہہ تہِ پرٛزناوِتھ یاوٗ چھِتھ ہبکان۔

''کیاہ چھکھ کوٗری سونچان۔ خوداہ کرِ سورُے ٹھیکھ۔'' علی محمدٕ نہٕ اِمہِ کتھِ سٟتؠ پھیر سلیمہٕ واپس تہٕ تمہِ ترٛاوٕ ہیہر بابس کُن نظر، تس باسیو وزِ تِمس چھ سورُے پَے۔

''تو ہیہ چھاٹاٹھؠا اِمہِ کتھِ ہُند کانٛہہ عِلم۔''

''عِلم چھم نہٕ مگر شک چھم۔ شکہٕ پرٛاہن چھُنس روٗٹُمت۔ باسان چُھم جُنید صأب چھ کوٚسہٕ تام غلط کأم کران۔''

اِمہِ پتہٕ گَر دوشوٕیو واریاہس کالس ژھوپہٕ۔ علی محمدن موکلاوٕ خبر کر چاے تہِ چیتھ، سلیمس روٗدنہٕ امیُک حسابے۔ سو اوٚس سُہ دوہ صاف پأٹھی وُچھِتھ ہبکان، ییلہِ آرمی اتھ گرس منٛز دأخل گژھ تہٕ گھاسہٕ تلی تام پرٛاٹِہ تہٕ سورُے یژتھ میژٕ سٟتؠ رلاوِ، تس اوس یقین زِ ازتہٕ پگاہ چھُ یہِ سپدن وول، اِو کِنؠ اوس نہٕ تس کُنہِ سٟتؠ دِلے لگان نہٕ اُس تس یہِ خوٚشی زِ فیروزن موکلاو انجینیرِنگ تہٕ نہٕ اٟسس یہِ خوٚشی زِ شازی چھےٚ ایم بی بی ایس کران۔ سو اُس پننہٕ نٟنٛبے دولابن منٛز ہینہٕ آمژ، منٛزی اُس یہِ تہِ سونچان زِیہٕ وُہری شٟیِہ رٟتؠ گرٛژھن طے چھُ، تہِ کونہٕ چھُ وُنی سپدان دیٚو زندگی کانٛہہ وتھ لبہِ ہے۔ یہِ اَژھ زُونیر زُو موکلہِ ہے۔ یہِ کشمکش گٔیہ یِمن اَندری ستاوان مگر جُنیدس اوس نہٕ کانٛہہ تہِ بہران بُتھِ لگنس۔ گوڈنی اوس تس صحی بڑین واش کرنہٕ آمُت، دوٚیم اوس پانہٕ پولیسس منٛز، اِو کِنؠ اوس نہٕ خوف

بیترِ تہٕ کیٚنہہ۔ سلیمس علاوٕ اوس ووٚنی علی محمد تہٕ پریشان، سونچان اوس زِ کُنہِ طریقہٕ گوٚژھ جُنید واپس پھیرُن۔ تِمس اَس یمن خابن ہنٛز حقیقت پیَے۔ سُہ اوس وُچھِتھ ہبکان زِ جُنیدس کُس حال سپدِ......

راتھ ہنٛزِ آسہن لگ بھگ باہ بجے مژٕ، سلیمس اَس نِنٛدرِ زٕ زہرٕ، سوٚ اَس بِسترس پیٹھ بس لرِ پھیرِنی دِوان تہٕ تتھ دوہس متعلق سونچان ییلہِ آرمی اتھ مکانس ریڈ ترٛاوِ تہٕ جُنیدس پانس ستی نیہ۔ امہِ پریشانیہ اَس سو اکہِ بالہٕ کھسان تہٕ بییہ بالہٕ وَسان۔ اَتھی منٛز باسیوٚ وتس نیٚبری ٹارچہِ گاش ہیوٗ۔ تمہِ تھاوٕ پیٚنٛتِس کھنٛڈس دارِ کُنے نظر۔ تس آو صاف بوزنہٕ زِ کُس تام چھُ بونہٕ پیٹھ ہیوٚر ٹارچ ترٛاوان۔ تس ہیوٚتُن فرٛٹھ گرٛٹھن۔ تمہِ دیُت کن، ووٚنی ہیٚژن تس لُکن ہنٛدِ پکنٕچ آواز تہٕ کنن گرٛٹھنی۔

"اما خاٗرٕے چھا!" تمہِ کوٚر پانسے ستی سوال، لیف اَکتھ کُن ترٛاوِتھ واتھ دارِ تل۔ سفید پرٕدٕ لوٗنٛٹھ کرِن اَکس اندس کُن تہٕ ترٛاوِن بون کُن نظر۔ نیٚبرِم عالم وُچھِتھ گوٚ وتس اَنٛدرِم شہہ اندر تہٕ نیٚبرِم شہہ نیبر۔ بِسیار آرمی اَس آنگنہٕ کَس پژتھ کوٗنس منٛز چھکرِتھ۔ نیبرِ مہ سڑکہِ پیٹھ آسہٕ واریاہ آرمی گاڑِ کھڑا۔ آرمی اوس ساٗری ہیے مکانس گھیرٕ ترٛ ووٚمُت تہٕ ووٚنی اَسی بس حملچ تیاٗری کران۔ سلیمن ترٛ ووٚدارِ ہُنٛد پرٕدٕ وٚلی وٚلی تہٕ گیہٕ جُنیدس نِش۔

"جُنید صاٗب، جُنید صاٗب! تھوٚد ووتھ حض، آرمی حض چھُ

مکانس گھیرِ ترٛ وومُت۔"

"شوٗنگ پانس، آرمی کیاز ترٛاوِ مکانس گھیرٕ۔ خاب آسکھ وُچھان۔"

"جُنید صاب خاب چھنہٕ، یہِ چھےٚ حقیقت، تھوٚ دٕ تھِو تہٕ پننوٕ اَچھوٚ وُچھو۔اسہِ چھُ از شاید باٗزٕ باٗزٕ مرُن۔"

"کیاہ بکواس چھکھ کران۔" جُنید ووٗتھ شرارتہٕ سان تھوٚ دتہٕ دِژن دارِ کنہِ نظر۔ واقعی اوس آرمی مکانس گھیرِ ترٛ وومُت۔ یہِ سورُے وُچھِتھ گوٚ وجُنیدس وحشت" میانہِ خودایا! یہِ بلاے کپاٗری واٗژ کھورن تل، ضروٗر چھُ کُمی تام میون ناو ہیوٚتمُت۔ووں کیاہ بنہِ سلیمو، یم ہےَ چھِ سبٹھاہ بےٚ رحم آسان، یم ہے مارن مےٚ۔"

"وَنیو موٗ نا بازیِ تو اورٕ، یہِ ترٛٹھ ماپیٚیہٕ ہے۔ووں کوٚت گرژھو!"

"از بچاوی مےٚ کُنہِ پاٗٹھی۔ بٔہ ہے گرٛژھ کُنہِ طریقہٕ تیٚمہِ مکانہٕ منزٕ نیبر نیرُن۔"

"مگر کتھ پاٗٹھی؟ ژووا پاسےٚ چھےٚ آرمی چھکرِتھ۔ سرٛکہِ تام چھِ یم پھہلِتھ۔"

"مےٚ چھُ باسان بٔہ ژٔلے ٹاٹھی ہندِ کمرٕ کنہٕ۔دارِ کنہٕ واتےَ بٔہ بونہِ پیٹھ تہٕ تیاٗری ژٔلہٕ پوٚت وارِ کنہٕ۔"

"اگر یمن شکھ گوٚو، یم بُزن پانس کوٚٹھس۔"

''بیہِ چُھنہٕ چارٕ رے کانٛہہ ۔ بٕہ گژھہ نہٕ یمن اتھِ لگُن ، یِم والن مےٚ مُسلہٕ......''

أتھۍ منٛز چُھ دروازس ناک گژھان ۔ تہٕ یہِ ناک چُھ ٹاسرایہِ منٛز تبدیل سپدان ۔

''ژٕ وَس بون تہٕ مُژر درواز ، تیتِس کالس واتہٕ بٕہ نبر ۔'' جُنید چھ گُنی دورِ مائلی ہِنٛدِس کمرس منٛز واتان ۔ اَوٚ تام چھِ ٹاسرایہِ ہِتی تم تہٕ ہُشیار آسان گامٕتۍ ۔ جُنید چھ دارِ کُن گژھان ۔

''کُس چُھوٕ؟'' علی محمد چُھ یکدم لیف أ رِکتھ کُن دأرِتھ دِوان ۔

''بٕہ ہا چھس ٹاٹھیا ۔ آرمی ہا چھےٚ مےٚ پتہٕ ۔''

''ہے کیٛاہ گوم! ووٚنی کوسہٕ ترٛٹھ ژھنہٕ پانس ۔'' زٕحت چھےٚ وَچھ ژیٹان ۔ جُنید چُھ دأر کھُلاوان تہٕ بونہِ لنٛکس پیٹھ لتھ ترٛاوان ۔ لتھ ترٛاوٕنی چھےٚ تأر گژھان زِ ساسہٕ بزٕ گولہِ چھےٚ چلان ، بونہِ لنٛکس چُھ پرٛژ پرٛیُن گژھان ۔ جُنید چُھ گوڈٕ نکی ٹاسہٕ بون لاینہٕ یِوان ۔ سلیمن یِتھے گولین ہنٛز آواز بوٗز ، تمہِ ترٛوو درواز یِلہٕ تہٕ گُنی دورِ وأژ بونہِ نِش ۔ آرمی اوس جُنیدس گھیر ترٛوومُت ۔ جُنید اوس زمینس لار یوٗمُت ، أنٛدی پکھی اوس بس خوٗن ۔ سلیمس یِیلہِ نظر پییہ ، تس ژٕج گُنی کرٛبکھ نیرِتھ ''ہا خودایو! کُنہِ کانٛہہ چھُوٕنو ، خانہٕ دار ہا مور ہم ۔'' أتھۍ ہِتی پھٹ تس وُسواسی ، سو گیہِ ہُشیار ۔ أنٛدی پکھی دِژن نظر ۔ ہأبتناک خاب اوس شاید موکلیوٗمُت ۔ سو گیہِ

جُنیدس نکھٕ، سُہ اوس مست نِندرِ۔ سوٗ ژھ بِسترِ پێٹھٕ بون تہٕ پرٕدلوٗنٹھ ٹُلتھ دِژِن آنگنس کُن نظر، آنگن اوس بِلکُل خأ لی، دوٗرِ اوس کوچُک بلب بدستوٗر ہلکہٕ گاش دِوان۔ سلیمن تژ اُ وا اَسمانس کُن نظر، تارکھ نب اوس پھٕلِتھ مگر خاموش۔ کانہہ حرکتھ اُس نہٕ کُنہِ جایہِ۔ سو اُس تارکن پرٕ ژھن یژھان زِ توہہ تہٕ وُچھوٕ کِنہٕ مێے یوت وُچھ۔ سُہ اوسا خاب کِنہٕ یہٕ چُھ خاب۔ سو گیہِ فلوا۔ سو آیہٕ بِسترس پێٹھ واپس، تس اوس عأرقہٕ سرٛان گوٚمُت۔ تمہِ تژ اُ و بیٚیہٕ جُنیدسٕ کُن نظر، بُتھس پێٹھ پھٕر وُنس اتھٕ۔ امہِ پتہٕ روٗز تالوٗس وُچھان یوٚ تام صُبحٕچ بانگ پیٚہ کھ۔ تِتھی خاب وُچھِنی اوس تس ووٗنی نِندرِ ہُند معموٗل بنیوٚمُت۔ تس اوس پننیٚن خابن ہُند تأپر پے، اوٚ موکھٕ اُس نہٕ سو کانٛسہِ نِش یِم خاب ظأہرکران۔ شازی اُس دوٗہے گرِ ویڈیو کال کران تہٕ پننہِ دُہک سوٗرے حال شامن مأ لِس ماجہِ تہٕ بھأیس باوان۔ علی محمد تہٕ رحت تہِ اُس یِمن کتھن منٛز واریاہ دلچسپی تھاوان۔ سو اُس یِمن لاہورچن مختلف جاین ہِندی فوٹو تہِ والِس ایپس پێٹھ سوزان، پتہٕ کالجکی تہٕ پننیٚن وبسن سوٚ درن ہِندی تہِ۔ سبٹھاہ خوش اُس سو اتھ کالجس منٛز۔ کأشُر کوٗر آسنہٕ کِنی اوس تس زیادٕ یِزتھ واتان۔ خاصکر اُسی پروفیسر تس گھنٹہٕ وادن پانس نِش رٹان تہٕ کشیرِ ہنٛزٕ کتھٕ بوزان۔ خوٗبصورتی ہنٛزٕ، ہندوستأنی آرمی ہنٛزٕ، منٛز یێتہٕ کہِ کرٛاہِ فتُح تہِ۔ غرض شازی اُس علامہ اقبال میڈکل کالِج زن تہٕ سِتار بێمنٛ۔ جُنید اوس پننس فأ صلس پێٹھ سبٹھاہ

خوش تہٕ شازی ستی کتھ کران اوس مٔنزی مأیلس کُن تہٕ نظر دِوان تہٕ تس یہِ اعتراف کرناونہٕ موکھٕ زِ توہند فأصلہ اوسا صحی کِنہٕ نہٕ۔ علی محمد اوس ویسے پننہِ جایہِ سونچان زِ جُنید صأبن نیٔ تمہِ وِزِ جان فأصلہٕ تہٕ شازی سوٗزِن پاکستان پرنہِ، امہِ ستی ہیچھِ سو واریاہ، بیہ لگبس دُنی یُہُک تہِ پَے۔ اکہِ دوہہ ژٕہری ییلہِ شازی فون بند کوٗر تہٕ سأری اٗسی تس ستی کتھ کٔرتھ خوش، تتھے گیہِ لینڈ لائن فونس پیٹھ زیٹھ رِنگ۔ سأری گٔے حأران زِ یہِ فون کتھٕ بجوو! سأری ہے ووٗنی پننو پننو موبائلو پیٹھٕ کتھ کران چھِ، اتھ پیٹھ گٔہنٕدِ خأطرٕ گیہِ رِنگ۔ خأر، فیروز صأبن ٹُل فون۔

''اسلام علیکم ـ کون......''

''جی، میں فیروز اُن کا بیٹا۔ ہولڈ کیجیے پلیز۔''

''ابو، آپ سے کوئی بات کرنا چاہتا ہے۔'' اٗسی اٗسی صرف فیروزٕنی کتھ بوزان، اوٗرک اٗسی نہٕ کہنہٕ تہٕ بوزِتھ ہہ کان۔

''کُس چھُ؟'' جُنیدن پرٕژھ اتی پیٹھٕ نیچوٗس۔

معلوم نہیں۔ شاید کہیں باہر سے ہے۔''

''ژٕ ؤنی زِ ہبس ییتہِ چھُنہٕ۔''

''کیا زِ ابو، اپُز کیا زِ اوس وُنن، توٗ ہی ہے یِیتی چھوٕ۔''

''ووٗنی ٹُل گوڈٕ فون، پتہٕ کرِ کتھ۔'' علی محمدن ووٗن جُنیدس، جُنید گوٗ ووارٕ وارٕ زن تہٕ پھٔڑ ٕ متو کوٗٹھو تہٕ ٹُلن فون۔

''ہلو۔کون، ارے شہزاد بھئی آپ ہیں۔ یہ میر الینڈ لائن نمبر آپ نے کہاں سے لیا۔''

بیہ ہیوٚک نہٕ اورک بوزِتھ کینْہہ،بس اُسی جُنیدٕنی کتھ بوزان۔

''آپ کی آواز کٹ جاتی ہے، میں اپنے موبائل سے بات کروں گا۔'' یہِ وُنتھ چھ جُنید فون پتھر تھاوان تہٕ پننہِ موبائلہٕ ستی نمبر رلاوان۔ ''ہاں اب آواز ٹھیک ہے۔'' یہِ ونان ونان چھُ جُنید پننِس کُٹھس منز کتھ کرنہِ اژان۔ امہِ وِزِ آسہٕ راتھ ژھٕہنز باہ بجیمژ۔ علی محمدس دِژ رحتہِ زیر زِ وُتھو شوٚنگِو، مگر علی محمدن وڈُنس زِلتس آیہِ نہٕ وُنہِ ہنٕدر۔ رُحت وُژھ تہٕ ژایہِ پننِس کُٹھس منز تہٕ علی محمد روٗدٕ اُتی پژاران۔ باقی ساری تہِ ژاے پننین پننین کمرن منز۔ علی محمدس روٗد یہِ یقین زِ جُنید نیرِ نبر تہٕ سُہ پزٕ ژِھتس زِیوٚت ژیری کو ہنٕد فون اوس۔ مگر جُنید دژاو نہٕ، تہٕ علی محمد تہِ روٗد اُتی پژاران یوٚتام گاش آو۔ علی محمد دژاو مُشید تہٕ ییلہِ اوٚر واپس آو، جُنید اوس نیرنہِ خاطرِ تیار۔، بو نہٕ اُس تھٕہنز جیپ آمژ۔ تمی تھوو قدم تیز تہٕ ووت ہیوٚر۔ جُنیدٕ اوس سکھرِ تھ بریک فاسٹ کران۔

اسلام وعلیکم ٹاٹھیا۔''

''وعلیکم سلام۔ وُنکین چھکھ ژٕ جلدی منز، تہٕ کتھ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ مگر مے چھے ژٕے ستی ضروری کتھ کرٕنی۔ بٕہ اوسسے ژٕے راتس ییٚتین پژاران مگر ژٕ دژاکھ نہٕ پتہٕ کمرٕ منزٕ واپس۔ بٕہ تہِ روٗدُس راتس ییٚتی۔''

''تیتھ کیاہ ایمر جنسی اُس ٹاٹھیا زِ تو ہہ پیوٚ وُ رالتس پژا اُرن۔ صُبحن ہکہو نا کتھ کرِتھ۔''

''ژےٚ ما آسی شاید وَخ مگر مےٚ چُھنہٕ۔ یہِ کتھ چھےٚ مےٚ ژےٚ ستی ضروری کرٕنی، وخ کرٕ ژےٚ مقرر۔''

اتھ پتھ کرِ جُنید صائبن ژھوپہٕ، تس تہِ باسیوٚ وزِ معاملہٕ چھُ کیاہتام نوزُک۔ تمی موکلوو جل جل بریک فاسٹ کرِتھ تہٕ وۄتھ تھوٚد، مائلس کُن پیٚیس نظر، سُہ اوس اخبار پرنس منز مشغوٗل۔

''ٹاٹھیا، کیاہ خبر چھےٚ ازا اخبارس۔''

''خبر آسہِ تی یہِ دِموس۔ تمہِ علاوٕ کیاہ ہیکہِ اُستھ جُنید۔''

''اُسی کرٕ پتھ گےٚ اخبارٕی نمائندٕ تیار۔''

''تی تہٕ چھس ئہ زانُن یژھان جُنید۔ اکھ پھر گیہِ ناحقہٕ تباہ، بیٚیا کھ مہٕ کرُن ووٚنی ژٕ تباہ۔''

''شامن کرَو کتھ ٹاٹھیا، وُنکین چھےٚ مےٚ جلدی۔'' یہِ وُنتھ چھُ جُنید نیران تہٕ پیٚنتی کھٔنڈی چھےٚ جیبہِ منز ہارن تہِ کنن گژھان۔ امہِ پتہٕ چھےٚ واریاہس کالس کمرس منز بس ژھوپہٕ روزان۔

کتھ ہیچ نہٕ جُنید صائبس ستی شامن تہِ سپدِتھ تِکیازِ امہِ دوہہ دژاو فیروزس رِزلٹ تہٕ گری گرا اوس خوشی ہندِس ماحولس منز، امہِ علاوٕ اُسی گرس منز پژھکی تہِ واریاہ۔ دھانیاتہٕ بشارت صائب اُسی شُری ہیتھ سُلی وٲتی متی۔

تِمو اُس فیروزنہِ خاطرِ سونہٕ ہشِز وأج، ایپل فون تہٕ گرأنۍ مٔژ۔ ماتا مالہٕ پیٹھ تہِ آسہٕ واریاہ ڈالہِ واژمٔژ۔ تمہِ علاوٕ فیروزنہِ خاطرِ نوِ گاڑِ ہنٛز گنٛز، یوسہٕ بٔڑۍ بِن خصوٗصی طورتس پاس گژھنس سوٗز۔ حأج صأبس اوس پرٛوٗن شُر سبٹھاہ ٹوٹھ۔ خأر گاڑۍ اُس سبٹھاہ بٔڑ تہٕ فیروز اوس چلاونہٕ خاطرِ سبٹھاہ لوٗکٹ، مگر گاڑۍ وُچھتھ نہٕ وُچھ کرِ تِمو دوٚ چھن تہٕ نہٕ کھووٗر، امی ساعتہٕ دژاو سہٕ گاڑِ منٛز بلوارڈ گُن چکرس۔ کرٕہنی مرسڈیز بیلہِ بلوارڈ روڈس پیٹھ وأژ، ساأرۍ اُسی اتھ تھلہِ وُچھان۔ سبٹھاہ شاندار گاڑۍ، ییمیک خاب دُنی یُہک پرٕتھ کانٛہہ نفر وُچھان چھُ۔ گاڑۍ چلاوان اوس تس یہِ خیال تہِ ووتلان زِ تِہنٛز یہِ ڈگری لوٚیا یوٗت۔ پتٕژ اہن شیٹھن لچھن ہنٛز گاڑۍ چھنہٕ موموٗلی کتھ۔ خأر، یہِ دژاونہٕ تِہنٛدِ چنٛدِ، نہٕ تِسندِ ماٗلی ہنٛدِ چنٛدِ۔ یہِ اوس غلام رسولس وُنہِ شاید کورِ ہُنٛد کینٛہہ قرض باقی، یُس تِمۍ امہِ بہانہٕ نکھ وول۔ سلیمہٕ اُس بار بار مألِس منع کران زِ پیتۍ قیمتی گفٹ مہٕ اُسویمن شُر بن دِوان، امہِ ستۍ چھِ یم خراب گژھان۔ مگر تِہنٛدی شوق تہِ اُسی بدٕلی تہٕ توہنٛد مِزاز تہِ اوس خوشوٗن۔ دولت تہِ اُس بسیار، یوسہٕ سُہ خرچاوٕنی یژھان اوس، تہٕ تمہِ خاطرِ اوس سُہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بہانہٕ ژھاران روزان۔ رِزلٹ دژاو تہٕ ووٚنی اوس سوال زِ فیروز پریا برٛونٛہہ گُن رِکنہٕ گنہِ مَلٹی نیشنل کمپنی منٛز کرِ نوکری۔ سارِنے ہُنٛد مشورٕ اوس یی زِ تس پزٕ ووٚنی نوکری کرٕنی تِکیازِ ایم ایس کرنہٕ ستۍ سپدِ نہٕ زیادٕ حأصل کینٛہہ۔ اُمی لاگ

مختلف جاین پننی ریزِیوم سوزِنی ۔ شازی تہٕ وٲژ کیشُن دوہن ہِشز چھٹی ہیتھ اتھ جشنس منز شریک سپدنہٕ خاطرٕ ۔ شازی ہنٛدِ ینہٕ ستی گوٚ ویکایک گریٚک ماحول بدل تیار ۔ خوداین چُھ کوربن بدل کیٛا ہتام شرف تھوومُت زِ یتھے یمہٕ گرس منز قدم تژا اوان چھےٚ، چُری گیٚش چھ ہُران ۔ دھانیا اُس گوڈَے شُری تہٕ خانہٕ دار ہیتھ اور وٲژھمژ، ماہٕتری بھاے تہٕ اُسی اتہٕ موجوٗد ۔ کٔلھم پأٹھی اوس یوہے خاندرُک ہیوٗ ماحولاہ ۔ شُری اُسی دوہس نیران تہٕ اورٕ یورٕ پھیران، بڑٕ اُسی گرس منز بہتھ سوکھچہٕ دوکھچہٕ کتھہٕ کران تہٕ زنانہٕ آسہٕ کچنس منز یوٗ ٹیوٗبس پیٹھ وُچھ وُچھ نوٚی نوٚی پکوان بناوان ۔ ییلہٕ چُری گیٚش تھوڑا اکم گوٚو، دھانیا کھٕژ لسچن تہٕ ماہٕتری بھاے تہٕ وٲتی نشاط، شازی لاجہٕ لاہور چہٕ کتھہٕ پھرنہٕ ۔ علی محمد اوس تس پانس بڑٕ وٲنہہ کنہٕ رٹان تہٕ تورچہٕ کتھہٕ بوزان ۔ سُہ اوس اکثر تس ونان زِ بڑ وٲنہہ اُسی تألیم حأصل کرنہٕ موکھہٕ سأری لاہوٗرٕ ے دوران ۔

”توٚے تہٕ گیٚس بہٕ توٚری پرنہٕ ۔“ شازی اُس فخرٕ سان اورٕ جواب دِوان ۔

”بلکل ۔ ووٚنی ونتہٕ ییٚتہٕ چھامٕژ رِکنہٕ تتہٕ، اُسی چھا بڑٕ وٲنہہ رِکنہٕ تم؟“

”دَدٕو، واریاہن مالمن منز چھِ اُسی بڑٕ وٲنہہ تہٕ واریاہن منز تم ۔“

”تم کتھ مالمس منز چھِ اسہٕ بڑٕ وٲنہہ؟“

''ڈِسپلنس منز۔ تتہِ چھ لُکن پننہِ قومُک، پننہِ مُلکُک واریاہ جذبہٕ، تِم چھِنہٕ قومی جادادس نوقصان کران۔ تِم چھِ اتھ مالس منز واریاہ حساس۔ باقی رۄز ترقی، سو چھےٚ ییتہِ زیادٕ دژ ہیٛنٛھی گژھان۔''

''ژےٚ ماوُچھِتھ تہندی باقی شہر شازی۔ خاصکر کراچی۔ ژ رۄز کھ بس لاہورس تام محدود، لاہور چھُ سبٹھاہ پژون شہر۔'' جُنید اوس یکدم منزی کتھ کران۔ تس اوس نہٕ یہِ برداش گژھان زِ تتہِ چھنہٕ وُنہِ تیژ ترقی۔ خاۓر شازی اُس ووٚنی حقیقت زانان مگر سو اُس نہٕ ماۓلس بُتھِ لُکن منأسب زانان۔ علی محمدس یوسہٕ کتھ جُنیدس وٕنیٚ اُس، سو تہِ گیہ رِنان۔ شازی ہیٚژون چھٹیہِ موکلِنہِ تہٕ تمہِ لاجہِ نیرنٕچ تیأریہ کرنہِ مگر نیرنہٕ کالہٕ بُلاوی تمہِ شامن سأری بیٹھکہِ منز۔ سأری اُسی حاران زِ شازی کیاہ چھُ وُنن۔

''بہٕ چھبس زانان زِ یہِ کتھ پزنہٕ مےٚ وٕنیٚ مگر یورٕ گژھتھ چھُ مےٚ تِمن جواب دیُن۔ اسلیٔ چھےٚ یہِ کتھ ضروٗری مےٚ توہہ وٕنیٚ۔'' سأری اُسی اکھاُ کی ٕسنٛدِس بُتھِس کُن وُچھان۔

''کیاہ دلیل شازی، خاۓرے چھا!''

''آہنی امّی خاۓرے چھ...... امّی مےٚ چھِ تتہِ وبس اکھ، یوسہٕ میٚیے ٕستی پران چھےٚ، عایشہ عندلیب۔ تمہِ نیہِ نس بٕہ اکہِ دوہہٕ پنُن گرٕ...... گرٕ کیاہ، سو چھےٚ بٔڑ حویلی۔ قاعدِ اعظم لایبریری بلکل نکھٕ۔ تِمن چھُ تتہِ

سبٹھاہ بۄڈ فیشن ہاوٗس۔ تِہندی ڈیزائن گرِی ہتی پلو چھِ سأرِے یٔورپس
تہٕ امریکہ ہس سپلائے گژھان۔"

"ٹھیکھ چھُ۔ یہِ سورُے کیاہ زِ چھکھ ژٕ اَسہِ ونان۔" سلیمہٕ
وُژھ پریشأنی منٛز۔

"دِتمن چھُ لڑکہٕ فہیم گُل۔ تہٕ عندلیبہٕ ہنٛز امّی چھےٚ یژھان زِ تم
کرن اسہِ ستی رِشتہٕ۔"

"I am sorry Shazi"، گوڈنیتھ رٔتھٕ بۄزِتھ ژٕ ے یہِ
کتھ، دوٗم ژٕ ے آیی نایہِ کتھ کرنس برٛونہہ تھی شرم۔ مےٚ چھُ باسان ژٕ
چھکھ تتہِ پران کم تہٕ پھیران زیادٕ۔" ماجہِ کھوٚت یہِ بۄزِتھ سبٹھاہ شرارت
مگر جُنید اوس ژھوپہٕ گرِتھ بِہتھ، تس اوس نہٕ اتھ کتھِ منٛز کینٛہہ تہٕ غلط لبنہٕ
یوان۔

"Let us listen to her"، أمس دِوٗنہٕ سلیمہ۔"

"جُنید! وُنیک تام بۄز مےٚ واریاہ تُہُنٛد مگر یِیمہِ یور بوزِ نہٕ۔
گوڈٕ ے اوس یہِ فأصلے غلط اوہنٛد لاہور اندر ایم بی بی ایس کرنہِ گژھن تہٕ
ووٗنی یہِ! أسی چھِنہٕ تیتی ایڈوانس زِسأنٛز شُری رِن یِمن کتھن ہُنٛد فأصلہٕ۔"
"مگر تم رٔتھٕ ہیکن ژٕ ے ستی کتھ کرِتھ۔"

"کیاہ زِ فون چھِنا...... فون نمبر ہیٚز ہے شازی تہٕ گرِی زِ ہے کتھ۔
تتھ گٔنی چھاشرِس یہِ کتھ ونان۔"

''ووٗنی چھُنہٕ کانٛہہ مسلہٕ، اَسہِ اوس بوزُن تہٕ بوٗز، اسہِ تہِ گُس فأصلہٕ چھُ وٗنی اتھ کتھِ پٮ۪ٹھ نِیُن۔'' جُنید اوس مأیُس تھی ماملہٕ ژھوٚٹراونٕچ کوٗشش کران مگر یہِ مامِلہٕ اوس رژِھ پتہٕ رژِھ زیٹھان۔ أخرس دیُت سلیمن فأصلہٕ۔

''شازی، کیٛاہ گُل چھُ أمِس ناو، یہِ گوٚ وفی الحال مُشرُن تہٕ پرنس پٮ۪ٹھ دھیٛان دیُن۔''

''ویسے کران کیٛاہ چھُ یہِ فہیم گل۔'' جُنید ووٗتھ مژٕ کتھ کران۔

''ابو، یہِ چھُ اکھ گلوبل کمپنی چلاوان۔ ٹیکساز چھُ یمن ہیڈ آفس، سُہ چھُ زیٛادٕ ترٔتی آسان۔''

''شازی میٛون بوز، سُہ امریکہ أسِن یا انگلینڈ، اَسہِ چھُنہٕ تتھٕ سٟتی کانٛہہ غرض۔ یِیلہِ واپس واتکھ، پنٕنہِ ویٚسہِ ہنٛزٕ امی ؤنی زِ، زِ میٛأنی گرِکی چھِنہٕ وُنہِ میٛأنِس خاندرس متعلق سوچان۔ بس۔''

''او کے امی۔ Don't get excited'' یہِ ؤنِتھ چھےٚ شازی دَزان دَزان پننِس کمرس منٛز اژان۔ جُنید چھُ سلیٖمس کُن وُچھان، سُہ تہِ چھُ شازی پتےٚ شازی ہنٛدِس کمرس منٛز اژان۔ سلیمہٕ چھےٚ ہَشہِ ہیہرس نِش زن تہٕ کُنی پیوان۔ علی محمد چھُ سلیمٕنٛز جذباتھ سمجھان، تس چھُ تٔہنٛدِ خبر کیٛاہ گرژھان۔ تس چھُ باسان زِ تٔہنٛدی نیچوی چھِ شُری تہِ پانس کُن گٔری ہٟتی تہٕ پانس ہوی بناوی ہٟتی۔ یہِ بچأر چھکھ بلکُل مُشرٕمٕژ،

پڑتھ گُنہِ فائصلس منز، پڑتھ گُنہِ مالس منز۔ علی محمد چُھ سلیمس پانس ستۍ رٹان۔ تس چھےٚ گُنی ودن کڑ بکھ نیرِ تھ ژلان۔

''ٹاٹھیایہٕ چھبس یمو سارِوے دُشمن قرار دِژہمژ۔''

''کِہنی پرواے چھنہٕ کوٚری، خوداے کرِ سہل۔ ووتھ کرژ آرام، دوہس چھکھ جٲگھی ژتہِ تھکان۔'' سُہ چُھ سلیمس دِلاسہٕ دِوان، سلیمہٕ چھےٚ پننِس کمرس منز اژان تہٕ علی محمد چُھ رَحتہِ کُن وُچھان۔

''میانہِ غٲر حاضری منز چھتھن یہِ جُنید وأران کوٚرمُت، کانٛہہ رِژ تربیت چھے نہٕ اُمس دِژہمژ۔'' رٕحتھ چھےٚ یہِ کتھ بوٗزِتھ ہے بنگہٕ ہش گژھان۔ تس چھنہٕ کانٛہہ جوابہٕ فوران۔ تہٕ نہٕ چھُس امہِ کتھِ ہُند کانٛہہ توٗہی آسان۔ تس چھنہٕ زانٛہہ یہِ گمان تہِ گژھان زِ گُنہِ دوہن گژھ ییتھ کانٛہہ سوال تس بڑونٛہہ کنہِ کھڑا۔ خٲر، تِتھی أسی ہتہٕ بدی سوال، یم جواب منگان أسی۔ رَحتہِ تہِ أسی پننہِ جایہِ ہتہٕ بدی گِلہٕ پننِس قسمتس ستۍ، پننِس خاندارس ستۍ۔ سوأس گُنہِ وِزِ جذباتی گژھتھ یہِ کتھ ونان زِ خام عیال ترٲوِتھ دژاو پانہٕ، اِدِ یہِ گژھِ تہٕ تہِ گژھ، رَحتہِ گژھ...... منزی اوسُس یہِ خیال تہِ یِوان زِ تس کیاہ تقصیر چھ، ہنگہٕ منگہٕ آو بچو رولنہٕ۔ سُہ تہِ کیاہ کرِ ہے۔ رَحتہِ اوس پانس اندر اکھ عجیب تذبذب، خیالن ہنز اکھ عجیب کشمکش، تس اوس نہٕ فِکری تران زِ صحی کُس چُھ تہٕ غلط کُس چُھ۔ وختن اوس توہند یہِ تذبذب پھبش دِتھ تمہِ وِزِ متھو مُت، ییلہِ تہنذی دونوے شُری

آباد سپدی ۔ تس باسیوو زِ تہنٛز ذِمہٕ دٲری وٲژ اند۔ مگراز آو علی محمدنہٕ سوالہٕ سِتؠ سُہ تذبذب بیٚیہٕ ووتلِتھ ۔ ازاوس وخ تس کٲٹھس کھالنٛچ بیٚیہٕ سکھر کران۔ تمہٕ ہیوٚک نہٕ یہ سوال واریاہس کالس مُشرِتھ۔ یپٲری آیہٕ فیروزس بنگلورٕ پیٹھٕ اکہِ ملٹی نیشنل کمپنی ہنٛز آفر۔ سلیمن راوُ رنہٕ اکھ بڑٛ نزِ تہٕ تہنٛدی کاکد مکمل کرنس منٛز تہٕ تہنٛز جہازٕ ٹِکٹ بیترِ تیار کرنس منٛز۔ سوٲس یِنٛہ ھان زِ فیروز گوٚژھ گُنہِ تہٕ طریقہٕ کشیرِ منٛزٕ نیرُن۔ تس زن اوس فرٛٹھ زِ کٔشیرِ منٛز نوجوانن ہُنٛد زندٕ روزُن چھُ ووٕنی ناممکن۔ ووٕنی یم حالاتَو پھٔسرٲوی مِتؠ چھِ، تم کیٛاہ کرن، تم چھِ مجبوٗر۔ سوٲس بھاینٕ سِتؠ تہٕ لگاتاراتھ معاملس پیٹھ کتھ کران زِ فیروزس گٔرِو ٲتی امریکہس منٛز نوکری ہُنٛد کانٛہہ بندوبست۔ تم ٲسی وَنان زِ گوڈٕ گژھِ ٲمِس تھوڑا کٲم کرنٕک تجرُبہٕ سپدُن، تمہِ پتہٕ ہیٚکن تم کینٛہہ کٔرِتھ۔ بہر حال تجرُبہٕ حٲصل کرنہٕ خٲطرٕ اوس یہِ موزوٗن وخ تہٕ بہتر موقعہٕ۔ شازی وٲژ لاہور، فیروز بنگلور تہٕ گرٕ گوٚو خٲلی۔

''سبٹھاہ جلدی گٔرِتھ ژٕے فیروز صاب یِیہٕ کڈنس منٛز۔'' جُنید اوس نہٕ سلیمہٕ نہِ فٲصلہٕ سِتؠ زیادٕ خوش لبنہٕ یِوان۔

''وُڈٕ ونس جاناوارس یوٚ دوَے نہٕ وُڈنہٕ خٲطرٕ اَسمان دِمو، پے چھُوتس کیٛاہ سپدِ۔'' اَمہِ پتہٕ گٔیہٕ کینٛژس کالس ژھوپہٕ، جُنیدن دیُت نہٕ کانٛہہ جواب مگر سلیمن تھٲو پننہِ کتھ جاری ''تس گژھِ ہے ووٕنی وُڈنُک ہونر

مُشتھ۔ یَیلہِ نہٕ جانورو ڈِ، تس چھُ خطرٕ لاحق جُنید صأب۔"

"نیرُن تہٕ اوس تس مگر یؠت جلدنہٕ، زٕ ے رٮتھ گأس وُنہ رِزلٹ درٛامتِس۔"

"یؠتاہ جلدٕ یٮ۪تہِ انسان نیرِ تیؠتاہ چھُ ٹھیکھ جُنید صأب۔ یہِ چھُنہٕ وونی سو پرأنی کٔشیرٕ، یہِ چھےٚ اکھ بوٚڈ مینٹل ہسپتال، یٮ۪تہِ ٕقسمہٕ ٕقسمکی ذہنی بمار چھِ۔ تِم بمار تہِ یِم وحشی بنیٚأمتی چھِ تہٕ لاشن تام کھوان چھِ۔"

"سلیمہ یِمہٕ کمہٕ کتھہٕ چھکھ زٕ کران۔ تِتھِس حالس منٛز تہٕ چھُنہٕ کٔشیرِ کانٛہہ دوٚیم جورٕ...... وُنہِ چھُ یٮ۪تہِ سُہ مِلچار، سُہ بھأے چارٕ، رِشتن ہنٛز سو پاسدأری۔ دوٚیم کانٛہہ جاے چھا چأنس مُلکس منٛز یژھ۔"

"تہٕ چأنس منٛز؟......" اتھ سوالس پٮ۪ٹھ کٔر جُنیدن ژھوپہ مگر سلیمہٕ روٗز ونان۔ "واقعی چھُنہٕ سانہِ یِتھ کٔشیرِ کانٛہہ جورٕ مگر یٮ۪تہِ کیاز چھِ پرٛتھ کانٛہہ نفر پریشان، پرٛتھ کأنسہِ کیاز چھےٚ دِلس دگ ہش، پرٛتھ کانٛہہ کیاز چھُ فرٛتہٕ فرٛتس منٛز۔ یٮ۪تہِ کیاز چھُنہٕ سکوٗن، امن، خوٗشی۔ حالانکہِ خودا ے سُند دیُت چھُ پرٛتھ کینٛہہ یٮ۪تہِ۔ آب و ہوا چھُ سبٕٹھاہ رُت، أسی گژھی دُنیہکی خوشحال لُکھ آسنی مگر أسی چھِ انتہأیی بدنصیب۔"

"اتھ بدنصیبی پتہٕ کنہِ چھےٚ چانہِ مُلکچہِ سأزشہِ تہٕ چالہٕ۔ اچھا ژٕھن یِمن منحوس کتھن بلاے تہٕ خوش خبر بوز۔ شازی أس أدی فون کران زِ بلقیس زمان چھےٚ یژھان اسہِ ستی ویڈیو کانفرنسنگ کرٕنی۔"

''کیاز؟''

''شازی ہِنٛدِس رِشتس متعلق آسہِ اسہِ ستی کتھ کرِنی یژھان۔''

''جُنید صاًب یہِ کیاہ چُھ سپدان۔ اسہِ کیاز چُھ کانٛہہ پننِن اِشارن پٮ۪ٹھ پکہٕ ناوان۔ أسی سونٛچو پننہِ کورِ متعلق کِنہٕ تم سونچن۔''

''تم چھِنہٕ شازی متعلق سونچان، بٔلکہِ پننِس نٔچوس متعلق۔''

''مگر اسہِ چھنہٕ وُنہِ کانٛہہ جلدی۔ موکلاوِن پرِتھ، پتہٕ بوزَو کیاہ آسہِ خودالیس منظور۔ فون گٔری وٲس تہٕ وُنی وٲس زِ اسہِ چھنہٕ وُنہِ اتھ متعلق تِمن ستی یا بیٚیہِ کانٛسہِ ستی کانٛہہ تہِ کتھ کرِنی۔''

دونٕوِنی منز روٗد واریاہس کالس یوہے بحث چلان۔ جُنید اوس سلیمس یہِ ونان زِ بہتر رِشتہٕ چھِنہٕ دروازن تل بار بار یِوان تہٕ تِمن پزِ نہٕ اِنکار کرُن۔ مگر سلیمہٕ أس ونان زِ یہِ چُھ ہواہس منز تیر لاینس برابر۔ پیٚے چھا کیاہ دلیل پٮ۪ھٚے۔ تس اوس أندری اکھ خوف دِلس منز جاے گرِتھ زِ یم لڑکہٕ امریکہ ہس منز بسان آسن، تِمن پٮ۪ٹھ بھروسہٕ کرُن چُھ مشکل۔ تِمن ہنٛزِ زندگی ہُنٛد طور طریقہٕ تہِ چُھ مختلف آسان۔ شازی پیٚہِ نہٕ تتھ ستی وارِ۔ مگر جُنید اوس تٔہنٛدی حشمتن تل ہیوٚ تمت۔ تٔمی وُون سلیمس ''حالات چھِ تِمن بِلکُل ٹھیکھ۔ تم چھِ فیشنس منز اکھ گلوبل برانڈ چلاوان، تہٕ تِہنٛد بن ڈیزائن گٔری ہٕتِھ پلوٚن ہنٛز منگ چھےٚ سارِسے دُنیاہس منز خاصکر امریکہ ہس منز۔ یہِ چُھ لاہورُک سارِوے کھوتہٕ امیر ترین گرِ۔ بلقیس زماں

چھےٚ اتھ کمپنی ایم ڈی تہٕ فہیم گُل چھ اتھ کمپنی سی ای او۔ یِیتہٕ دِژ ابا جیٖن فیروز صابس مرسڈیز، اِدٕ اُچھن پیٹھ کھٔتی پوٗرٕ کشیٖر منز، تِتہٕ چھےٚ مرسڈیز تِہنٛد بن ملاز من۔ پانس چھکھ رولس رائس، فراری تہٕ لائیکس ہِشہٕ کارٕ۔ بہٕ گوس یِمن کارن ہُنٛد ناو بوٗزتھے ساس قدم پتھ۔"

"شازی چُھنہٕ کارن یا دولتس سٟتی خاندر کرُن۔ تس گژھ اکھ نیک تہٕ شریف لڑکہٕ آسُن۔ بس۔"

"اِد سُہ چھنا نیک۔ چیف ایکزکیٹیو آفسر چھ کمپنی منز۔ اندازٕ کر یہِ کوتاہ بوٚڈ عہدٕ چھ۔"

"کمپنی تہِ پننی تہٕ افسر تہِ پننے۔ اتھ منز کیاہ چھ اندازے کرُن۔"

"دودس گنٛڈی ژارنہٕ منزٕ نیرِ نہٕ کہِنہٕ، بہٕ کرے تارٟخ طے تہٕ اُسی کرٕ وتمن سٟتی ویڈیو کانفرنس۔"

"گوڈٕ پزٕ ژِھوابو جیٖس۔ سُہ مہٕ گرٕی وۄن پننو فائصلو منزٕ نبر، پلیز" یہِ وٚنتھ ہیوٚر سلیمن کلہٕ نلہٕ لیف تہٕ گٕرن ژھوپہٕ۔ گرمی آسنہٕ باوجوٗد تہِ ہیوٚر تمہِ کلہٕ نلہٕ لیف۔ امیُک مطلب اوس یِی زِ سو اُس نہٕ مزید بحث یا مزید کتھ باتھ یژھان۔ ویسے تہِ اُس سو وُنی وٚنی تنگ آمٕژ۔ تس اوس باسان زِ تِہنٛدِس ونس چُھنہٕ کانٛہہ حسرت تہٕ نہٕ چھ کانٛہہ تِہنٛدِس ونس سنجیدگی سان نوان۔ تس اوس پنُن پان یِمو نشہِ الگ باسان، الگ امہِ کِنہِ زِ تِہنٛدی خیال اُسی نہٕ جُنید صابنین خیالن سٟتی رلان۔ جُنید تہِ ژاو بسترس منز مگر سُہ

اوس ہُشارَ ے۔ تس اُس خۄشی تہٕ واریاہ مگر فرٛٹھ تہٕ اوسُس کأفی۔ سونچان اوس یۄ دوَ ے اتھ رِشتس منٛز کُنہٕ قسمُچ کمی بیشی دژایہِ، سورُے کھسہٕ تمی ہیے۔ مگر یَپأری اوس نہٕ سُہ یُتھ اصل رِشتہٕ اتھ منٛز تژاوُن تہٕ یژھان۔ خأر، جُنیدن تہٕ مُشر کینٛژس کالس یہِ کتھ تہٕ امہِ کنٛز آوسلیمس بیٚیہِ تھوڑا حبس۔ تس باسیو زِ پریشأنیو ہیۆت پۆت، تکیاز اہنٛز وگتھو چھ جُنیدس شاید تھوڑا اثر کۆر مُت، مگر سو کتھ اُس نہٕ۔ جُنید نہٕ ژھوپہ ہُند مسلہٕ اوس بدل۔ سُہ اوس سونچان ز ویڈیو کانفرنسنگ کتھ پأٹھی چھےٚ تہنٛدِس گرس منٛز ممکن۔ تہٕ یہِ گُس بناوِ ممکن۔ اُتھی متعلق کۆر تمی بنگلور فیروزس فون تہٕ تمی وۄننس زِ سُہ سوزِ اکس دوستس گرٕ، یُس یہِ سورُے گرِتھ دِیہِ۔ شازی ہُند فون آو بیٚیہِ اکہِ لٹہِ تہٕ بیٚیہِ اوس سُے سوال۔ تہنٛز جلدی وُچھِتھ گۆو جُنید تہِ تس تأریخ دِنس پیٹھ مجبوٗر۔

’’پانٛژِ دۄہ پتہٕ گژھہ رمضان شروع، تمن دۄنی ز، زِ افطار کرَو یکہٕ وَٹہٕ۔‘‘

’’یہِ کتھ کتھ گژھ پاسِبل ابو۔ اَسہِ تہٕ توٚہہ چھےٚ وختس اوڈ گھنٹہٕ فرق۔‘‘

’’او، مےٚ نےٚ خیالے روٗدنہٕ۔ چلو ماہِ رمضانہٕ بژونہے کرَو کتھ۔‘‘

’’کرِ گرِ وابو۔‘‘

’’کألی کبتھ آتھوارِ۔ چھا ٹھیکھ۔‘‘

''ییس ڈیَرابو۔''جُنید گوٚ وشازی ءستی وعدٕ کُرِتھ مگر تس اُس نہٕ پے زِ گرِ کیاہ ردِ عمل روزِ۔ شامن بأ گی بتہٕ کھوٚان ؤنی جُنیدن یہ کتھ ٹاٹھس۔

''جُنید صاٲبا، مےٚ وَنتہٕ اکھ کتھ، یہ پاکستان کیاہ زِ گوٚ واسہِ پڑتھ معاملس پیٹھ سوار۔ اسہِ چھِنا ییتہِ پننہِ کشیرِ منٛز لڑکہٕ۔ بہتر کھوتہٕ بہتر لڑکہٕ چھِ اسہِ پانس اَندی پکی۔ ہُمس مجید صاٲبُن لڑکہٕ وُچھتن، دُنی یہکوٚ بہترین ڈاکٹرٕ ومنٛزٕ چھُ اکھ۔ ازکل چھُ دِلہِ ہِندِس بڑِس ہسپتالس منٛز۔ ہارٹک ڈاکٹر چھُ۔ اگر ونکھ ئہ کرِ مجید صاٲبس ءستی کتھ۔ ڈاکٹرس ءستی سجہٕ ڈاکٹرٕ ے۔''

''ییمن دون آسہِ وأنسہِ منٛز لگ بھگ داہ ؤری فرق، چھاہ ممکن ٹاٹھیا۔''جُنید اوس بَتہٕ تہِ کھوٚان تہٕ ماٲلس ءستی کتھ تہِ کران۔

''مجید صاٲب چُھنہٕ زیادٕ وأنسہِ کینٛہہ، ژےٚ آسی زٕ ژور ؤری زیٹھ۔''

''توٚہہ کتہِ چھےٚ پَے، توٚہہ چھوٚ پننی وأنس جیلہٕ بڑی کرٕ مژ۔''

''ییٚلہِ ژزا اکھ، ئہ اوسُس نہٕ جیل۔ جیل گوس ئہ ییٚلہِ ژ میٹرکس پران اوسکھ۔ ویسے تہِ اگر سہ وأنسہِ بوٚڈ چھ، بدل کانٛہہ لڑکہٕ وُچھون۔ یوٚت دوٗر کوٚر سوزٕنی چُھنہٕ ٹھیکھ، پگاہ ہیوٚر چھ بون چھُ...... پَیی لگہِ نہٕ۔''

''ابو یہ گرِتہٕ یہ لڑکہٕ چُھنہٕ تیُتھ، ییٚتہِ ہیوٚر بون سپدان چھُ، بیٚیہ کوتاہ دوٗر چھُ لاہور تہِ۔ ازکل ہے دوٚہس منٛز ولایتہٕ چھُ انسان پھیرِتھ

یِوان۔" اَمہِ پتہٕ گیہِ تھوڑا ژھوپہ، سلیمہٕ اُس ٹاٹھۍ ہِنٛدِس بتھس کُن بدستوٗر رُوٗ چھانٛ۔ ءٕکھنہٕ آواز اُس نہٕ، بس اُس بتہٕ کھیٚنٛچ آواز، سوتہِ سبٹھاہ کم۔ جُنیدن پتھٕری اتھ تہٕ اتھہٕ وتھراوان وۄٹھُن ماجہِ کُن "امی ژٕ کونے کتھ کران۔ ژٕ کر کتھ، ٹاٹھس ماچھےٚ زیادٕ پےٚ، ترٛہن ؤری ین روٗ دنایہِ گرٕ نبر۔ اُمِس ماچھ گرِکبن حالاتن ہُنٛد زیادٕ پےٚ، نہٕ چھس حالاتن ہُنٛد علِم۔"

"مےٚ ہا چھےٚ پےٚ گوٗ برا، ساٗرٕے پےٚ، یہِ تہِ چھم پےٚ زِ ییمن ترٛہن ؤری ین کیاہ کیاہ چھ ییتہِ سپُد مُت، کوسہٕ کوسہٕ ترقی چھِ سپٕز مٕژ۔ ژٕ مادِ مےٚ امہِ کتھِ ہنٛز پام۔ بہٕ آس بےٚ گوناہ ہیٚنہٕ مگر لُکھ چھِ گوناہ گٕرتھ تہِ ییتھ سماجس منٛز بلکُل آزاد۔ فاصلہٕ دِوان تہٕ فاصلہٕ نِوان۔ بوٗزتھٕ! بہٕ چھس نہٕ کُنِس بتہٕ لدان، ساٗرٕے چھم پےٚ مگر خاموش کوٗرُس ترٛہ ہوٕ رِیو۔ ترٛہن ؤری ین ہنٛزِ غاٗر حاضری۔"

"کر ووٚنی ژھوپہ، پتہٕ چھکھ زٕ تھراوان۔"

"رٕحتی ژٕ ےٚ چھے نہٕ کُنٛٹیک پیی، نہٕ اٰسے تیٚلہِ پےٚ تہٕ نہٕ از۔"

"ٹاٹھیا میوٚن مطلب اوس نہٕ تہِ، یہِ توٚہہ اتھ کوٗ ڈٕو۔ بہٕ چھس بس یہِ ونان زِ گرِ چھ انتہائی اصل، لڑکہٕ چھ سبٹھاہ جان، اَسہِ پزِ نہٕ یہِ موقہٕ اتھہٕ منٛزٕ ترٛاوُن۔"

"ییٚلہِ سورٕے جان چھُ، مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ حرٕج، میوٚن مطلب

اوس فقط یہِ زِنزدیک آسہِ ہے نظر ہیکہٕ ہوس دِتھ، حال بیترِ پڑ ژھ ہوس، ییہِ کیاہ۔''

''ییتہِ چھےٚ دھانیا اُٹھ کلومیٹر دوٗر، کوتاہ چھِ اُسی تس نِش گژھان۔''

''دستھ چھےٚ زِنزدیکے چھےٚ۔''

''لاھورتہِ چھُنہٕ دوٗر، اکہِ گھنٹک سفر چھُ جہازس منز۔''

''مُلک چھُنا بیاکھ۔ خأر، تژ اویہِ کتھ، ووٚنی کرچھےٚ کتھ بند کرٕنی؟''

''آتھوارِ دوہہ کرَو تمن ستی ویڈیو کانفرنس، دویہِ بجہِ بأ گی۔ خوداین ہےَ یوٚژھ، تمی دوہہ کرَو کتھ تہِ بند۔ سأری روٗزی زبو جان ڈژبس لگاٚوِتھ۔ ییتی کرَو ییتھ ٹیلی وژنس پیٹھ کتھ۔''

کتھ گیہِ لگ بھگ ووٚنی طے۔ ووٚنی اوس سارِنے اِنتظار آتھوارِ ہُنٛد، ییمہِ دوہہ تمن ستی روبرو کتھ سپدِ۔ جمعہ تہٕ بٹہٕ وارمو کلیےٚ تیاٚرِین ستی۔ کمرس آیہِ خصوصی لائٹنگ کرنہٕ، پرٕدآے نٔوی لگاونہٕ، صوفہٕ تہٕ کرسیہِ آیہِ بدلاونہٕ، ییتھن بڑی بہان چھِ تشبن آے قالین تہٕ تکیہ تہِ بدلاونہَ۔ کیمرہ تہٕ مائکروفون تہِ آوفِٹ کرنہٕ۔ تمہِ علاوٕ کمپیوٗٹر، براڈ بینڈ...... غرض کانفرنسنگ خاطرِ یم تہِ انتظام کرٕنی اُسی تم آیہِ کرنہٕ۔ رٔحت تہٕ علی محمد اُسی حأران زِیہِ کیاہ چھُ سپدان۔ دھانیا تہٕ وٗژھ ہیٚمہٕ بابس سُتی امہِ دوہہ اور

تہٕ حاجی غلام رسول تہِ آو نشاط پٮ۪ٹھ خصوٗصی طور بُلاونہٕ۔ اکھ جان گھریلوٗ محفل گٔیہِ تیار تہٕ برابر سانہِ وختہٕ مطابق زٕ بجے تہٕ تہندِ وختہٕ مطابق ڈوڈ بجے گٔیہِ یہِ ویڈیو کانفرنسنگ شروع۔ تِمن اوس ویڈیو کانفرنسن ہُند جان تجرُبہٕ، تِکیازِ تِمن اُس کاروبارس منز اَمِچ منزی ضروٗرت پیوان۔ مگر جُنید صاٮ۪بنہِ گرِ اوس یہِ گوڈنچہ لٹہِ سپدان۔ اکھ کیمرہ اوس ٹیکساز لڑکس پٮ۪ٹھ یٮ۪تہِ وُنکبن راتھ اُس چلان، بیاکھ اوس لاہورٕ بلقیس زماں خان ہٕندِ گرِ تہٕ بیاکھ اوس حسن آباد سرینگرٕ۔ ترٛے مختلف جایہِ آسہٕ تِتھ کٕنز اکھٕ اَکس سٟتی جُڑِتھ، باسان اوس زِ ساری چھِ اَتی حسن آباد کِس کمرس منزٕ ے موجود۔ کتھ باتھ گٔیہِ سبٹھاہ اصل پأٹھی شروع، دَس ٹُل بلقیس زماں صاٮ۪بہِ۔ تس اوس کیمرہ فالو کران تہٕ سو اُس شعوری طور کتھ کران کران یِمن ہٕنٛزٕ سلطنت تہِ ہاوان۔ سبٹھاہ بڑٕی تہٕ شاندار کمرٕ، ہوٹلن ہٕندِس طرزس پٮ۪ٹھ سجأوِتھ کاری ڈور، پَتہٕ بیٹھک۔ امہِ کِنز پیوٚ وجُنیدس زیادٕ ے رعب تہٕ تِم کرِنہٕ زیادٕ کتھٕ، صرف اکھ زٕ کتھٕ لڑکس سٟتی یٮ۪یلہِ کیمرہ تس پٮ۪ٹھ گوٚو۔ لڑکہِ اوس سبٹھاہ خوبصورت تہٕ کأنی سنجید۔ اُسن بیترِ اوس نہٕ قطعی بُتھس پٮ۪ٹھ، یتھ یَمو معنے کوٚ ڈِ زبڑِ گرُک لڑکہٕ، یِیتہ بڑِ کاروبارُک مأ لِک گرِتھ واقعی سنجیدٕ آسُن۔ سلیمن گرِنہٕ اکھ کتھ تہٕ، تس زن اوس اَندری دم ہیوٚ۔ اُخرس پٮ۪ٹھ گرِ بلقیس صاٮ۪بہِ پننی خوأہش ظأہر زِ سو چھےٚ یژھان شازی پننِ کوٗر بناوٕنی، امیُک اجازتھ گرِتھ تس دِنہٕ یُن، باقی کاروأیی ہیکہِ پتہٕ تہٕ سپدِتھ۔ اتہِ

وۆتھ شازی ہٕنز پڑھایہِ ہُنٛد سوال تہِ ، یتھ پتھ تِمو تو روۆن زِ یوٚ تام نہٕ پڑھاۓ مکمل سپدِ ، توٚ تام گژھِ نہٕ خاندر، بس روزِ کتھ گنٛڈتھ۔ سارِنٕے آو یہِ مشوٗرِ سبٹھاہ پسند، سارِوے کوٚر آنکارتہٕ ژرِ پوٚپ کٔرِتھ کوٚرکھ اکھ أکِس مبارک۔ تمہِ پلناوٕ خرس مِٹھاۓ سلیمس کُن، سلیمس آو اُسن، تمہِ کوٚر شکریہ تہٕ ویڈیو کانفرنس وأژاند۔

سأری أسی سبٹھاہ خوش مگر علی محمد تہٕ سلیمہٕ زن أسی نہٕ زیادٕ خوش لبنہٕ یِوان۔ علی محمدس اوس اکھا الگ خدشہِ تہٕ سلیمس اوس پننہِ جایہِ بدل۔ امہِ برٕونٛہہ زِ علی محمدٕنس خدشس پتھ کرٕو کتھ، گوڈٕ پزٕ سلیمُن خدشہِ بوزُن۔ سلیمہٕ أس سونچان زِیم چھِ سبٹھاہ بٔڈی موہنِوی، سبٹھا ایڈوانس، دولتھ تہٕ شوہرت تہٕ چھکھ بِسیار، شازی ییا اتہِ وارِ رِکنہٕ نہ۔ ینہٕ دولت رکس شور وغُلس منٛز تِہنٛز موصوٗم کوٗر راوِ۔ تہٕ علی محمدُن مسلہٕ اوس تھوڑا الگ۔ سُہ اوس سونچان زِ پاکستان چھُ ہمیشہِ کأشرِن خواب آمُت ہاوان۔ یہِ تہِ ماچھُ تیٚتھے خواب، تِکیازِ تِمو چھُ کأشرِن ہُنٛد نبض پوٚرمُت تہٕ سمجھمُت تہِ۔ تس اوس نہٕ تِہنٛز زبأنی پتھ کانٛہہ بھروسہٕ۔ سُہ اوس سونچان زِ ستہٕ تأجی پتھ ہیکِی نہٕ أسی پٔنُن کانٛہہ تشخص بناوِتھ، حالانکہِ سأری رٕوٗدی کھُلم کھُلا پاکستانس حمایت تہِ کران۔ خأر، سُہ اوس اتھ فأصلس دون مُلکن ہنٛدِ نظریہِ کِنی وُچھان مگر سارِوے کتھو دوٗریہِ اتھ ویڈیو کانفرنسہِ منٛز ٹاکارِ درٕینٛٹھی گوٚو، سُہ اوس بلقیس صأبہِ ہُنٛد بجر، تِہنٛد طاقتُک تہٕ تِہنٛزِ

شخصیتُک ٹاکارٕ پرتَو۔ خاًر، کتھ گیہِ، فیروز صاًبس تہٕ سوٗزِ کھ واٹس ایپس پیٹھ لڑکہٕ سٕندی فوٹو، سُہ تہِ گوٚ وسبٹھاہ خوش۔ غلام رسولن تہٕ نیوٗ وپانس ستی فاٗصلہٕ زِ سُہ تہِ وَنہِ پننین بچن تہٕ تم تہِ دِن لڑکس نظر، سورُے چھاتی، یہ لبنہٕ آو۔ خاًر، یمہٕ سارے کتھٕ چھےٚ سپدان روزان۔ اَتھی منٛز چھُ کتھ بند کرنُک تاٗریخ تہِ طے سپدان تہٕ یہ تقریب یِیہِ کشیرِ منٛزٕ ے شوٗ براونہٕ، تمیُک فاٗصلہٕ تہِ آو نِنہٕ۔ ساٗری اَسی خوش زِ رِشتہٕ دار ہیکن ووٗنی لڑکس آرامہٕ سان وُچھِتھ۔ بیٚیہ ہیکو ئہندِ بن گرِ والین مزید نکھٕ گٔژھتھ، تِکیاز زِ اتھ ساٗرِسے کہانی منٛز یُس کردار وُنیکتام اتھِ آونہٕ، سُہ گوٚ وفہیم گُل سُند مول۔ یٚیمہِ دوہہ ویڈیو کانفرنسنگ گیہِ، تمہِ دوہہ تہِ اوس نہٕ سُہ تتھن حاضر تہٕ نہ سپز تہنز کانہہ ذِکرُ ونہِ۔ ہوٹل تاج وِواِنتاہَس منٛز آے پاژٕ کمرٕ داہن دوہن ہِندِ خاطرٕ بُک کرنہٕ، تہٕ امیُک سورُے خرچہِ تُل لڑکہٕ والیو، امہٕ علاوٕ سُہ خرچہِ تہِ، یُس امہِ فنکشنہِ دوہہ سپدِ تِکیاز زِساٗرٕ ے تقریب یِیہِ ہوٹل تاج سے منٛز انجام دِنہٕ۔ لڑکہٕ والیو ماٗنی نہٕ جُنیدٕ نی اکھ کتھ تہِ تہٕ پٔتھ کانہہ خرچہِ پانہٕ تُلنُک فاٗصلہٕ کرنوُک تس اتھِ منظوٗر۔ تم پلَو، یِم شاژی یِمن دوہن سرینگرِ لاگہِ، تم تہِ آے خصوٗصی طور لاہورٕ ے ڈیزائن کرنہٕ۔ سلیمہٕ سپز امہِ ستی زیادٕ ے پریشان۔ تس اوس احساس زِ تہندی خدشہِ ہیٚتِن صحی ثاٗبت سپدٕنی۔ حالانکہِ اتھ متعلق اَس سو خانہٕ دارس ستی وِزِ وِزِ کتھ کران۔

''تم کرن یورٕ تھ سوٗرے خرچہ، یہِ ماچھےٚ سانہِ خاطرٕ خجالت۔''

''ووٗنی ییلہِ نہٕ موٗنگھ تہٕ کیٛاہ کرو، تم چھِنہٕ یورٕچ اکھ کتھ تہِ بوزان۔''

''یہِ چھُنا غلط جُنید صاأب، تم چھِ زن کوٗرمٕلی ہیٚنہِ دژاءمتی۔ دولت گیہ، پزٕے مگر تمن ماپزٕسون یزتھ لتہٕ مونجہِ کرُن۔''

''سلیمہ، ژٕ چھکھ ئلی پریشان، گری تن تمیٚ خرچہِ، تمن چھُ یہ گُن اولاد، ہُپأری چھکھ دولت تہِ بےشُمار۔''

''گوڈٕ کیٛازِ چھِونہٕ توٚہی لڑکہٕ ہنٛدِس مألس ستیٚ کتھ کران۔''

''اتہٕ چھُنہٕ مردن تام کہنی، اتہِ چھِ سأری فأصلہٕ زنانٕے نوان، مےٚ ییٚلہِ تہِ کتھ کر، بلقیس جی ستیٚ گرٕم، ووٗنی کیٛاہ ونہٕس زِ خانہٕ دار کتہِ چھےٚ۔'' اتھ پتھ آو سلیمس اُسن مگر پریشأنی روٗزِس بدستوٗر ''یہِ چھُنہٕ سہل کتھ جُنید صاأب، یگاہ بنہِ یہِ سانہِ خاطرٕ اکھ بڑٕ مجبوٗری أسی ہکوٚ نہٕ کُنہِ تہِ معاملس پتھ کانٛہہ کتھےٚ گرتھ۔''

''خوداے دِیِن نجاتھ، اَسہِ کمہٕ کتھٕ چھےٚ کرنہِ۔''

''جُنید صاأب ہَتھ حساب چھِ آسان، ہیوٚرچھُ، بون چھُ، توٚہہِ کیٛازِ نہٕ فکرِ تران۔''

''پُشر اوخوٗدالیس تہٕ کرپنہِ تیأریہِ۔ پلو، پوشاک، زیور بیترِ تھاوکھ وُچھِتھ۔ اسہِ کیٛازِ چھُ اتھ کتھِ پتھ زیادٕ سنجید گرٕ ھن، خرچہِ کرَن تہٕ

ٲسۍ گرِ ۍتن۔"

امہِ کتھِ ؠتہٕ بنوو یہِ مسلہٕ جُنیدن سبٹھاہ آسان۔ ستمبرُن اوس ربتھ تہٕ تأریخ اوس پنداہم، پاکستانہٕ پٹھٕ پیٚہ پژھی وأتتھ، اِئیرپورٹ آسہٕ تِمن تاج ہوٹلچہِ گاڑِ پژاران تہٕ ہوٹلس نێبرٕ کنہِ أس سلیمہٕ، جُنید تہٕ بشارت تِہندِ استقبالہٕ خأطرٕ کھڑا۔ تم أسۍ تورٕ شازی ہبتھ داہ نفر۔ ٹھیک ژٕ بجے وأتۍ تم ہوٹل۔ جُنیدن تہٕ سلیمن پلنو شازی ہنزٕ ہَشہِ تہٕ ہیٚہرس اکھ خوبصورت پوشہِ گوٚندتہٕ بوٚڈ مجمہٕ، یتھ منزٕ کأشرِبن موٚن پٹھ سونہٕ ہندی پونڈ سجأوِتھ أسۍ۔

(تِہنزن کتھن چھ کأشر ترجمہٕ گرِتھ)

"یہِ کیاہ چھ جُنید صأب۔" شازی ہنزٕ ہش وُژھ جُنیدس کُن۔

"کِہنہٕ نہٕ۔ بس سانہِ خوٚشی باپت اکھ موموٗلی ڈألی۔" جُنیدن کوٚر جُرٲت تہٕ شازی ہنزِس ہیٚہرٕ بابس پِلہٕ نووٗن مجمہٕ۔

"ٹھیکھ چُھ، تِہنز خوٚشی تہٕ لول چھ واقعی أچھن لاگن لایق مگر سونہٕ ہندبو پونڈ وٕ ؠتہِ چھ یہِ لول بےٚ اثر بنیٚومُت۔ ویسے تہِ کیاہ چھےٚ کأشرِس حُسنس سوٚنچ ضرورت۔" یہِ وُنتھ دژ ایہِ شازی ہنزٕ ہَش پننِس خانہٕ دارس ؠتہٕ تھوڑا بژ وٚنہہ، پتہٕ پتہٕ أسۍ باقی پژھی۔ سلیمس زن أژ لورِ ژٕنڈ زنگن۔ تمہِ سوٚنچ زِ پژتھ کانٛہہ کأم چھےٚ ووٚنی لاہور چہِ منظوری پتے کرٕنۍ۔ خأر، ووٚنی اوس نہٕ سوٚنچنس کانٛہہ تہٕ مطلب۔ پژھی ژاے اندر،

ہوٹلچہِ لابی منز، تِہنٛد سامانہٕ تہٕ ژاو۔ جُنید تہٕ ژاو تمن ہٕتی اندر۔ شازی رٕوز أتی ماجہِ نِش کھڑا، فیروزتہٕ آواوٕ تٔے ماجہِ نِش۔

''کیاہ ضرورت أس اَچھ امی۔''

''ضرورت کیا زِ أس نہٕ، أخر چھِنا اسہِ تہٕ کینٛہہ ارمان، کینٛہہ شوق۔''سلیمہٕ وٕژھ مجمہٕ کھولان کھولان، تمہِ کرٕ سو نہٕ ہٕنٛدی پوٗنڈ نو باغہِ ہوٚت نبر، مجمہٕ کوٚرن بیٚیہٕ بند تہٕ دیُتن فیروزس اتھِ۔

''گرٕ ھ تھاویہٕ اندر فیروز صأبا۔ تہٕ یم پوٗنڈ تھاوسنبھألتھ چندس منز۔''فیروزن تُل مجمہٕ تہٕ ترٛینوٚے ژاے یِکوٹہٕ اندر۔ أندرٕ أسی پٔژھی بِہتھ، سلیمہٕ ہیٚتھ جُنیدس نِش تہٕ شازی ہیٚتھ ہشہِ نِش۔ کأشرِ قہوٕچ خوشبوے أس ژووا پاسیے پھٔہلتھ، أتھی منز أسی یم لفظ تہٕ صاف صاف کنن گرٕ ھان، یمو ذریعہ لاہورٕکی پٔژھ کشیرِ ہٕنٛدِ بن سیأسی تہٕ سمأجی حالاتن ہٕنٛز آنکہٕ ون کران أسی۔ واریاہس کالس رٕودی تم کشیرِ متعلق پاکستانُک لول باوان تہٕ جُنید اوس یمن کتھن پیٚٹھ واریاہ خوش گرٕ ھان تہٕ مٔنزی مٔنزی سلیمس کُن تہٕ نظر دِوان زِ سو چھا بوزان کِنہٕ نہٕ۔ سلیمس آسہٕ یمہٕ کتھہٕ زِن تہٕ کنن کأرتھ سر تل تراوان تِکیا زِ تس اوس نہٕ شازی ہٕنٛزِ ہشہِ ہٕنٛد بُتھ مشأنی۔ خأر کتھہٕ تہٕ روزٕ چلان تہٕ چاے تہٕ۔ ہٕقسمہٕ ہٕقسمکی سنیکس تہٕ رٕودی ہٕرٕ و گرٕ ھان۔ تیمی یوٗتاہ ہیوٚک، تمی تیوٗتاہ کھیوٚو، صرف لٔزنہٕ سلیمن ترٛیش تہٕ أسس۔ تس اوس واقعی تیلان تہٕ سأری پٔژھی أسس کھران۔

شاید اُس یہِ تہِ سونچان زِ بڑِس گرس گژھ نہٕ زٕ ہئٔ کوٗر دِنی، اَتہِ چھےٚ صرف خجالت اتھ یِوان۔ خاأر، یہِ تیر اوس کمانہِ منٛز دژا اُمت، اتھ اندِ ہے نہٕ ووٚنی رکِھنہٕ۔ چاے چیتھ ہیوٚت جُنیدن زماں خان صاأبس تہٕ باقی پڑھین اِجازتھ تہٕ دژاے حسن آباد کُن۔ شازی تہِ واأج یمَو پانس ستی گرٕ۔ حالانکہِ تہنٛزِ ہشہِ ونیوٚنکھ زِ یہِ بیٚہہ تامتھ تہٕ دوٚنوے کرن کتھ باتھ پانہٕ واأنی مگر سلیمن مونٛس نہٕ کینٛہہ، یہِ بہانہٕ ہتھ زِ گرِ چھِ واریاہ پٔژھی اُمی ہیے پژاران۔ ییتھِ ییتھِ واأتی تم گرٕ۔ گرِ اُسی ساأری اشتیاقس منٛز پژاران۔ ساأری اُسی خوش تہٕ ییتھےٚ یم گرٕ ژاے، سلیمُن شرارتھ دژاوبس یمن ترٕ بن لفظن منٛز:

''سوٗرے گوٚ وغلط۔''

''کیاہ گوٚ وغلط کوٗری؟''علی محمد زن اوس یمن لفظن کرٕ پیٚتھٕ پژاران، تمی کوٚرنوشہِ یکدم سوال۔ غلام رسول تہِ گوٚ وحاأران۔

''ٹاٹھیا تم چھنہٕ سون مانأنی کینٛہہ۔ مجمس پیٚٹھ اُسی پونڈ نو، تم کڈنأ وہس تمہِ منٛزٕ۔''

''مجمہٕ روٗ ٹکھٕ؟''غلام رسولن پرٛ ژھ کورِ۔

''آہن حض مجمہٕ روٗ ٹکھ۔''

''اِدجان ہے گوٚ و، کوٗری اُز یُک زمانہٕ چھُ بدل۔ ازچھِ ساأری ریفارم کران۔ از چھُنہٕ کورِ مالین نِش کانٛہہ کینٛہہ رٹان، یہِ چھُ صحت مند

سوچ، اتھ لگہٕ نہٕ کوٗری ناراض گژھن، یہٕ گوٚو سبٹھاہ اصل زِ یمن چھ یہٕ شعور آمُت، اسہٕ پژ یمن رِنش ہیُچھن۔ امہٕ ستی چھِ اسہٕ ہوی غریب بچان۔ ؤتھو اٗنو چاے تہٕ مناٗوِو یہٕ دوہ شوٗبہٕ سان۔ شازی ؤلے نالہٕ موٚت ہے کرَے۔"

اَمہٕ پتہٕ ؤژھ اِسبندس ٹِسہٕ راے، دُہہ کھوٚت الٰمن تہٕ کانٛسہٕ روٗد نہٕ گنہِٕ کتھِ ہُند کانٛہہ ہوش۔ مالی ہنٛز کتھ بوٗزِتھ موٚشر سلیمن تہِ دُہک ٹھِچھر تہٕ شام تام روٗز پننین پژھین رٹنٛزناوان۔ یِیمہٕ دوہَہ کتھ بندٕ اٗس کرٕنی، تمہٕ دوہَہ اٗس تاج ہوٹلس منٛز صُبحہ پیٹھے سبٹھاہ ووسہٕ دژ وسہٕ۔ لاہورٕ پیٹھٕ آمتین پژھین ہندی یار دوست اٗسی سمان۔ تاج وِوانتا ہوٹلک ہال اوس ازاکھ عجیب وغریب منظر پیش کران۔ سانہِ مُشترکہٕ تہذیبُک پرٛتھ کانٛہہ رنگ اوس صاف نظرِ گژھان۔ اکہِ طرفہٕ آسہٕ کانٛشرِ ون واجنہِ اکھ خاص کانٛشُر لُکہٕ رنگ ہتھ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اٗس غزلن ہنٛز محفل۔ اکہِ طرفہٕ اوس بانڈن ہُند لُکہٕ پاٗتھر تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ کشیرِ ہندِ بن ممتاز گیوٚن والین ہنٛز محفل۔ یہٕ سورُے اوس امہِ اندامہٕ زِ اکھاٗکی ہنٛز آواز تہٕ رنگ اوس نہٕ بییس پیٹھ حاوی گژھان۔ پننہِ پننہِ جایہِ اٗس پرٛتھ کانٛہہ لہر شوٗبہٕ سان ووتھان تہٕ محفلہِ ہنٛز شوٗب بڑاوان۔ اکہِ طرفہٕ اوس کانگرِ بن منٛز اِسبند تہٕ لوٗبان دزان، دوٚیمہِ طرفہٕ اٗس پژھین پرفیوٗم چھکنہٕ یِوان۔ دوٗرِ یوٚ دوٚے وُچھہو، باسان اوس زِ لاہورٕ پیٹھٕ سرینگر تام چھ سورُے گُن

سپُد مُت۔ کشیرِ ہِندی باغ چھِ لاہورِچ خوشبوٗ ہیتھ۔ اُتھی منز واتناو فیروزن شازی پننہِ مرسڈیز گاڑِ منز ہوٹل تاج، تِکیاز ِتس اوس تتی سکھ رُن تہٕ سکھراونہٕ خاطرِ اوس بیوٹیشن اَمی ہوٹلک مقرر سپُد مُت۔ پلوتہِ اُسی تورِ کی شازی گرِ تمو رسیو تہٕ سیوٗ دُے نِیگھ تتھ کمرس منز، ییتہِ بیوٹیشن توہند انتظار کران اوس۔ فیروز ژاونہٕ اندر بلکہِ دڑ اوپوٚت کھوری واپس تِکیاز ِگرِ آسہٕ وُنہِ واریاہ کامہِ باقی۔ فنکشن اُس شامچ، اسلیئے آسہٕ حسن آبادٕ تہِ جان تیاُریہِ سپدان۔ تِہندِ طرفہٕ اُس پانژتژہن نفرن دعوت، حالانکہِ کرُن اوس یہِ سورُے تِمنے مگر اتھ متعلق اوس گوڈَے واریاہ بحث تہِ گومُت تہٕ واریاہ طے تہِ سپُد مُت۔ یہِ فنکشن اُس لڑکہٕ والین پننہِ حسابہٕ کرِنی، ییمہِ کنی جُنید تہٕ سلیمہٕ ژھو پہ گرِتھ اُسی۔ شامچہ شےٚ بجیہٕ، پژھی سمیٚے، سارِنے اوس فنکشنہِ کھوتہٕ زیادٕ اشتیاق لاہورکین لُکن سمکھُن تہٕ تِمن ستی کتھ کرِنی۔ پانژن گاڑن منز گےٚ ساری پژھی ایڈجسٹ تہٕ بیٚیس اَکس گاڑِ منز بٕرِ کھ کینہہ مجمہٕ، پیپر ماشی ہِندی کینہہ خوبصورت گفٹ، شاہ توسکی کینہہ شال تہٕ بیٚیہٕ کینہہ ریشمی قالین۔ یہِ تہِ اوس نہٕ کم خرچہٕ، ووں گو ہوٹل خرچہِ بیترِ اوسکھ نفعہی۔ دوہ لوسنہٕ پتےٚ واژ گاڑ تاج ہوٹلہٕ کِس آنگنس منز۔ لاہور پیٹھ آمتی پژھی دژاے تِمن استقبال کرنہٕ باپت دروازس پیٹھ۔ سارِنے دِسی پوٚسی گرِتھ تہٕ نالہٕ مُتی گرِتھ واتہٕ ناوِی تِمو پژھی مرکزی ہالس منز، ییتہِ موسیقی وُنکین پوٚرِ شابس پیٹھ اُس۔ سلیمہٕ گیہِ یہِ رنگ

وُچھتھ سبٹھاہ حاران ، تمہِ سوٗنچ زِ واقعی چھےٚ برٛن موہنوٗبن بۄڑ عقل آسان۔ تس ہُریےٚ زاُم تہٕ باقی رِشتہٕ دارن نِش شان تہِ واریاہ۔ فیروزن رٕٹی جوان لڑکہِ پانس أندی یکہِ تہٕ گےٚ سیلفی ٹلان تہٕ شیٚر کران، أتھی ءستی گوٚو کھیٚن چیٚنک دور شروع۔ گوڈٕ ڈسلابس، ییٚمیٚک نہٕ وُنہِ کاشرِس سماجس منٛز تیوٗت چلن اوس، کباب، چکن، چیز کٹ لیٹ، سینڈوچ، پیزا، پرٛتھ کانٛہہ چیز گوٚو بے حساب تہٕ لگاتار پرٛھیٚن برٛوٗنٛہہ کُن واتان۔ ہوٹلکی منیجر أسی پانہٕ اتھ سارِی ہِے نظر گذر تھاوِتھ۔ أتھی ءستی سوٗپ تہٕ کولڈ ڈرِنک۔ یہ، سورُے روٗد گھنٹہٕ وادن چلان، ییٚتِس کالس رأژ ہنٛزِ نو بجیہ۔ نو بجہِ آیہ گولابن ہنٛدِس أکِس زٕتٹھس تہٕ برٛڈِس سہرس تل شازی کمرِ منٛز ہالس تام واتناونہٕ۔ بہترین شہنائی وادن گوٚو امہِ وِزِ شروع۔ سارِی یورِ کی پٕژھی گےٚ حاران زِ یہِ کیاہ چھ سپدان، تِکیازِ یہِ اوس کشیرِ منٛز اکھ نوٚو طریقہٕ، نوٚو رٕسم۔ أخر یِیلہِ شازی أکِس مقرر جایہِ واٚژ، سہرٕ گوٚو پانےٚ الگ، سنطوٗرن رٕٹ شہنائی ہنٛز جاے تہٕ امہِ کیٚن مٕدربن ضربن ءستی گوٚو گولاب ؤتھرن ہُند ورشُن، ءستی گوٚو زور دار ژرِ پوٚپ۔ کیٚنٛہہ رنگہٕ دار لایٹہٕ گٔیہ شروع تہٕ شازی گٔیہِ لایٹو ءستی پرٛزلان، زن تہٕ اسمانہٕ ؤژھمٕژ کانٛہہ پرٛی۔ أکِس بہترین ڈیزائن گرِی ہِتس گاوٗنس منٛز أس سو بلکُل حوٗرھش۔ نرِ تہٕ مس بلکل یلےٚ۔ گون برابر کھورن تام تہٕ کھورن اکھ تھزٕ سینڈل۔ شازی گٔیہِ وارٕ وارٕ پننہِ کُرسی نکھہٕ تہٕ

پیٹھ، ستی اُس بیا کھ کُرسی ، یوسہٕ فہیم گُل ہنٛدِ خاطرٕ اُس۔ رژھ کھنڈ گُژِھتھ آوسہٕ تہٕ تتھے پاٹھی تہٕ بیوٚٹھ شازی نکھٕ کرسی پیٹھ۔ ہتہ بُدی تہٕ ساسہٕ بُدی فوٹو آے تُلنہٕ، اُڈی ٹُلی شوقہٕ والو پننو موبائلو ستی تہٕ اُڈی ٹُلی پڑوفیشنل کیمرہ مینو۔ سلیمہٕ اُس شازی ہنٛدی ڈژبسن تہٕ سٹائلن پریشان گٔرمژ۔ تس اوس باسان زِ شازی چھےٚ ہیرِ پیٹھٕ بون تام ننگے، نہٕ کلس پیٹھ ڈُپٹہٕ، نہٕ کانٛہہ حجاب تہٕ نہٕ نرٕ ولتھ۔ تس زن آو جانِ منس پیٹھ، سو گیہِ یکدم خانہٕ دارس نزدیک تہٕ وۄننس کنس تل:

''یہِ کیاہ حالتھ چھےٚ یمَو شازی گٔرمژ!''

''یمن چھ پنُن تہذیب یِی ونان، ژٕ کیاہ کرٕ بگھ۔''

''یہِ چھ غلط جُنید صاب، اُسی ہے یمَو رِشتہٕ دارن منز خجل گٔری۔ یمن پزِ ہے یتہِ سانہِ حسابہٕ پکُن۔ وُنیُک تام اُس مےٚ شان زِ کۄرژ ایہِ بڑِس گرس منز مگر تمیُک مطلب ما گوٚ وزِ یم تھاون اُمس ننگے۔''

''ونان کیاہ چھہِ سلیمہ، شازی چھےٚ وونی یہنز، اُمی سُند نفع نوقصان چھ وونی یمن سوچُن۔''

''ؤنہِ گٔرنہِ اَسہِ یمن پننی کۄرحوالہِ، وُنہِ چھےٚ صرف کتھ بند کرٕنی، اگر مےٚ اِجازتھ دِکھ، بہٕ والہِ یمن اپری پپری۔''

''یَزتھ کرنہٕ بجایہِ چھکھٕ اپری پپری واہلنہٕ...... کمہٕ کتھٕ چھکھ سلیمہ ژٕ تہِ کران، مٔشریہِ کتھ، یم سأری چھِ اَسی کُن وُچھان۔'' سلیمہٕ گیہِ

واپس پٔننہِ جایہِ تہٕ مولوی صأب ژٲوا اندر۔ تس پتہٕ پتہٕ اوس لڑکہٕ سُند مول ءتہٕ پیٚتر۔ مولوی صأب آو سبٕٹھاہ یزتہٕ سان اٲتن واتہٕ ناونہٕ، تمہِ پتہٕ رٲوٹ تمی دونوٕنی ہُند قبوٗل نامہٕ۔ مٔہر بیترِ سوٗرے گوٚو طے تہٕ نکاح تہِ آے پرنہٕ۔ أندرٕ گوٚو برِٕ ژرِ پوٚپ تہٕ نیٚبر گٔژھ آتش بأزی اسمانن، سوٗرے ڈلٕ تہٕ کرٛالہِ سنگر پٔرزٲنیٚے امہِ آتش بازِ ستی۔ واریاہہ کألی سپز کشیٖرِ منٛز امہِ قسمٕچ آتش بأزی۔ سأری درٛاے بالا درٕہن پٔٹھ یہِ تماشہِ وُچھنہِ۔ واریاہس کالس رٕوٗد یہِ منظر جأری، امہِ پتہٕ آو ڈِنر دِنہٕ سبٕٹھاہ تھدِ انمأنک ڈِنر، یُس بڑِ کھوتہٕ بوٚڈ واز وان مُشر اوان اوس۔ خاص کتھ اُس یہِ زِ اتھ منٛز اُسی لاہورٕ کی کینٛہہ خاص پکوان تہِ شأمل۔ ڈِنرٕ پتہٕ آو مہرِینہِ سون لاگنہٕ۔ سون اوس فقط ہیرٕ وتہٕ جوأہرٕ وٕستی جُرِتھ۔ سبٕٹھاہ بڑی ہار، کمر بند، حلقہٕ بند، درجن وادٕ ہنگرِ تہٕ واجہِ۔ کم از کم ترٛ ے ہتھ تولہٕ سون، یُس مہرِینہِ امہِ وِزِ لاگنہٕ آو۔ امہِ سوٗنک وزن ہیوٚک نہٕ شازی تہِ برداش کٔرِتھ مگر مجبوٗری سببہٕ اُس ژھوپہٕ کٔرِتھ۔ ہیرِ پٔٹھہٕ بون تام اُس شازی تمہِ انمانہٕ سونہٕ ستی وٕلتھ زِ ڈٕپٹھک، حجابک رٕوٗدنہٕ کانٛہہ مسلٔے۔ کلہٕ پٔٹھہٕ کھورٕ نٕبٹھس تام اوس جسمہٕ بجایہِ فقط سون نظرِ گژھان۔ یہِ سون رٔکتھ اوس اُدینٛج گومُت، تمیٚک لوٚگ نہٕ کأنٛسہِ پَے۔ جُنید صأبنٕہن اُشناون گوٚو یہِ سوٗرے وُچھِتھ زن أنٛدری وحشت۔ دھانیایہِ تہِ آو اکھ سونہٕ سبٹ بطورِ تحفہٕ دِنہٕ تہٕ سلیمس تہِ۔ امہِ علاوٕ پیٚتی تہٕ پٔژھی اُسی، تمن تہِ آے گِفٹ پیش کرنہٕ۔ پٔرِتھ کأنٛسہِ

آیہِ اکھ اکھ لوکٹ ہینڈ بیگ ہن دِنہٕ، یتھ منز اکھ سونہٕ سُند پونڈٕ تہٕ اکھ موبائل اوس۔ امہِ علاوٕ تہٕ اوس واریاہ کینٛہہ بیگس منز، لاہورچن دست کارٕ ین ہنٛدی نمونہٕ بیترٕ۔ یٚیمہِ وزِ فنکشن اندٕ واٗژ، لڑکہٕ سُند مول وۄتھ پرٛژھنس ہُند شکریہِ کران تہٕ وۄنُن زِ یہِ موبائل پرٛژھنس پیش کرنس پتہٕ کنہِ چھُ واٗحد مقصد یہِ زِ امہِ ستی روزن یم پنٕنہِ کورِ شازی ستی کنکٹڈ۔ تمی باٗو خواٗہش زِ اتھ منز گوٚژھ بس سُہ سِم آسُن یُس صرف شازی ہنٛدِ ناوٕ آسہِ تہٕ یٚیمہِ وِزِ یرٛژھن، تمہِ وِزِ کرن شازی ستی کتھ، یتھ زن لاہور، لالچوکس بلکُل نکھہٕ باسہِ۔ اتھ پتھ کوٚر ساریوے ژریوٚپ۔ ساٗری اٗسی گفٹن پتھ سبٹھاہ خوش تہٕ وۄنی اوس پرٛتھ کانٛہہ پنٕن پنٕن بیگ وُچھن یژھان۔ زن تہٕ اوس یہِ بیگ اکھ زنٛبیل، یٚیمہِ منزٕ کینٛہہ تہٕ نیرِتھ ہیکہِ ہے۔ امہِ پتہٕ اٗس وۄنی کورِ والین ہنٛز واٗری۔ تِموٚ تہٕ گرٛی پنٕنی گفٹ اکہِ اکہِ پرٛژھنس پیش۔ شاہ توسکی شال ترٛاٗوی ہگھ پھیکین پتھ، ریشمی قالین وہراٗوِکھ تہٕ شازی تہٕ توہنٛد سپدن وول خانہٕ دار پکہٕ نوٚدُکھ یمو ریشمی قالینو پیٹھی نمبر تام۔ ویسے اوس دُو طرفانہٕ اکھ عجیب جنوٗن ہیو دٕرٛ ینٛٹھی گژھان۔ وۄنی اوس وخ واریاہ ژیر آمُت، اسلئے لوٗگ یُہنٛد جنوٗن تہٕ تھامہِ۔ اکھ اٗکس ہیوٚتکھ ساریوے اِجازتھ۔ پگاہ اوس پرٛژھن واپس لاہور نیرُن، ڈوڈِ بجہِ ہنٛز اٗس فلائٹ، شازی تہٕ اوس یمنے ستی واپس لاہور واتُن۔ ہوٹل آنگنس منز گوٚو اکھ مختصر فوٹو سیشن تہٕ تمہِ پتہٕ گھٔتی ساٗری گاڑبن تہٕ دژاے پنٕن پنٕن گرِ

گُن ۔ پھِل ژُنڈ رٕہش زۄن اُس زبروَن بالس پیٹھ حائرٕ نی سان یہِ سوٗرُے منظر وُچھان تہٕ رقم کران، یہِ ما آسہِ ہے پننہِ نوعیتٕچ گوڈنچ تقریب ۔ حسن آبادٕ واتتھ گوٚ ونوٚ وچُری گیٖش شروع ۔ سأری لگی شازی ہنٛدی ڈژبس تہٕ سون وُچھنہِ، توہند سیفورا میک اپ، سٹارٹ وزمین سینڈل، توہند لوئی وٹان ہینڈ بیگ، یِموٚ قمتی چیزٕ وتہٕ اُمی حشمتن گری گری گرس منٛز سأری ربۆدٕ، خاصکر نوجوان لڑکہٕ تہٕ لڑکیہِ ۔ امہِ پتہٕ رۄدنہٕ کانٛسہِ یہِ حِس زِ سہ پرٕ ژِھ ہے زِ شازی کیاز اوس نہٕ حجاب تھوومُت ۔ کأشرِ تہذیبٕچ پاسدأری کیاز اُسکھ نہٕ گرٕمژ ۔ دراصل اوس امہِ تہذیبن غریب تہذیب ہوٹل تاج کِس مرکزی ہالس منٛز پووُمت ۔ دۆیمہِ دۄہہ دزاے سأری پُژھی کرِ تہٕ ہوٹل تاج واتن والین منٛز اُسی سارِوے گوڈٕ جُنید، سلیمہٕ تہٕ شازی، شازی اوس یِمنے ستی نیرُن ۔ پُژھی اُسی لابی منٛز کھڑا، پنُن پنُن سامانہٕ کمرٕ و منٛز انناوان تہٕ اکہِ ہے جایہِ جمع تھاوان ۔ جُنید تہٕ سلیمہٕ اُسی بلقیس صأبہٕ ستی کتھ کران، یِمن منٛز زیادٕ کتھ شازی تہٕ فہیم گُل سِنٛدِس خاندرس متلقی آسہٕ ۔ سوٗ اُس یژھان زِ یتھے شازی ہنٛز پڑھاے ختم گژھِ، یتھے گژھہ یِمن خاندر سپدُن ۔

''اِنشاءَ اللہ سپدِ تی ۔'' جُنید اوس تمن پۆرٕ بھروسہ دِوان تہٕ تہندِس پرٕتھ فأصلس منٛز پننی رضامندی ظأہر کران ۔ داہ بجے لجہٕ نیبرٕ کنہِ ہوٹلچہِ گاڑِ، بہرٕ و بوٚرسامانہٕ گاڑہن، سلیمہ تہٕ جُنید تہٕ دزاے یِمن پتہٕ پتہٕ

ایر پورٹ تام۔ یتھ پاٹھی ووت سرینگرُک تہٕ لاہورُک جشن اند۔

علی محمد تہٕ اوس امہِ فنکشنہِ ستی سبٹھاہ متاثر گومُت مگر ترٛہن وٕرِیَن ہنٛز غاَر حاضری روٗزیمن دوہن دوران تہِ تس پٹھ حاوی، حالانکہِ اتھ موضوعس پٹھ اوس نہٕ کانٛہہ کتھے کران۔ مگر توتہِ اوس تس اَندری اکھ احساس کوٗران۔ تس اوس باسان زِ ٹُمی گرِ پننس عیالس ستی زیادتی۔ ترٛہن وٕرِیَن روٗدسہ یمن نِش دوٗر، ترٛہن وٕریین ہنٛدی اُمی دوٗ رِرن بنوسہ وو پر۔ تس اوس پننِسے گرس منٛز پُن پان وو پر باسان۔ تس اوس یہِ تہِ افسوٗس زِ تس ستی چھُنہٕ کُنہ کتھِ پٹھ صلاح مشوٗرٕ سپدان۔ حالانکہِ زٕحت اُس تس قدمس قدمس پٹھ سمجھاوان زِ پتہٕ چھِ شُربن ہنٛدی فاصلہٕ افضل تہٕ بہتر آسان، ووٗنی کیاہ ونن یم اسہِ یاپرٛژھن اسہِ۔ اٰخرچھُ یمنے خرچُن برچن، سرُن سوچُن۔ یہِ کتھ اُس نہٕ علی محمدس ہٹہِ وسان مگر مجبوٗری سببہٕ اوسُس آنکار کرُن پیوان۔ گرس منٛز اوس فیروزس بڈٕی بب سُند سبٹھاہ خیال۔ یمن دوہن گزرمی زیادٕ وخ پننس بڈٕی ببس ستی۔ سہ اوس تس منٛزی کمپیوٹر گیمہٕ ہیٛچھناوان، منٛزی تھنٛدِ خاطرِ اسلامی کتابہٕ انان تہٕ منٛزی کینٛہہ کھینہٕ چیز تہِ۔ علی محمدس اُس بازرٕ کہِ کھیٛنچ سخ کل روزان، برابر شُربن ہنٛدی پاٹھی۔ ووٗنی اُس فیروزس چھٹی خٔتم گژھن واجنٛی تہٕ گری گرس اوسُن برٛنٛہے پھیرُن ہیوٚتمت، خاصکر علی محمدس۔ فیروزس اُسی ساَری سبٹھاہ یژھان، تِکیازِ توٗہنٛد منٛزا زٕے اوس تِتھے۔ سہ اوس نہٕ کُنہ تہِ

کارس نہٕ ونان۔ اُتھی منز پیٚیہِ اکہِ دوہہ علی محمدس پھُٹہٕ متس لاوڈ سپیکرس پٮ۪ٹھ نظر، تمی کوڈیہِ لاوڈ سپیکر نبر تہٕ کوٚرُن فیروزس آلو۔

''یہِ کیا ہ حض چھ ٹاٹھیا۔''

''یہِ چھ گوبرا ئسہٕ لاوڈ سپیکر، یُس حسن آبادچہِ پرٛانہِ مُشیدِ منز اٰ رِگتھ اوس۔''

''مگر یہِ کیاز چھ ٹاٹھیا یٚتہٕ، یہِ گوژھ مُشیدِ منز آسُن۔''

''چون بُڈی بب اوس منزی منزی اتھ پٮ۪ٹھ مُشیدِ منز بانگ پران۔ تِہنزِ آوازِ ہنز اُس ساریے کشیر دیوانہٕ، تِہنز بانگ بوٗزِتھ ہیکہِ ہے نہٕ کانٛہہ تہِ گرس منز بے عُذر شخص روٗزِتھ یا شوٚنگتھ، تِتھ کشش اُس تتھ آوازِ تہٕ یتھ لاوڈ سپیکرس۔ یِیلہِ مُشیدِ حمام شہُرک، تِتھی ستی لوگُکھ تتھ نوٚو لاوڈ سپیکر ۱۹۸۸ ءلیس منز۔ یہِ کوٚرُکھ چانٛس بُڈی بس بطورِ تحفہٕ پیش، تنہٕ چھ یہِ امانتھ یٚتی۔ یہِ اوس لگ بگ ٹھیکھ مگر تلاشین دوران کوٚر یہِ پُلسہٕ والو پرُزٕ پرُزٕ۔''

''ٹاٹھیا، میوٚن ہے بوزکھ، یہِ دِمون کانٛسہِ کباڑِس، یہِ کتھ لگہِ اَسہِ، نہٕ چھے بانگ پرٕنی تہٕ نہٕ چھ تقریرٕ ے کرُن۔''

''نسا فیروز صابا، ژٕ ہاوٕ پٔنٕنی انجینری تہٕ یہِ دِن مے ٹھیکھ کرِتھ۔ یہِ چھ مُشیدِ ہُندا امانتھ۔ واپس تہِ یوٚ دوَے دِموکھ، ٹھیکھ حالتس منز دِموکھ۔''

''مگر امیُک سامانہٕ کتہِ بنہٕ از، یہِ چھ سبٹھاہ پرٛون، انگریزن ہِندِ

وقتُک لاوُڈ سپیکر۔"

"ژٕ انُن سُہ یار، تس چُھے سامانہٕ واریاہ، دوٚنوَے گٔری وۄن ٹھیکھ۔"

"اِدھض وُچھو کیاہ بنہٕ۔" ٹاٹھی سٕنز کتھ اوس نہٕ فیروز پھران۔ تمۍ نیوٚیہِ لاوُڈ سپیکر آتھوارِ دوہ ہہ دوستہٕ سٕندِس دُکانس پیٹھ تہٕ تژ وۄن ٹھیکھ کرنہٕ باپت۔ دوستن وۄننس زِ اتھ لگہِ ہفتہٕ کھنڈ، تِکیازِ امیُک سامانہٕ اوس اورٕ یورٕ ژھانڈُن۔ خأر، فیروزس اوس واپس بنگلور نیرُن، تمۍ وۄن ٹاٹھِس زِ شیٚیہِ ستہِ دۄہ سۄزی زیٚون کانہہ تہٕ لاوُڈ سپیکر اَنٲوی زبو۔ علی محمد گوٚو سیٚٹھاہ خوش زِ لاوُڈ سپیکر گرِ ھ ووٚنی ٹھیکھ۔ تس باسیٚو وزِ تمۍ لٔبی زندگی ہٕندی رٲوی ٕمتی تزٕ ہ ۆری۔ دوہ یہِ ترٚییہِ دۄہ درٛاو فیروز واپس بنگلور، امہِ دوہ ہہ پھیوٚر علی محمدس واریاہ، تس باسیٚو وزِ توہنٛد دوس دۆریوٚو۔ خأر، وقتس چُھ پکُن، امہِ پتہٕ وِہری ووت سُہ امہِ تہِ دۆر، ابو دابی، تہٕ علی محمدس گوٚو توہنٛد زیادٕ دۆرُن سیٚٹھاہ مشکل۔ ویڈیو کالو کوٚر توہنٛد پھیرُن تھوڑا کم۔ شازی تہِ موکلوو ایم بی ایس تہٕ خاندرُک تأریخ تہِ گوٚو وطے۔ یمن ترٛبن ۆری ین منز کرِ جُنیدن خاندرٕ خأطرٕ بِسیار روپیہِ جمع، تِکیازِ کتھ گنڈنٕچ فنکشن اُس تٔہنٛدِ خأطرٕ اکھ چیلنج۔ خاندرٕ خأطرٕ گٔیہ سأرٕے شاپنگ دِلہِ تہٕ اُڈی چیز آیے فیروزس مَتہِ تھاونہٕ زِ سُہ تارِتم تو رَے۔ خأرِ سُہ دوہ آو تہٕ سیٚٹھاہ شان وشوکت ہیتھ آو، برات پیٚیہِ وأتتھ تہٕ سأرٕے برات آیہِ لنچہِ

پَتہٕ پہلگام واتہٕ ناوَنہٕ، یِیتہِ پہلگامُک سبٹھاہ بوٚڈ ہوٹل پوٚر پنداہن دوہن ہِندِ خاطرِ بُک اوس۔ از اَس جُنیدٕنی وآرِ تہٕ از اوس تِمس پننہِ پوٗنسُک طاقت ہاوُن۔ یہِ ہوٹل اوس وارِیاہ شاندار تہٕ مزید شاندار بناونہٕ موکھ آو اتھ سأرِی ہے ہوٹلس زوٗل کرنہٕ، تہٕ ہوٹلُک أندرِم ہال، یِیتہِ فنکشن طے اَس، آو پوشو ستی سجاونہٕ۔ مختلف پوشہِ ذأژ آسہٕ ژووا پاسیٚ لبنہٕ یوان تہٕ سأرِی پوش أسی نیبرِ پٹھ اناونہٕ آمتی۔ پائن اینڈ پیک ہوٹل اوس ڈیسٹنیشن ویڈنگ ہُند اکھ بہترین منظر پیش کران۔ پہلگامُک یارِ ہوا، لدرِ ہِندِ آبٕچ ٕگنگراے تہٕ دوٗرِ وَنن منز زن تہٕ پرِیہ وَنہٕ وُن۔ یہِ سوٗرُے آسہِ ہےنہٕ شاید لاہور کیو پرِٹھو زانہہ وُچھمُت تہٕ نہٕ محسوس کوٚرمُت۔ یہِ اوس پزی سُہ جنّت، یُس پرِتھ رنگہٕ مکمل اوس۔ گوڈنچہ لٹہِ گوٚو تِمن یہِ ایحساس زِ یِم دوَے پاکستان کشیرِ خاطرِ ووٚٹھ ژھانٹھ کران چھ، غلط چھنہٕ کران۔ تِم أسی کشیرِ ہِندِ بن میزبانن ستی مُنزی مُنزی یہِ بحث چھیڑان مگر زیادٕ کالس اوس نہٕ یہِ بحث کانہہ تہِ برداش کران، تِکیازِ تِمن اوس ووٗنی امہِ کتھِ ہُند ایحساس گوٚمُت زِ کشیرِ ہِندی لُکھ چھنہٕ پاکستان تہِ یژھان، دراصل چھ یِہُند منزِل بدل۔ خأر، أسی چھِ وُنکین خاندرٕکس ماحولس ستی، اسلئے چھِ أسی سیاستہِ نِش وارِیاہ دوٗر۔ علی محمد تہِ اوس خاندرٕکین دوہن أتی مگر أمِکس ووپرٕ ستی پأٹھی تِکیازِ تِہُندی خیال أسی نہٕ یِمن ستی میٖل کھیوان۔ خأر، خاندر گوٚو شاندار پأٹھی۔ پنداہن دوہن پہلگام چھاوِتھ دژاے

سأری پڑھِ واپس تہٕ شازی وأژ لاہور پٹُن وأرِو، فیروزابودابِ۔ جُنید تہٕ سلیمہٕ اُسی سبٹھاہ خوش زِ تِم گۓ اتھ امتحانس منز کامیاب۔ واریاہس کالس رُؤدیہِ خاندر کشیرِ منز نائٹہِ کبن نٹبن پیٹھ، اخبارن منز تہِ سپز اتھ ذِکر، روپیَن ہُند سوال تہِ وۄتھ تہٕ یہِ سوال ہیوٚتُن وارِ وارِ سنجیدٕ تہِ بنُن مگر امہِ وِزِ آوأمس حأجی غلام رسُولن تہٕ دھانیایہٕ ہِندِس ہیٚہرِ بابہٕ سُند بجر بچاوَس۔ خأر، کشیرِ منز چھےٚ نُو کتھِ نوے دوہ وأنس۔

شازی وأژ خانہٕ دارس سیٚتی لاہورِ پیٹھٕ ٹیکساز ۔ ٹیکساز چھےٚ امریکہ ہچ اکھ بہترین تہٕ ترقی یافتہٕ ریاست۔ تہٕ امہِ کِہِس اَکس شہرس منز اوس فہیم گُلس پٹُن اپارٹمینٹ ۔ اتھ شہرس چُھ ہوسٹن ناو۔ ہوسٹن وأتِتھ باسیو وشازی پٹُن پان پننوِ نِش دۄران۔ منٛزِ یِیلہِ سوأتھ کتھِ پیٹھ سونچان اُس، تس اُسی اُش گنڈِ یوان مگر ہمت کرِتھ کوٚر تمہِ پٹُن پان وارِ وارِ ایڈجسٹ۔ وُچھان وُچھان گوٚ ووونی تس ڈوڈۄری أتی روزان تہٕ یتھ ڈوڈس ؤرِیس منز ہیٚچ نہٕ سوٚنہ لاہور گرِھتھ تہٕ نہ کشیرِ یِتھ۔ شازی ہِندِ خاندرِ پتہٕ یوسہٕ اہم تبدیلی لبنہٕ آیہِ، سوأس یہِ زِ جُنیدس گوٚ وپاکستانس کُن جھُکاو ہُران تہٕ پننہِ سرگرمیہِ تہِ گوٚ وسُہ امی انمانہٕ تیز کران۔ علی محمد اوس یہِ وُچھِتھ سخ پریشان گژھان۔ تس اوس خبر کُس خوف أندری نال ؤلتھ، حالانکہِ رُحت اُس تس وِزِ وِزِ دلاسہٕ دِوان مگر ازأس سوتہِ خانہٕ دار سِنٛز پریشأنی سمجھِتھ ہیکان۔

''ژٕ ے کیاز ِ چھے از کل ہِنٛدٕ ر زَن دٔ زٕمژ، فقط چھُکھ آسان لرِ پھِرٕ نی دِوان۔''

''اٰمی چاٰنی اولادن ہِنٛدٕ نم ہِنٛدر تہٕ۔''

''خبر کیاز ِ؟''

رٔحت اٰس زاٰنتھ ماٰنتھ یتھ سوال کران۔

''زن نہٕ پَے چھے...... کُلِس ڈوٗل لاگنہٕ ستیٚ بدلیا حقیقتھ! ہُتہٕ۔ جُنید چھُ غلط وَتہِ لوٚگمُت۔ اٰمِس چھُنہٕ پانس پَے زِ یہِ کیاہ چھُ کران۔ خوداین اٰسنس نہٕ کُنٛہ کمی تہِ تھاوٕمژ، ووٚنی اٰس بِسیار دَولتھ تہِ، ووٚنی پزِ ہبس لوٚب ہیوٚن۔''

''ویسے تہِ کیاہ غلط چھُ یہِ کران؟''

''تہِ تری نہٕ ژٕ ے فکرِ۔ یہِ چھُ مُلک دُشمن کامہِ کران۔ نوجوانن بھڑکاوان، پوٚنسہٕ دِتھ۔''

''اِ اتھ منٛز کیاہ غلطی چھےٚ، پوٚنسہٕ چھُ پنٕنی خرچ کران۔''

''کیاہ چھُکھ رٔحتی وَنان، مُلکس خلاف لڑاٰے تُلہٕ ناوُنک مطلب چھیٚہِ پَے! اتھ پیٹھ چھِ سیٚوٗدے پھاٰسی دِوان۔ افضل صاٰبنٛز مثال چھے نابرٕ وٕنہہ کنہِ۔''

''مےٚ چھُ سورُے فکرِ تران، البتہٕ چھُے نہٕ ژٕ ے کشیرِ ہُنٛد عِلم۔ یمن ترٕ ہن وٕری ین ژٕ اٰوری اوسُکھ، تمن ترٕ ہن وٕری ین کیاہ کیاہ سپُد،

ژٕے چُھیہِ پَے، کُس گٹہٕ کار روٗتھ، تِمچ کینٛہہ خبر...... کہنہٕ نہٕ۔ تِموٗ ترٛ ہو ؤری یَو بدلووسوٗرُے۔"

"خبر کیٛاہ بدلیٛو و...... یس نہٕ لرِتل وَگو اوس، سُہ گوٚ و کرور پتی بَنِتھ، یِی بدلیٛو وا۔ موصوٗم مارناوی وو کھ تہٕ پانہٕ روٗ دِو تماشہِ وُچھان، پننٛ بینک بران۔ یِی سپُد نا!!"

"ژٕے چھے نہٕ پَے تہٕ نہ تری ژٕے فکرِ۔ پَے چھیٚہِ، کاتیٛاہ نوجوان ژاے مرگزارن، کاتیٛاہ گےٚ غاب تہٕ کاتیٛاہ خانہٕ گےٚ وُجارٕ۔ موت اوس آنگنہٕ پتہٕ آنگنہٕ نژان، ژٕ کتھہٕ سمجھاوتھ بو۔"

"سمجھاونچ چھینہٕ ضرورت رٕحتی، مےٚ چُھ فکرِ تران۔ خاصکر چھم جُنید صابٕنی کھیل صاف پٲٹھی سمجھ یِوان۔ اگر نوجوانن ہٕندی اتھہٕ تہٕ یَراد مضبوٗط گرِن، فیروزٕنی کونہٕ گرِن، شازی ہٕندی کونہٕ گرِن، دَپ یِم أسِس پننٛ اولاد، پنُن خوٗن، یِمن پیٹھ یوٚ ژٕھن نہٕ غلط باقی یُس موٗد، سُہ موٗد سرکاری، اگر موقہٕ میلی، ؤنی زبس، بیٚیہِ ؤنی زبس زِمالِ چُھنےَ اتھ گرِس نوٗن وُچھمُت، ژٕھن یِمن کتھن بلاے، تہٕ کرپنُن پان آزاد یِمو ہانٛکلو نِشہِ، امہِ تلہٕ چُھنہٕ کہنہٕ تہِ حاصل سپدن وول۔ کم کم لُکھ وُچھ مےٚ انٹراگیشنس منٛز پھٹان، دپُس یہ زہر چھ چوٚن، ژٕ اتھ غولٲمی وَنتہٕ یا لاچاری وَنتہٕ، یہِ چھےٚ برداش کرِنی۔ أمِس بیوقوف فرزندس وَن۔ علی محمدس کھرٕ یہِ ونان شانٛش تہٕ پزاژن نِش پوٚس۔ سُہ اوس وونی

رَحتہٕ ہنٛدِس جوابس پڑاران تہٕ شایداوس نہٕ تس نش جواب تہٕ کانٛہہ، اسلیٔ پٹھ سو رَ ژِھ کھنٛجہِ ژھوپہٕ کرِتھ، پتہٕ ییٛلہِ محسوٗس گوس زِ تو ہنٛد خانہٕ دار چُھ ژٕہنٛدِس جوابس پڑاران تہٕ سوٗ ژھ،

''یہ ونٛچ چھنہٕ کانٛہہ ضرورت۔''

''کیاز ِ......؟ تیٛلہِ وَنہٕ ہَسہٕ، ییٛلہِ سوٗرے آسہِ خاکستر گومُت۔''

''رکھنٛ تہٕ گڑھ نہٕ، ژٕے تہِ چھسَے پیرِ دستگیر وسیلہٕ انان، یِنہٕ ژٕ کینٛہہ ونٛہس، خوداصابس یہ کرُن چھُ آسان، تہِ چُھ سپدان۔ ژٕے کُس گوناہ اوسُے کوٚرمُت زِ ژٕے ہیٛتہِ ہے ترٛ ہہ وٕری جیلس منٛز۔ وٕنتم؟ ییتھ مُلکس منٛز چھُنہٕ یہ ضروری زِ یُسے گوناہ کرِ سزا تہٕ تُلہِ سُے۔ اسلیٔ گیہِ ژھوپہٕ کرِنی۔ مہ ہےٚ کُنٛج فکِر، خوداے سُند ناوہےٚ تہٕ دُعاے خاٗر کرُس عیالس، بس۔ چون چھس وٕنکبن تیٛتُے کاٗفی، کانٛہہ صلاح مشورٕ نہٕ۔''

امہِ پتہٕ نیوٗ علی محمدن فاٗصلہٕ زِ سہ کرِ نہٕ دُبارٕ اتھ مسلس پٹھ کانٛہہ کتھ، نہٕ سنہِ کُنہِ مالس تہٕ نہ وَنہِ جُنیدس کینٛہہ۔ امہِ پتہٕ آوتس وار یاہہ لٹہٕ یہِ خیال تہٕ زِ سہ ترٛاوِ یہ گرٕے تہٕ کُنہِ جایہِ اژِ چلس۔ مگر رحتہٕ ہنٛدی رکنٛ باسیٛو وتس یہِ فاٗصلہِ سبٹھاہ گوٚب۔ سہ اوس وُنہِ تہٕ رَحتہِ سبٹھاہ یڑھان۔ پٹھ اوس نہٕ تس از کل صحت تہِ ٹھیکھ روزان۔ تُہنٛزِ قوربانٛی ہُند تہٕ اوسُس ایٛحساس زِ تمہِ رکتھ چھوٚپ اتھ گرٕس تہٕ عیالس پتہٕ تہٕ خانہٕ دارٕ ہنٛز ترٛہن ؤرِیَن ہنٛز غاٗر حاضری رکتھ کرٕن برداش۔ یِم ساری خیال اُسی نہٕ تس

حسن آباد ِ نشہِ دؤر گژھنہٕ دِوان۔ سہٕ اوس ووٕنی دۄہی دوٚہس پنٕہ ٕ نِسے کمرس منٛز ہِیتھ روزان تہٕ پننِس پتھ کالس سام ہوان تہٕ جیلکی دوہ یاد کران۔ منٛزی منٛزی اوس تس جیلک سہٕ تکلیف أزی کہِ تکلیفہٕ خوتہٕ سبٹھاہ کم باسان۔ أزِکی تکلیفن اُسی تس أندری چھوکھ دِتی مِتی، نیٚبری تہٕ گییہِ کشیرِ بڑونہہ پکان تہٕ اَتکی سیأسی حالات تہِ گٔے تیزی سان بدلان۔ کالہٕ اُس اکھ افواہ تہٕ پگاہ بیا کھ، ییمہِ کِنی لۄکن ہمیشہٕ فرٛٹہٕ فرٛٹ سوار رۄد۔ ووٕنی اُسی تم ییتھ کتھِ پیٹھ تہِ سونچان زِ پتی مو تژ ہوٕ ریو پیٹھہٕ ییمہِ خأطرٕ تم تحریک چلاوان گٔے، تہِ میلا تہِ زانہہ کِنہٕ کُنہٕ بدل دورس منٛز چھ بیٚیہِ نوٕسرٕ، نوِ انمانہٕ، نوِ اندازٕ بیٚیہِ اکھ شروعات کرٕنی۔ علی محمد اوس ویسے ییمو حالاتو نِش سبٹھاہ دۄر۔ تو ہنٛد دُنی یاہ اوس ووٕنی رَحتہِ تاٛمے محدۄد سپُد مُت۔ تس مۄش سورُے تِکیا زِ رٔحت ہیٚرٕن ووٕنی زیادٕ بمار روزٕنی۔ شانٛشہِ ہُنٛد تکلیف اوس تس وار یاہ کالُک۔ کشیرِ ہُنٛد مشہوٗر چسٹ سپیشلسٹ ڈاکٹر نوید اوس تس یلاج کران، مگر ووٕنی اُس نہٕ تس ئہنٛدِ یلاجہِ ستی تہِ کانٛہہ فرق محسوس گژھان، تمیُک وجہ اوس شاید یہِ زِ دأدی اُس أنٛدرٕ اکھ مستقل جاے بنأومژ تہٕ سہٕ اوس بس موقعس پژاران تہٕ سہٕ موقہٕ تہِ ہیوٚتُن نزدیک یُن۔ رأژ ہٕنز آسہٕ ہن زٕ بجے تہٕ لینڈ لاینٕہ پیٹھٕ گییہِ اکھ زٕیٹھ رِنگ، سأری اُسی شوٚنکِتھ، بس اوس علی محمد ہُشارٕ۔ علی محمد دژ اوپنٕہ کمرٕ منٛزٕ تہٕ ووت بیٚٹھکہِ منٛز فون تُلنٕہ باپت مگر ییتِس کاس گییہِ رِنگ بند۔ تمی تژ اۄ گرِ کُن نظر

تہٕ سوٗنچُن زِ راتھ ژٕ ہنٛدِ یٔیمہِ پہرٕ کس سُنٛد فون ہیٚکہِ اٰسِتھ۔ تمہِ ڈِژ نمبرن نظر، یہِ اوس شازی ہُنٛد فون تہٕ علی محمدن سوٗنچ زِ تتہٕ چھِ دوہل، اِوَکنی آسہِ تس مغالطہٕ گومُت مگر سِتی آس یہ خیال زِ از تام چھُنہٕ یہِ زانٛہہ سپُد مُت، خاٗرے گوٚژھس آسُن۔ سُہ اوس یی سونچان زِ بیٚیہِ گیہِ رِنگ۔ تمہِ تُل یکدم فون ''ہلو شازی۔ خاٗرے چھا۔''

''السّلام علیکم دَدٕ۔''

''وعلیکم السّلام، کیاہ ڈٕلیل، ٹھیکھ چھکھٕ، گُل صاٗب چھا ٹھیکھ۔''

''مےٚ کرییہِ ممی ہٕنٛدِس سبل فونس پیٹھ کتھ کرٕنچ کوٗشش مگر سُہ چھُ سوئچ آف یِوان۔ ابوجی سُنٛد فون تہٕ چھُ بنٛد، توَے گیٚس بہٕ مجبوٗر لینڈ لایَنہٕ پیٹھٕ فون کرنہٕ باپت۔''

''جان کوٗرتھ کوٗری۔ یہِ ونتم خاٗرے چھا، رات کیُٹھ کیاز پیٚوےژےٚ فون کرُن۔''

''دَدٕ، بہٕ کرامی ٔستی کتھ، سو ٹُلی وٕنٛن۔''

''ییٚکیاہ بہٕ انن، کرژٕ ہولڈ۔''

علی محمد چھُ فون پتھر تھاوان تہٕ جُنید ہٕنٛدِس بیڈرومس نیٚبرٕ کنہِ کھڑا سپدان۔ سیٚٹھاہ آہستہٕ چھُ سُہ دروازس ناک کران تہٕ وَنان۔

''سلیمہ کوٗری...... سلیمہ۔''

''کیٛاحض ڈٲلیل ٹاٹھیٛا۔'' أندرِ چھےٚ سلیمنٕز آوازیوان، امہِ پتہٕ چُھ یکدم درواز یلہٕ گژھان تہٕ سلیمہٕ چھےٚ دروازس پتھ کھڑا اسپدان، تس چھےٚ شانٛشہِ رائے آسان ''دبہٕ چھاٹھیکھ۔''

''آہنٛ، سو چھےٚ ٹھیکھ۔''

''تیٛلہِ کیٛاہ ڈٲلیل، پانس چھوٕ خأرے۔''

''کوٗری شازی ہُنٛد فون چُھ امریکہ پیٹھٕ، تتہِ چھنا دوہل وُنکبن۔''

''مگرتس چھنا پتاہ، ییٛتہِ چھےٚ راتھ، خأرے گوٚژھ آسُن۔'' سو چھےٚ جلدی فونس نش گژھان تہٕ رسیوٚرتُلان۔

''ہلوشازی، کیٛاہ ڈٲلیل، خأرے چھا؟''

''امی......'' بس اَمہِ پتہٕ چُھ توہنٛد وۄدُن شروع گژھان، نہٕ کانٛہہ لفظ، نہٕ کانٛہہ کتھ۔

''کہے ڈٲلیل شازی، بلایہِ ہے لگے۔ ٹھیکھ چھوَ ے، گُل صأب چھاٹھیکھ۔'' مگرشازی چھنٕہ اورٕ ییٛہِ کانٛہہ کتھ کران، صرف وَدان۔ أخر ییٛلہِ تمہِ بوس لوٚژرووتہٕ سلیمہٕ تہِ پرٛژھی پرٛژھی تھٔچ، تمہِ کرٕ تنی کتھ۔

''بہٕ چھس انڈیایُن یژھان۔''

''اِنڈیا! مگر کیٛازِ؟''

''سوٗرے ہیکے نہٕ وٕنتھ۔ بس ژٕ بوز امی زِ چائنٛ کوٗرچھےٚ بس

برِ ژنز بن ہنز ۔ کانٛہہ بہانہٕ بنأوِتھ سۄ زِ و ٹِکٹ ۔"

"بلایہِ لگےٚ کۄری، أخرٕ ڈلیل کیاہ چھےٚ، وأرِ و بن ستیٚ گرتھ کتھ"

"مےٚ چھنہٕ کانٛسہِ ستیٚ کانٛہہ کتھ کرٕنی ۔ یۄ دوٚ ے جلدی ٹکٹ سۄ زِ وتہٕ جان، نتہٕ کرٕ بہ پنُن چارٕ پانےٚ ۔" امہِ پتہٕ چھےٚ سو فون ترٛاوان، سلیمہٕ چھےٚ واریاہس کالس ہلو ہلو کران روزان ۔ امہِ پتہٕ چھےٚ سو یورٕ فون کرنٕچ کۄشش کران مگر فون چھُ بند یِوان ۔

"رِ کھو ڈلیل سلیمو، شازی چھا ٹھیکھ، خانہٕ دار چھُسہٕ وارٕ ے ۔"

"ٹاٹھیا خبر کیاہ ہتام ڈلیل چھےٚ ۔ شازی چھےٚ سٹھاہ جلد یورٕ یُن یژھان ۔" أتھی منز چھُ جُنید تہِ أندرٕ نیران ۔

"کیاہ ہض ڈلیل ۔"

"شازی" سلیمہٕ چھےٚ ودان ودان پتھرٕ لاینہٕ یِوان، جُنید چھُ تس پانس ستیٚ رٹان ۔ علی محمد تہِ چھُ وونی پتھر یِوان ۔

"کیاہ ڈلیل سپٕز شازی، خأرٕ ے چھا!"

"سو چھےٚ نہٕ ٹھیکھ، تس سۄ زِ وۄلی ڈلی ٹِکٹ، یتھ سو یور واتہِ ۔"

"مگر ڈلیل کیاہ سپٕز ۔"

"رِ کھنی چھنہٕ پےٚ ۔ مگر سو چھےٚ سٹھاہ پریشان، سو چھےٚ برِ ژنز بن ہنز مہمان ۔"

"رِ کھنی پرواے چھُنہٕ، پگہے کرٕ بہ تس ٹِکٹ میل ۔ اکھےٚ لِکھس زِ

دبدِ چھےٚ سخ بمار۔"

ٹھیکھ چھُ۔ ٹاٹھیا شازی چھم خبر کیاہ دلیل۔ سو کھیٚیہِ نم

پاکستانن۔"

"سوے یاژ کھیٚین نہٕ کوٗری، واریاہ کھیٚین۔ وُنہِ چھنہٕ پےٚ،

کیاہ کیاہ چھُ وُچھن۔ نارس دِژ ایم نرِ۔"

"ٹاٹھیا اسہِ چھاوُنہِ پتاہ زِ پوٗرِ دلیل کیاہ چھےٚ، اَسی کتھ چھِ بٔلی

پوٗرِ پاکستانس رَہ کھالان۔"

"ژےٚ نےٚ فکرِ توٚ رمُت آسی، مےٚ توٚر فکرِ، سو چھنہٕ امریکہس منز

خوش، تس چھُ خبر کیاہ جانِ منس پیٹھ آمُت۔"

"تہٕ اتھ منز کیاہ کوٚرپاکستانن۔"

"ژٕ چھُکھ کشیر تہٕ لاہور رلاونٕچ کوٗشش کران۔ بےوقوفہٕ یہِ چھا

ممکن۔ تہذیبن چھےٚ فرق، عادتن چھےٚ فرق۔ انسانن چھےٚ فرق۔ تِم چھِ

بدل تہٕ اَسی چھِ بدل۔ اَسی چھِ اصل مسلمان، یِمن انسانیت تِتھِس گٹہٕ

کارس منز تہِ ٹاٹھ چھےٚ۔ اَسہِ راوُرسوٗرُے مگر انسان تھوو زِندٕ۔ یٚیہِ چھُکھ

ونان تِمن کیاہ خطا چھُ۔"

"ٹاٹھیا مےٚ مہٕ وَنناوکینٛہہ۔ اَمی سوچن گٔری اَسی بُر باد۔ خبر کتھ

چھِوٕ توٚہی تہذیب ونان۔ زبان بندی، کرفیوٚن، بندوٗقن، گولین، بے

حساب قبرن، رأوی تِتھٕ لگن، خبر کتھ کتھ......"

''جُنید صاَبا، یم گٔے سیأسی حالات، سنگین حالات مگرامہِ باوجوٗد تہِ تھاٗونا اَسہِ انسانیت زِندٕ، تتھی چھس ئہ تہذیب ونان، کأشُر تہذیب۔''

''مگر وُنکین چھنہٕ یہِ دون تہذیبن یا مُلکن ہُند مسلہٕ، وُنکین چھُ یہِ اَکس بےبس کورِ ہُند مسلہٕ، یوسہٕ ساسہٕ وادٕ میل اَسہِ نِش دوٗر چھےٚ۔''

''بند کرِو یہِ بحث، جوأنی موکلیہِ مےٚ یہِ بحث بوٗزی بوٗزی۔''

سلیمن ژٹ خانہٕ دار ہشز کتھ۔

''مگر میأنس مأیس ترِ نہٕ یہِ فکرِ، اَسہِ ہتی کیٛاہ سپُد، سأنس قومس ہتی کیٛاہ سپُد۔''

''جُنید صاَب وُنکین چھُ سوال سانہِ یژ تک، سانہِ کورِ ہُند، تس ہتی کیٛاہ سپُد۔ یہِ سوال چھُ سارِوٕے سوالو تھوٚد، مُلکو تھوٚد تہٕ قومو تھوٚد۔''

''پےٚ کیٛاہ چھےٚ، کیٛاہ دلیل سپز، کیٛازِ چھےٚ شازی پریشان۔''

''سو چھم خودکشی کرنس پیٹھ آمژ۔'' سلیمہٕ چھےٚ بیٚیہِ وُدن ہوٚان۔

جُنید چھُ تس نِرتھ کران تہٕ اندر اژان۔ علی محمد چھُ ہےٚ بنگہٕ ہیوٚ اَتی کھڑا روزان تہٕ رٔتھ چھےٚ پتی کٔنی کھڑا گژھان۔

''کیٛاہ دلیل، خأرٕ ے چھا، ژٕ کیٛاہ بستر ترٛاوِتھ رأژ پہرن یور آمُت؟''

''خأرٕ ے چھُ۔'' علی محمدن ترٛوو زیوٗٹھ ووش ''شازی ہُند فون اوس۔''

''شازی ہُند۔رات کیُتھ !خاًرِ ے چھُسا۔''

''مےٚ چھُھنہٕ باسان خاًر چھُ۔'' امہِ پتہٕ چھُ سُہ تہِ رَحتہِ تِتھے پاًٹھی نرِ تھف کران، ہِتھ پاًٹھی جُنیدن سلیمس گٔر، دوٚنوٕے چھِ پنٕنس کمرس منٛز واتان۔

''ژےٚ ماوۄ نُتھ ووٚنی جُنید صاًبس کیٛنہہ۔''

اتھ پیٹھ گٔر علی محمدن ژھوپہ، لیف ہیٛژن کلہٕ نَلہٕ تہٕ تژ اۄن ہِندٕر۔ ہیٛژ ھ پریشاًنی پتہٕ ،کتھِ آیہِ علی محمدس ہِنٛدٕر، اتھ پیٹھ سوال ٹُلُن چھُ ضروری۔ ہِند رِ ہُند وأحد وجہ اوس جُنیدُن سُہ ژمیوٚمُت بُتھ، یُس تس شازی ہٕنٛز خبر بوٗ زِتھ گوٚو۔ یہِ شکست گٔر علی محمدس خوش،تس باسیوٚ وزِ تِہندِس شیٖشہِ محلس چلاًو کٔمی تام از گوڈٕنچ کٔنی۔ رٔحت سپٕز پریشان،تس آیہِ نہٕ واریاہس کالس اُچھ وٹنہٕ۔ رٔحت کیٛاہ، گری گرس اوس یہِ سبٹھاہ بوٚڈ مسلہ بڑ وٚنہہ کنہٕ۔ جُنیدن گرٲمی رأژ تِہنٛدِ خاطرٕ ٹِکٹ تہٕ گٔرنس میل۔امہِ رأژ نیوٗ سلیمس مکمل پاًٹھی آرام۔ سوأس بس شازی پزاران زِ تس نِش بوزِ ہے اخٕر دلیل کیٛاہ سپٕز۔ دوٚیہِ دوٚہ پتے وأژ شازی، ایَر پورٹ پیٹھ اُنی سو ماًلی تہٕ ماجہِ، یتھٕے تس کُن ماجہِ نظر پییہِ، تس ژٕج کٔنی کربکھ نیرِ تھ تہٕ ستی وۄتھُس دَدرایہِ اوٚش۔ تس باسیوٚ وزِ شازی چھُھنہٕ روٗ دمُتُ کیٛنہہ۔ واقعی اُس شازی واریاہ کمزور گاًمِژ۔ اُچھ آسس بلکل اوٚری وژھمٕژ۔ جُنیدن تہِ گٔریہِ کتھ محسوٗس۔شازی رٔٹ ماجہِ ایَر پورٹے پیٹھ نالہ متہٕ تہٕ پرٔژھنس،

''یہِ کُسُے حال چھے پانس کۆ رمُت شازی۔'' اتھ سوالس پتھ وُڈتھ شازی اُچھو منزٕ اۆش، اورِ یورُوٗ پھِتھ ؤتھربن اُچھ تہٕ دزایہِ ماجہ ہستی نبر۔ گاڑِ منز تہِ رٗوز سو بلکل ژھوپہٕ کرِتھ۔ ماجہِ کورِ آسہٕ پتہٕ کنہٕ تہٕ جُنید اوس گاڑی چلاوان مگر سڑکہِ خوتہٕ زیادٕ اوس سُہ شازی کُنُے نظرتھاوِتھ۔

''آہنی اخر دلیل کیاہ سپز شازی۔ ژٕ چھکھ نہٕ کانہہ کتھے کران۔'' سلیمن رۆٹ شازی ہُند اتھ پننبن اتھن منز تہٕ کۆر نس آرامہٕ سان یہِ سوال۔

''ہُہ آیس حیوانس باگنز۔ He is an animal.۔''

''ماران اوسیہِ؟''

''تو ہند مارتہِ کرِ ہابہ برداش، اگر سُہ سیدِ طریقُک آسہِ ہے۔''

''تیلہِ؟'' اتھ سوالس پتھ گر بیٹہِ شازی ژھوپہ، سو ئج دارِ کنی نبر وُچھنہِ مگر اُچھن منز اۆش آسنہٕ کنی اوس تس سورُے گۆٹ باسان، زنتہِ اوس سورُے ماحول تہند بن اُش فیربن منز پیران لبنہٕ یِوان۔ اُخر وآتی یِم حسن آباد، پنُن گرِ۔ شازی کجہِ آنگنس لانپہ اکھ تہٕ زِ تہٕ سیوٗ دُے وآژ بُڈی بب ہندِس کمرس منز۔ علی محمد اوس تس پزار اآنی، شازی وُچھِتھ وُڈتھ سُہ یکدم تھۆد، رٗحت تہِ گیہ تھۆد ؤتھِتھ تہٕ دوشوٕ یَو رٗٹ شازی نالہٕ متہٕ۔ رٗحت بُجس ہَتہِ ہَتہِ پھِرِ بلایہِ، مَہہ تہٕ میٹھی کرِ نس۔ او ہند ژمیو مُت جسم وُچھِتھ گوکھ دو نوٕنی سبٹھاہ محسوٗس۔ تیتس کالس ژایہِ سلیمہٕ تہِ جُنید تہِ

أتھی کمرس منز، جُنید اوس نہٕ ووٚنی مأزلس ستؠ نظرِ رلاوِتھ ہیکان، تس اوس باسان زِ مأزلی ہنز کتھ ہےٚ تمہِ دوہہٕ مأنی منز آسہِ ہے، یہِ دوہ پیٚیہِ ہے نہٕ وُچھن۔ سُہ دڑاو یکدم کمرِ منزٕ نیبر۔ بُڈی بس تہِ نانہِ سمکھِت وأژ شازی ماجہِ ستؠ پننس کمرس منز۔ تو ہنٛد کمرٕ اوس بلکُل تِتھے، یِتھ اَنہٕر شہِ آسان اوسُس۔ باسان اوس زن تہٕ اُس وُنی وُنی کمرٕ منزٕ نیبر دڑاہٕمژ تہٕ واپس آیہِ، حالانکہِ امہِ کمرٕ منزٕ اُس یہِ خبر کرِچ دڑاہٕمژ۔ پزی چُھ پزتھ کانٛہہ چیز واپس یوان، شاید وخ تہِ۔

''شازی، امہِ بزونٛہہ زِ ژٕ بدلاوَکھ پلَو یا کھکھ چکھ کینٛہہ، میأنِس سوالس دِجواب زِ ژٕ آیکھٕ ژٕلتھ کنہِ اِجازتھ ہیتھ۔''

''یمن سوالن چھنہٕ ووٚنی کانٛہہ معنے امی۔ ویسے آلیس بہٕ ہمیشہِ خأطرِ اِجازتھ ہیتھ۔''

''وجہ۔ کیاہ دلیل، لڑکس چھا خأمی کانٛہہ؟''

''امی، بہٕ کیاہ ونَے، بہٕ چھبس وُنکبن ساسہٕ بدی میل دوٗرِ تس نِش مگر پیٚتھن تہِ چھِ مےٚ تِرِ گنٛڈی پھٹان۔ زبو چھم پھٔٹِتھ نیران، بس تہِ سونچنہٕ ستؠ۔''

''مےٚ گرِژھ پےٚ آسُنٕ شازی، پگاہ چُھ تٔہند بن گرِکبن جواب دیُن۔''

''گرِکی، مأیَ فُٹ! کانٛسہِ چھنہٕ کانٛہہ جواب دِنٕچ ضرورت۔ بہٕ

بچے یَس، بس یہِ زان غنیمت۔''

''ماران اوسیہِ کنہ......''

''گوڈنکبن کیئرٛن رتبن اوس معاملہٕ ٹھیکھ، ئہ تہِ أ ئسس ہوسٹن وأتتھ سبٹھاہ خوش۔ نوٚ و ماحول، نوٚ و مُلک، نٔوی لُکھ۔ مےٚ سوٗنچ زِ ییٚتہِ پرٛیکٹس کرنہٕ خأطرٕ یا نوکری کرنہٕ خأطرٕ کرٕ ئہ مزید پڑھائے ییٚتی امریکہس منز۔ ئہ أ ئسس دوہس نٹس پٹھ یونیورسٹیٚن متعلق مولوم کران تہٕ شامس أ ئسس شیٖر کران۔ برابر روٗدسہ کیئرٛن رتبن یہِ بوزان تہٕ برداش کران، پتہٕ ہیٚو وسہ یکدم زن تہٕ رامہٕ ہوٗن ہیُوٚ۔ گوڈنتھ کوٚرُن میانبن پلوٚن پٹھ اعتراض تہٕ وۄنُن،

(اردوٗ کتھ باتھِ ہُند کأشر ترجمہٕ)

''یہِ چھُ امریکہ! چون حسن آباد یا لاہور چھُنہٕ، ییٚتہِ چھِنہٕ یِم پلو چلان۔''

''مگر یِمن پلوٚن کیاہ چھُ فہیم صأب، سون تہذیب چھُ یِ۔''

''فی الحال گوٚو پٔژن تہذیب کُنہِ اٹیچی منز بند کرُن تہٕ ییٚتیُک تہذیب نبر کرُٕن۔''

''کیاہ چھُ ییٚتیُک تہذیب۔''

''شارٹس تہٕ سلیولیس شارٹ۔ یہِ شلوار قمیض نہٕ کینہہ۔ اسہِ چھُ أکس اہم پارٹی منز گژھُن۔'' یی ونان کڈٕ تمی أندرٕ پنٔنی اٹیچی تہٕ ترٛأوِن

پلَو مےٚ بزٕ وٕنہِ کنہٕ۔

''مگر فہیم صأب، یمن پلوَن منٛز ہے ئہ ننگے باسہٕ۔ نو۔ ئہ لاگھ نہٕ یم پلو۔''

''مےٚ چھکھ ژٕ ننگے ضرورت، جلدی کر، پتہٕ گژھ ژیر۔''

''فہیم، ئہ ہکہٕ نہٕ یہِ ڈژ بس لأگتھ، أخر چھا شرم کانہہ کتھا کنہٕ نہ۔''

''یوٚ دوَے شرمہِ ہُنٛد یوٚت خیال اوسے، امریکہ کیاز آیگھ؟''

یہِ ونان ونان گوٚ وسہ مےٚ دکہٕ دکہٕ دِوان، یوٚ تام ئہ دارِنش واتہٕ نأونس۔

''پےَ چھیٚہِ! أسی چھِ پٕنٕز أہمس پورس پتھ، ییٚتہِ پتھ یُس تہِ چیز بون ییہِ لاینہٕ، تتھ گژھن بونہٕ کنہِ ساسہٕ ئدی ٹکرٕ۔ "It is better to change"۔ یہِ وٕنتھ دژ اوسہ حیوان نبر، تہٕ ئہ رؤزٕس واریاہس کالس دارِ کنی نیٚبرِم عالم وُچھان۔ سورُے دُنی یاہ باسیوم موژان، لوکُٹ گژھان۔ أتھی ستی گوٚو میانہِ زندگی ہُنٛد اکھ بھیانک باب شروع۔ ئہ وأژٕس پارٹی منٛز شارٹس تہٕ سلیولیس ٹاپ ژٕھلتھ۔ مےٚ اوس پٕنُن پان بلکُل ننگے باسان۔ پارٹی منٛز أسس ئہ گہےتس پتہٕ کنہِ روزان، گہے کُنہِ ژٕینٛس یا کُنہِ گملس پتہٕ کنہِ کھڑا گژھان۔ عجیب بے قرأری أس مےٚ سأرِہے جسمس، زن تہٕ آسم رٕییہِ تیلان۔ اتھ پارٹی منٛز سمکھأوس ئہ تمی پٕننِس سارِنے دوستن تہٕ أخرس پتھ واتہٕ نأونس أکِس کمرس منٛز، ییٚتہِ تو ہنٛد بزنس پارٹنر بہتھ اوس

۔یہِ اوس میکسیکن، سبٹھاہ کرٕہُن تہٕ ہأبتناک۔

''یہِ چُھ ایلیکس، میٖون بزنبس پارٹنر۔ ایلیکس مائی وائف شازی''

''او گلیڈ ٹو میٹ یوٗ شادی۔'' توٗہنٛد انگریزی تہِ اوس بدٕلے۔
لس توگ نہٕ میٖون ناوتہِ ہیوٚن مگر میأنس جسمس تام ووت یکدم۔ میٖون اتھٕ روٗٹُن پتھ پتھ کرٕ یہنبن اتھن منز تہٕ واریاہس کالس روٗداسان ''پرٹی گرٕل۔''

''شازی، یہِ چُھ میٖون سبٹھاہ اہم دوست۔ أمی سُنٛد چُھ پوٗر خیال تھاوُن۔''

یتھے تمی یہِ جملہِ ووٚن، مےٚ پھٕٹ ہیرِ پیٹھٕ بون تام ترٕ۔ بہٕ أمِسس سونچان زِ بہٕ رٕکتھٕ نیرٕ امہِ کمرٕ منزٕ نبر۔ خأر، رٕکتھٕ تام موکلیٚے یمن کتھ۔ تہٕ یمو کتھو منزٕ توٗر نہٕ مےٚ اکھ لفظ تہِ فکرِ۔ میٖون أندرِم شور اوس تیوٗت خطرناک زِ تُمہِ لفظس أمِسس نہٕ بہٕ معنے لٔبتھ ہبکان۔ یتھٕ أسی ژپری گرٕ وأتی۔ مےٚ گٔری سبٹھاہ تیزی سان پلوٗ تبدیل تہٕ پرٕژھمس۔

''یہِ کیاہ حض ووٚنوٗ توٗہہ أدی، مےٚ کُس خیال چُھ أمِس تُہنٛدِس پارٹنر سُنٛد تھاوُن۔''

''یہِ چُھ وَنہٕ یوان۔ یہِ چُھ امریکہ...... ییٚتہِ چھیٚنہٕ تمہِ انمانہٕ پابندی یمہِ انمانہٕ تُہنٛزِ کشیرِ منزٕ چھےٚ یا سائنس لاہورس منزٕ چھےٚ۔ یہِ چھےٚ فرٕی سوسائٹی تہٕ بٔڑ وٕنہہ پکنہٕ خأطرِ چُھ ییٚتہِ پرٕتھ کانٛہہ قدم جائز۔''

''مگر خودایہٕ ہِنٛدِ پاسہٕ تھاُوی زبوٗ مےٚ آیِنٛدٕ یَموٗ محفلوٗ نِشہِ دوٗر۔ ئہٕ چھبس تُہٕنٛز آشِنٛز تہٕ تُہٕنٛزٕ ے چھبس روزِنی یژھان۔ ئہٕ چھبس گرس منٛزٕ ے شوٗبان۔''

''مےٚ ہِتی روزنہٕ خاطرٕ چھیےٚ میانہِن جذباتن ہِنٛز قدر لاُزمی۔'' یہِ وُنِتھ ترٛ وو تمو ڈاف، تہٕ ئہٕ روٗزِس تِمِس حیوان سُنٛد سُہ بےٚ عار بُتھ واریاہس کالس وُچھان۔

''تمہِ پتہٕ کیٛاہ سپُد؟'' شازی ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ لفظ اوس سلیمس أندری زخم دِوان مگر بوزُن تہٕ اوسُس ضروری۔ شازی أس زن لوٗسمٕژ۔ سلیمن رٕٹ سو پانس ہِتی۔

''ژٕ چھکھ واریاہ تھٔچمٕژ شازی، ووتھ گوڈٕ گرٕھ فرٛبش، کینٛہہ کھےٚ، ہمت ترٛیی۔''

''نامے امی، توٚ تام گرٕھ نہٕ ئہٕ فرٛش، یوٚ تام نہٕ ئہٕ تِمِس حیوان ہِنٛزِن کتھن ہِنٛز غلاظت نبر چھکہٕ۔ تمہِ پتہٕ روٗدی حالات واریاہس کالس ٹھیکھ۔ نہٕ أسس ئہٕ پارٹی منٛز گژھان تہٕ نہٕ تمہٕ قسمکی پلوٕ ے لاگان۔ تس اوس أندری مےٚ خلاف سبٹھاہ غوصہٕ مگر وُنِتھ اوس نہٕ ہبکان۔ مےٚ تہِ أس ووٗنی مزید پرٕنٛچ خوأہش زیادٕ بڑٕمٕژ۔ ئہٕ أسس یژھان یتھ وو پرٕ مُلکس منٛز گرٕھ مےٚ پٕنٛنی کانٛہہ بنیاد آسنی، پٕنٛنی کانٛہہ زان آسنی۔ دوٗن ترٛ ین یونیورسٹین ہِتی سپُز مےٚ کتھ تہِ، تہٕ ایڈمِشنہٕ برٛونٛہہ یم

کینٛہہ امتحان دِنی چھِ، ئہ لُجس تمن متعلق تیأرِیہ کرنہِ۔ ئہ أ ٔسس سونچان زِ أمِس ئتی زیادِ کتھ نہ کرنہِ چھ میانہِ خاطرِ ٹھیکھ۔ وُچھان وُچھان موکلیوو وٲری تہٕ امریکھس منز ہیوٚتُن نوِ وٲرِیک جشن شروع سپدُن۔ نوٚوے جوش اوس امریکہ چین سڑکن پیٹھ تہٕ بازرن منز درٛینٛٹھی گژھان۔ پگہہ گژھ ہے نوٚ وٲری شروع تہٕ سارِنے نش أسی نوِ وٲرِیکی ریزولیوٗشن، سارِنے آسہٕ پننہِ پننہِ خوأہشہِ تہٕ پوٗرامریکھس منز أ ٔسس ئہ وأحد اکھ، یوسہٕ کُنہِ خوأہشہِ، کُنہِ ریزولیوٗشنہٕ بغأر أس۔ ئہ أ ٔسس سونچان زِ اکھ دوہ دژاو، خبر بیٚا کھ نیریا۔ امہِ دوہہ شامن آوسہ مےٚ نکھ تہٕ میانین شانن پیٹھ اتھ تھأوِتھ ووٚنُن:

''پگاہ ییہِ الیکس یور تہٕ نوٚ وٲری مناوِسہ اسہِ ئتی۔'' یتھے مےٚ ییہِ ناوبوٗز، مےٚ زن لج سأرِے پانس کرنٹ، ''یور کیٚا زِ ین، کُنہِ ہوٹلس منز گژھِ ہو تہٕ مناوِو نوٚ وٲری۔''

''یوریٚنس کیٚاہ پژابلم چھِ!'' تس گوٚو یکدم موٗڈ تبدیل۔

''یہِ چھُ گرِ، تہٕ گرس منز چھ اکھ تہذیب پلان۔ بلکہِ ونو زِ گرِ چھ مکمل پأٹھی اکھ تہذیبے آسان۔''

''یہِ گرِ چھُ میون تہٕ ییتہِ چلہِ سُے تہذیب، یُس ئہ یژہ ھ، یُس مےٚ سیٚوٗٹ کرِ۔''

''یہِ گرِ چھا بس تہٕند؟''

''آ۔ بس میٛون۔ ژٕ چھکھ فقط اکھ غولام، Slave ۔ ژٕے چھےٚ میٛون پرٛتھ کانٛہہ حکم مانُن۔''

غولام وننہٕ سٟتۍ گیہِ میٲنۍ ساٗرٕے شخصیت ریز ریز۔ اٚمۍ لفظن وٲے مےٚ أندری کرٛتل، رَتہٕ داٗوی گرٛنس۔ سونچان أ ٕسس زِ یہِ پٔژٕہ پور بِلڈِنگ گژھ وُنۍ ٹیٚمی دَمہٕ وٕستھ تہٕ مےٚ گژھ پانس تل رٹٕنۍ۔

''غولامس کیٛاہ حُکم چھُ۔'' مےٚ پرٛژھتس کھوٗژی کھوٗژی، شاید یہِ سوٗنچتھ زِ أمِس ما آسہِ پننہِ غلطی ہُند ایحساس سپُد مُت، یہِ ما کرِ پننۍ غلطی قبوٗل۔

''غولامس چھُ تۍ کرُن، یہِ مہمان پگاہ بیٛژِ ھ۔''

''شرم موکلییہِ مےٚ باسان، تہٕ مےٚ تہِ پزِ ووٚنۍ بےٚ شرم لاگُن سُہ زن وننہٕ مےٚ سٟتۍ کرِ بستر شیٛر۔''

''کرُن چھُ۔ ژٕے ما چھےٚ پےٚ، تٔہندی کاٗتیاہ احسان چھِ مےٚ پیٛٹھ۔ یہِ ساٗرٕے سلطنت قاۂم کرٛنس منٛز روٗد مےٚ توہند مدد قدمس قدمس پیٛٹھ شاۂمل۔ یوٚ دوَے نہٕ سُہ مدد کرِ ہے، بہٕ ہکہٕ ہانہٕ امریکہ ہس منٛز پٔنُن کانٛہہ بزنس شروع کرِتھ۔ یوٗت بوٚ ڈ بزنس مین بننگ اوس نہٕ سوالے کانٛہہ۔''

''بوٚ ڈ بزنس مین بننہِ بجایہِ اوس جان انسان بنُن ضروری۔''

''چون مطلب چھا زِ بہٕ چھس نہٕ جان۔''

"جانِ یوٗ دوٚے اَسِہو، پننِ آشینِن ماتھاوی وُہُن بازرس منز۔"

"بہٕ چھس چون مالِک، چون حاکم، چانہِ جسمُک حاکم۔
یتھ کنی میانِس چندس منز ڈالر چھِ، تہٕ یتھ پاٹھی یژھ، تتھ پاٹھی خرچ کھ،
سوٚے حیثیت چھےٚ چانِ تہِ۔ اسلئے یہِ بہٕ وَنہٕ تی چلہِ۔"

"نو۔ تہِ چلہِ نہٕ۔ نہٕ دِمہٕ بہٕ تہِ چلنہٕ۔ یہِ چھُ گرٕ، سانہٕن بہترین
روایتن ہُنداہین، بہٕ دِمےٚ نہٕ ژےٚ اتھ ستی گندنہٕ۔"

"Will you shut up." ژےٚ چھُےٚ نامالی ماجہِ وۄنمُت زِ
خانہٕ دار کیاہ چھُ آسان۔ خودایس پتہٕ چھُ اَکس زنانہِ بس خانہٕ دار
آسان۔"

"بےٚ شک۔ مگر یلہِ تُہنِدِس دِلس منز رژر تہٕ ایماندٲری آسہِ۔"

"بہٕ چھس نہٕ بحث یژھان۔ یگاہ آسہِ الیکس یئتہِ، بہٕ گژھ نہٕ
کانہہ کتھ بوزُن......تہٕ نہٕ کانہہ شکایت......"

امہِ پتہٕ ژاوسہٕ ڈِنر کرنہٕ وراے پننِس بیڈ روٗمس منز، بہٕ گیس
ششر گانٹہٕ ہندی پاٹھی اَتی زن لگتھ۔ میانہِ خاطرٕ اَس قیامت شروع
گامژ۔ بہٕ ہیچس نہٕ امہِ راتٕ ژٲ اَکس سکنڈس تہٕ شوٗنگتھ۔ یام اَچھ بند کرٕ ہا،
سُہ میکسیکن اوس مےٚ اَچھن تل یوان۔ تو ہند کرٕہُن سیاہ کھ ہیوٗ بتھ، وٚتھی
وُٹھ، سفید دنٛد...... بہٕ اَسس نارس منز، کُنہِ لرِ اوسُم نہٕ قرار۔ مگر سوٗنچ
سوٗنچ دیُت امہِ راتٕ ژےٚ حوصلہٕ تہِ واریاہ۔ مےٚ سوٗنچ زِ میانہِ دارِ پیٹھٕ

میٲنِس خاطرٕ تمس تام چُھنہٕ زیادٕ فاصلہٕ، کم سے کم یہِ احسان تہٕ کوٚر میٲنی خانہٕ دارن مےٚ پیٹھَہ، اکھ وَتھ تھاوِن نٔچنی یَلہٕ۔ صُبحن ییلہِ بوٚ بسترٕ منٛز دژھایس، بہٕ اٰسس لوتیمٕژ، زن تہٕ آزاد، نہ اوس میٲنِس دِماغس پیٹھ کانٛہہ بار، نہ اَس مےٚ بڑونہہ کنہِ کانٛہہ مجبوٗری، نہ اندرٕ کانٛہہ خوف۔ وونی اٰسس بہٕ شامُک بےصبری سان انتظار کران تہٕ خبرٕ بوزان، تِکیازِ یِگاہ اَس مےٚ تہِ یِمنے خبرن منٛز جاے رٹنٛی۔ مےٚ تہِ بس اکھ خبرٕ بُتھ سارِ ہے الوداع کرُن۔ اَتھی منٛز آیہِ خبرٕ زِ ٹیکساز کِس اَکِس شاپنگ مالس منٛز چھےٚ شوٗٹنگ سپزٕمٕژ، ییمہِ ستی واریاہ میکسیکن مارٕ گٲمتۍ چھِ۔ میکسیکنن خلاف سپد یمتین حملن منٛز اوس یہِ سارِوے خوتہٕ بوٚڈ حملہٕ۔ تہٕ اتھ منٛز اوس زٕ درجن پیٹھی لُکن ہندِ مارٕ گژھنُک انداز۔ اَندری سوٚنچم سُہ میکسیکن دوس الیکسن تہِ آسہِ نایمن مارٕ گٲمتین منٛز، مگر ناوییلہِ وُنِکھ، سُہ اوس نہٕ کینٛہہ۔ خاٗر، شامن ییلہِ فہیم آو، تس اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ ستی۔ مےٚ سوٗنچ زِ سُہ ماپیہِ ژٕیری پیٚہن مگر ستی کوٚر فہیمن ییمہِ کتھ ہُند انکشاف زِ الیکس پیہِ نہٕ، توٚہند کُستام رِشتہٕ دار چھُ ٹیکساز چہِ شوٗٹنگ منٛز مارٕ گومُت۔ مےٚ سوٗنچ یکدم زِ مےٚ میوٗل دوٚیم تہٕ اَخری چانس تہٕ یہِ چانس پزِ نہٕ مےٚ راوُرن۔ امہِ راتھ اوس فہیم مےٚ ستی ٹھیکھ۔ نِوٕ وٕری یِچ گوڈنٛچ رات آسنہٕ کِنی اوس سُہ از اینجوائے کرُن یژھان مگر بہٕ اٰسس خوٚشیوٕ نِشہِ واریاہ دوٗر دژھامٕژ۔ امہِ راتھ اٰسی اَکہٕ یِکہٕ وَٹہٕ تہٕ دوٚیمہِ دوہہ ییلہِ سُہ دفتر دژھاو، مےٚ

کۆرموٚتوٚ ہہ فون تہٕ دِیُتُھ ہنٛدِ صحتُک بہانہٕ ہیتھ نیٚبر نیرس ئہ......''

''کوتاہ ظلم چھِ ژٕ برداش کۆرمُت کۆرِی۔ مگر یوٚت اوس نہٕ پڑارُن، ژٕ اوسُے امہِ کتھِ ہُنٛد فأصلہٕ گوڈَے نیٚن، لگ بھگ لأ کتھ ژٕ زٕ ری یہ فأصلہٕ نٕنس منز۔''

''امی، اَکِس کور چھے اوٚر تہِ تلوار آسان تہٕ یورٕ تہٕ۔ تہنٛدِ خأطرٕ یُتھ فأصلہٕ نیٚن چھُ سبٹھاہ مشکل آسان، سُہ تہِ گُنہِ جلدی منز۔ منٛزٕ چھے غلط فہمی تہِ گژھان، منٛزٕ چھُ انسان تہِ غلط سونچان۔ اوَے پڑاریَس ئہ، تس دیُت مےٚ رُت شأپتھ گژھنہٕ خأطرٕ پزتھ کانٛہہ چانس۔''

''ژٕ ھنُس بلاے لعنتیَس، وۄتھ کرسژان، ئہ کرَے چانہِ خأطرٕ کینٛہہ تیار۔''

شازی لوٚتیہِ تہٕ ژایہِ واش روم۔ سلیمس لوٚگ زن سنہٕ، وأنٛج أسس رَتھ چوٚان زِماٚنزٕ مہرِیُنٛز آیہِ واپس۔ تس اوس دِل کران زِ سو کرِ ٹکٹ تہٕ سیوٚدُے واتہِ لاہور تہٕ شازی ہنٛز ہشہِ ترٛ اوِیم سأری سوال بڑوٚنٛہہ کنہِ مگر سٔتی أس سونچان زِ امہِ تلہٕ نیرِ نہٕ کہنٛی۔ پھٹٕ ہتو کوٹھو ژایہِ سوٚ کچُنس منز تہٕ علی محمد اوس تس أتی پژاران۔ تمی کوٚر بیٚیہِ شازی ہُنٛد حال دریافت۔ تس أس شازی ہنٛز واریاہ فکر۔ سلیمن وۄن سورُے فونس پٹھ جُنیدس، سُہ تہِ آو تمی دَمہٕ دفترٕ پیٹھٕ واپس۔ گری گرس اوس زن ماتم۔ کانٛسہِ تہِ أس نہٕ کانٛہہ کتھے سمجھ یوان۔ امہِ دأدی شرپتہِ گیہِ رحت زیاد دَے

بیمار۔ کینژٕس کالس لوٚ ڈ تمہِ بیمارِ ستی مگر زیادٕ کالس چلیٚو ونہٕ کینٛہہ۔ سو پیٛیہ
ہسپتالس منٛز دأخل کرِنی، ییٚتہٕ تمہِ امانت دیُت۔ تمہِ وِزِ اوس بس علی محمد
ہسپتالس منٛز تس نِش موجوٗد۔ داہن کاہن بجن تام اُس وارڈس منٛز ووسہٕ
دژ وسہٕ روزان۔ کہہِ بجہِ پتہٕ اُس بلکُل خاموشی سپدان۔ علی محمد اوس بتہٕ
کھیتھ سٹوٗلس پیٹھ بہتھ۔ کتھ کتھ کران اُس اُمس ہندِ رپیمژ۔ رأژ ہنٛزِ
خبر کرِث آسہِ بجے مژ، یہ کوٚر رحتہِ ہُشار۔

''مہ شونگ از، از کرمےٚ ستی کتھ۔''

''کمہٕ کتھہٕ رٔحتی، وُچھو ہے تہٕ میانو تژہوٗ ری یَو اؤن سأرِ ہے
کھر۔ یہ نے گرِ غأرحأضر روٗ دمُت آسہٕ ہا، مےٚ ماموکلہِ ہے گرس پیٹھ
تختیار، جُنید صأب مابنہٕ ہے بُتھی پھیٗر، شازی بچأر مالگہِ ہے سانین گوہن
چھپہِ۔''

''یہ چھُ قسمتس لیکھِتھ آسان، ژٕ کیاہ کرِہکھ اتھ۔''
قسمت چھُ انسان پننو اتھو لکھان۔''

''غلط۔ تیلہِ لیوٚ کھتہٕ ژےٚ تژٕ ہن وٗ ریَن ہُندِ سزا پننہِ خأطرِ پانہٕ،
ہُنٛہہ۔ اچھا تژٕ اوسہِ کتھ، پگہس پیٹھ چھُنہٕ کانٛہہ بھروسہٕ۔ خبر پگاہ آسائہ رِنہٕ
نہٕ۔''

''کیاہ چھسکھ ونان۔ وومید تھاو، خوداصأب کری مدد۔''
''وومیدٕ ستی گژھم پیتی وٗ ری ژےٚ ورأےٚ۔''

''چاۓٚنۍ زندگی یۄ دوَے وأران گیہِ ،سو گیہِ میانہِ ہِتی ، امیٚک ایٚحساس چُھ مےٚ ،تہٕ تۄ تام روزبہٕ یۄ تام زِندٕ چھس ۔''

''مےٚ وۄن مَیا ژےٚ یہِ زانٕہہ ۔''

''تی تہٕ چھم افسوٗس زِ ژےٚ وۄنُتھ نہٕ زانٕہہ پنُن أندرِم دود۔ أندری ہیۄتُتھ ،یۄ تام یتھ حالس وأژکھ ۔''

''مرُن چھُن نہٕ کأنسہِ بخشمُت ،یُس آوتس چُھ نیرُن تہِ ۔''

''مگر وُنہِ کیاہ گۄو ۔''

''یہِ چُھکھ ژٕ ونان، مےٚ پرِژھ، مےٚ کیاہ کیاہ زُوَ تہٕ کوتاہ زُوَ......''

''بس رٕحتی، کر ووٚنی آرام۔ پگاہ کرَو کتھ ۔ ویسے چھکھ خود غرض، وأری أس بستر رٹِتھ میأنی تہٕ روٗتُتھ ژےٚ ۔''

''شاید چھےٚ خود الیس چانہِ اتھِ کیاہتام بڑ کأمر کرناوُن، توَے۔ توَے آکھ بےٚ قصوٗر قرار دِنہِ ۔''

''کأم کرناوبہٕ! کہیٚے کأم رٕحتی، یتھ وأنسہِ منز کیاہ کأم کرِ بہٕ۔ سیاستس ہِتی چھِ نفرتھ، سأنی کشیر گٔر برباد یمو سیاست دانو۔ اچھا ژھن یمن کتھن بلاے، کر آرام تھوڑا۔ پگاہ کرَو یڈ بٔرِتھ کتھ ۔ کشیرِ پیٹھ تہٕ تہِ سیاستس پیٹھ تہِ ۔''

''تیژ مہلت چھنہٕ علی محمدا۔ گۄڈ چُھم أمِس شازی ہُنْد ، وأران

تھاؤن گرِتھ۔ یہِ گوٚ دبلبم نہٕ قبرِ منز تہِ۔"

"خوداے چھ اَمی سُنٛد تہِ، تیمی خوداین پٔنٛچ وَتھ ہاوٕ، سُے کرِ بڑٕھہ گُن تہِ چارٕ۔"

"صحی چھُ۔ مگر علی محمد اکھ وعدٕ کرمےٚ ستی، ییٚنہٕ اَمِس جُنید صأبس زانٛہہ بُتھِ للکھ، مےٚ چھےٚ پَے زِ اَمِس چھےٚ واریاہ غلطیہِ، یہِ چُھ غلط صحبتس منز، مگر ژٕ وٕنی زبس نہٕ کینٛہہ، ژٕ چھکھ مول، ژےٚ نِش چھےٚ تس معأفی ہٕنز وومید۔ اوترٕ پیٹھٕ چھ واریاہ پھٕٹمُت، نظرٕ ے چُھنہٕ ژےٚ گُن ٹلان، پانس تہِ چُھس اَندری تکلیف زِ کتھ وَتہِ دژاوسہ، تمی ہِنٛدِ چُھم خبر کیاہ گژھان۔ ٔکتی گٔدی ہیتھ گژھ ہٕ تور، ٔکتین کرہم سہ یلاج۔ اُسٕن تژاوہم، دَپہم یورٕ سۆزمکھ اَر، اورِ آیکھ بس زخم ہیتھ۔ وَنہم نا علی محمد!"

علی محمد اوس برابر رَحتہٕ ہِنٛدِس بُتھِس گُن وُچھان، تس اوس باسان زِ اَخری کتھ کران کران کلیہِ تمِس زہو۔ وارڈس منز اوس روتل آسنہٕ کِنہ گاش کم مگرتوتہِ اوس علی محمد رَحتہٕ ہِنٛدِ بُتھِچ بےبسی پرِتھ ہیکان۔ امہِ پتہٕ گر رحتہِ ژھوپہِ، علی محمدس باسیٚو وزِ رَحتہِ گوٚو بُتھ وارٕ وارٕ وٕستھ، اَچھ سوتییَس۔ تمی روٗٹ تو ہنٛد نبض، نبض اوس وارٕ وارٕ سوتان۔ تمی تھاوٕ تھنز ژٕ پتھرتہٕ سہ دورٕیو وڈاکٹرس نِش۔ یوٚ تام تمی ڈاکٹر اوٕن، توٚ تام اوس رحتہِ امانتھ دیُت مُت۔ ڈاکٹرن دِژ سو موردٕ قرار۔ علی محمدن روٗٹ بییہِ اوہند نبض اوٗ نگجن تل۔ یہِ اوس ووٕنی بلکُل خاموش۔ بُتھِس تژاوٕنس نظر، زن تہِ اوہند بُتھ

اوس سوالوٚ تہٕ شکایتو نِش آزاد سپُد مُت ۔ بلکُل خاموش تہٕ پُرسکوٗن ۔ علی محمدن پوٚر ''اِنَّا لِلّٰہِ وَاِنَّا اِلَیہِ رَاجِعُون ۔ ژھل کُرِتھ دژا ایکھ ۔'' علی محمدس ژوٚل یُتُے نیرِتھ، تٔہندِس شاندس پٮ۪ٹھ تھوٗون اکہِ اندٕ کلہٕ تہٕ واریاھس کالس وۄ دُن ۔ پتہٕ کوٚرُن گرِ فون، سأری پیٚے برٕژن مٔنز وأتِتھ، وارڈس منٛز ؤژھ ہوٗل بانگے، رات کیٚتھے کھأج یِموسوگرٕ، تہٕ سُلہِ صُبحٔے یٮ۪لہِ اَفتابچہِ گوڈنچہٕ زٕژ ملہٕ کھاھس پیٚیہ یٮ۪لہِ لوٗ ہٕرٕ زمینہٕ پٮ۪نہٕ نرِ وَہراوِ، تہٕ رٔحت رٔٹن پانس ستی ۔ قبرِ بٔٹھس پٮ۪ٹھ اوس علی محمدٕ نی سونچان زِمنہٕ وادمیٚژ تل کیٛاہ کرِ یہِ کُنی زٔنی، کس دِیہِ آلوٚ تہٕ کُس بوزِ اوہنٛد، سُہ رؤ دژ یرتام یِمنے خیالن ستی ۔ اٰخرس آو جُنید تہٕ بشارت، یِموسُہ تھف کُرِتھ گرٕ ژون ۔ گرس اوس یہِ دوٛیم ماتم ۔ وُچھان وُچھان گے رَحتہِ ژٕ تجھے دوہ دژا متِس تہٕ شازی گے زٕ ربتھ آمتِس ۔ یِمن دوٚہن آو دوٚیہ لٹہِ لاہورٕ پٮ۪ٹھ فون، یُس نہٕ شازی اٹینڈ کوٚرتہٕ نہٕ کوٚر جُنیدن یا سلیمن تِمن یورٕ فون ۔ کینٛژھاہ اٰس ماتم دأری تہٕ کینٛژاہ شرارتھ ۔ ژٕ تہم گُرِھتھ تجٕ اکہِ دوہہٕ شامن سارِنٕے تھی سلیمن کتھ زِ تِمن پزِ بلقیس بیگمہِ یہِ سوٗرے وَنُن، اٰخرون تم کُنہِ دوہہٕ زِ اسہِ کیٛا زِ وۄ نُونہٕ ۔

''امی، تِمن آسہِ سوٗرے پَے ۔''

''تِمن آسہِ تہِ پَے، یہِ تِمن نیٛچوی وۄ نُمت آسہِ، تہِ ما آسکھ پَے یہِ اصلی سپُد مُت چھُہ ۔''

اتھ کتھِ پٹھ گر سارِوے ژھوپہٕ۔ علی محمد تہٕ اوس یژھان کتھ کرٕنی مگر جُنیدس کُن وُچھِتھ اوس خاموش روزان حالانکہِ از اوس جُنید یژھان زِ تۄہۍ گۄژھ کانٛہہ مشورٕ دیُن۔ شازی ہنٛدِ معاملہٕ پتہٕ اُس تس مائی ہنٛدٕ بن مشوٕرن پٹھ پژھ ہُر یمژ۔

''ٹاٹھیا مےٚ چھےٚ پےٚ زِ تۄہۍ چھِوٕ مےٚ ناراض، وونی ترٛاوِو ناراضگی۔ وختن کۄرُس ئہٕ غلط ثابت۔''

''گۄبریا ژےٚ کۄرُتھ نہٕ غلط کینٛہہ، ژےٚ تہٕ سۄنٛچُتھ جانٕے مگر تقدیرس اوس نہٕ منظوٗر، ژٕ کیاہ ہیکہٕ ہگھ گرِتھ۔'' مائی ہنٛزٕ امہِ کتھِ ستیٚ بڑیہِ جُنیدس ہمت۔

ناٹاٹھیا، یۄ دوےٚ تہٕنزِ کتھِ کن آسہِ ہم تھوومُت، شاید واتہِ ہےٚ نہٕ یہِ نوبت۔''

''وونی کیاہ چھِوٕ تۄہۍ یژھان۔'' علی محمد وۄتھ سلیمس کُن۔

''ٹاٹھیا ئہٕ چھس یژھان زِ اسہِ پزٕ فہیم صابنہٕ ماجہِ یہِ سورُے وُنن۔''

''امی، تس غُنڈس مہ ون صاب۔'' شازی ۄژھ شرارتہٕ سان۔

''ژےٚ کیاہ فاصلہٕ چھےٚ پننہٕ جایہِ نِیۄمُت کوریا۔'' علی محمد وۄتھ شازی کن سبٹھاہ آرامہٕ سان۔

''ٹاٹھیا میانہٕ خاطرٕ موکلیوٚ وسہٕ رِشتہٕ۔ تمہِ وَتہٕ، تم لُکھ، سورُے۔

ئہ چھبسٕ نہٕ تتێگ ناوھیوٚن یژھان۔نفرت گیہِ مےٚ تتھ علاقس ئستی۔اُگے افسوٗس چُھم ٹاٹھیا زِمےٚ یتھ کالجس پوٚر،سُہ کالیج چُھ تتھی علاقس منز۔"

"مگر شازی،یوٚ دوَے سُہ واپس آوتہٕ پننہِ غلطی پیٹھ معافی مَنگِن، تیٚلہِ؟"سلیمہٕ ؤژھ شازی کُن کتھ سمجھاوان مگر شازی اُس نہٕ کُنہِ تہِ وَتہِ کانٛہہ کتھ سمجھِنۍ یژھان۔

"امی،ئہ ھکہٕ نہٕ تمہِ ذہنی انتشارٕ منز ؤرِیہِ وادن نیرِتھ۔یمو دوٕ یو ؤرِیَو منیٚو مےٚ سورُے،میانۍ تائلیم،میٚون مستقبل،میٚون سوچ۔ئہ گرٕس تمی ذہنی مریض تیار۔"

"ژٕ کرامتحانٕچ تیأری،ژٕ کرَکھ ایم ڈی۔"جُنید ووٚتھ کورِ ہُنٛد حوصلہٕ بڑھاوان۔

"توٚ تام نہٕ کہنۍ ابو،یوٚ تام نہٕ ئہ تمن انتقام ہیمہٕ۔"

"انتقام!مگر کتھ کنۍ؟تمن تہٕ اسہِ کرسپدٕ میٚل زِ ژٕ ھکھ تمن انتقام۔"سلیمہٕ اُس شازی ہُنٛد شرارتھ کم کرُن یژھان مگر شازی اُس شرارتہٕ کس گرِس سوار،کُنہِ تہِ حدس تام گژھن یژھان۔

"انتقامچہِ وتہٕ چھےٚ کاٗژاہ امی۔وخ یِیہِ تمێک تہٕ۔"شازی ؤژھ یہِ ونان ونان تھوٚ دتہٕ دژ ایہِ نمبر۔سأری رٕ ؤدی اتھ کتھِ پیٹھ اکھأ کس کُن ؤچھان۔پتہٕ چھِ سأری پننس پننس کمرس منز اژان۔علی محمد چُھ شازی ہنزِ کتھ اٗنٛدری دَل دِوان مگر کُنہ تہٕ نتیجس پیٹھ چھنہٕ وأتتھ

ہبکان۔ سلیمہٕ ژاپہِ شازی نِش، سو اُس ازکل شازی ہِنٛدِس کمرس منٛزٕ شونٛگان۔ کمرس منٛز اُس اَنہِ گٹہٕ، بجلی بَتہِ آسہٕ سارٕے بند، زوٗنہٕ گاش اوس تھوڑا شیشہِ داربو کِنۍ اندر اژان۔ سلیمن کٔر لائٹ آن تہٕ شازی وُچھِن شانٛدٕ گنٛڈِس پیٹھ کلہٕ تھاوِتھ وَدان۔

''کیاہ دلیل شازی!'' سلیمن تھوو شازی ہِنٛدِس کلس پیٹھ اتھ۔

''کِہنٛہ نہٕ امی۔''

''نہ میٛون مرُن چھے، مےٚ ون کیاہ دلیل چھےٚ، ژٕ زن چھکھ نہٕ ٹھیکھ۔''

"I am pregnant" یُتھُے شازی یہِ ووٗن، سلیمس زن پیٚو واسمان کلس پیٹھ۔

''یہِ ترٛ ٹھ اَساوٗ نہِ پرٕ ے۔''

''امی، یہِ چھےٚ جان کتھ۔ یُہے چھےٚ بدلہٕ ہیٚنٛز وِز۔''

''مطلب؟''

''تٔمی مأری میأنی ارمان، ئہ مارن تو ہند اولاد، یوٗت حق چھُ مےٚ موج آسنہٕ کِنۍ۔''

''شازی، ژٕ چھکھ پاگل گأمژ۔ یہِ اولاد چھنہٕ بس تو ہند، یہِ چھ چون تہِ۔ ژٕ مارہَنہٕ پنُن اولاد! وُنیُک تام ووٗنمے نہٕ مےٚ کینٛہہ مگراز بوز میأنی کتھ، یوہے بچہِ انہِ تھنٛزِ زندگی منٛز اکھ نوٚو بہار۔ یوہے رلاوِتوہہ،

یوہے دِیہِ تُہنزِ ناوِتار۔ یہِ چھےٚ رٕژ ووٚمید، اتھ کر رأ چھ۔ یہِ چھےٚ مستقبلٕچ ووٚمید۔''

''سُہ کس چُھ مستقبل ضرورت، تس ہٕتی چُھنہٕ مےٚ جنّت تہٕ قبوٗل امی۔ أمی ہٕنز چکھ گرِڑھ پوٗرٕ لاہور بوزُن، اِد گرِڑھ میٚون انتقام پوٗرٕ، اِد تارٕ ہٕ تس بدتمیزس فکرِ زِ غولام کیٛاہ چُھ آسان تہٕ غولامس کوتاہ طاقت چُھ۔ یُس بےٚ غأرت پننہٕ آشنہِ بدکأری ہُنٛد صلاح دِیہِ، تس چُھ یِی سزا امی۔''

''پاگل مہٕ لاگ شازی، حبسن منٛز یہِ۔ أمِس آبہٕ قطرس سزا دِنہٕ ہٕتی میلہِ نہٕ کٲہنی، بس گرِڑھ خوداصأب ناراض۔ خبر کیٛاہ حکمت چھےٚ تٔہنز اتھ منٛز۔'' سلیمہٕ چھےٚ آسان شازی سمجھاوان زِ لینڈ لائنہِ پٮ۪ٹھ چھےٚ رِنگ گژھان۔ زٕ ژٕھ رِنگ آسنہٕ کٔنی چُھ فکرِ تران زِ یہِ گرِڑھ دوٗرٕ یٔک فون آسُن۔ شازی چھےٚ تیز تیز نمبر نیران تہٕ فون ٹُلان۔ یہِ چُھ ہوسٹنہٕ پٮ۪ٹھ فہیم گُل۔

(کتھ باتھ کأشری پأٹھی ترجمہٕ کٔرِتھ)

''ہلو''

''آئی ایم سوری۔ بہٕ ہیوٚکس نہٕ تنہٕ پٮ۪ٹھ فون کٔرِتھ۔ تُہنزِ دادی ہُنٛد تہِ بوٗزُم، سخٹھاہ افسوٚس گوم۔'' امہِ پتہٕ چھےٚ پٮ۪نٛٹس کھنٛڈس ژھوٚپہٕ گژھان، پتہٕ چُھ بیٚیہِ کتھ کران۔ ''تُہنزِ ڈاکٹر بایہِ نِش لوٚگم تُہنٛدِ صحتُک پئے، توہہِ چُھ مبارک، توٚہی چھِوٕ موج بنن واجینۍ۔'' بیٚیہِ چھےٚ ژھوٚپہٕ

گرِھان پتہٕ چھُ سُہ بیٚیہِ کتھ کران" تو ہِہ چھُنا کانٛہہ کتھ کرٕنی۔"

"کیا زِنہٕ، ووٚنی چھےٚ مےٚ کتھٕ کرنہِ تہٕ ژٕ ےٚ چھے بوزنہِ۔ ویسے چھُکھ ژٕ نامرد، تہٕ نامردس شوٗبہِ نہٕ مائی سُنٛد خطاب۔ یہِ خاب مُشَرٕ ژٕ۔ ہنوٗ سٹنہٕ پیٹھٕ لاہور تام چھبس ئہٕ اعلان کران زِ مےٚ مور چوٗن اولاد پیٛنس شِکمس منٛزٕ ے۔"

"You can't do this."

"Listen you Coward Swine, He is dead, I have killed that dirty bacteria. I have killed that."

"از گرٕ ھی ژٕ ےٚ اندازٕ گرٕ ھن زِ اکھ غولام ییٚلہِ بدلہٕ ہنٛبس پیٹھ یِوان چھُ، سُہ کتھ حدس تام چھُ گرِھتھ ہیکان۔" یہِ وٕنتھ چھےٚ شازی فون پتھر تھاوان تہٕ اُتی ٹاس گرِتھ لاینہٕ یِوان۔ موج چھےٚ آسان اُمی سٕنٛز کتھ بوزان، سو چھےٚ دورِنیران تہٕ شازی سنبھالان۔

سوٗرے گرٕ اوس اتھ مالس پیٹھ سخ پریشان۔ ووٚنی اُس فیروزس تہٕ پےٚ اُلجھٕ، سُہ اوس کشیرِ یُن یژھان مگر مول تہٕ موج اُسی تِمس ٹھاک گرِتھ۔ جُدیس تہٕ اوس احساس گومت زِ پننہٕ کشیرِ واتہِ نہٕ کانٛہہ، پننین جوان لڑکن چھُنہٕ کانٛہہ مقابلہٕ۔ تس اوس پننہِ غلطی ہُنٛد شدید احساس، تہٕ اُمی احساسن اوس سُہ وار یاہ بےچین کوٚرمُت۔

رہتہٕ کالِج گرٛشمہٕ ژٕنڈ ٲس، گوڈنچہ لٹہِ گوٚو کشیرِ منٛز یتھ گرم محسوٗس۔لُکھ ٲسۍ ووٚنی شام ژیرِتام گرٛونیٚرِ روزان۔ گہے باغن منٛز بہان تہٕ گہے ڈل بٹھس پیٹھ تہٕ گہے پربت دامنس تل۔علی محمد اوس محلس منٛز شاید وٲحد سُہ شخص، یُس نہٕ ووٚنی گرِنبر نیران اوس، گرِنبر کیٛاہ، سُہ اوس نہٕ ووٚنی پننہِ کمرِ نبر تہِ نیران۔سلیمہٕ ٲس منٛزی منٛزی بتہٕ تہِ تس کمرس منٛزٕ ے واتہٕ ناوان۔اکہِ دوہہ شامن چُھ سُہ حسبِ عادت پننِس کمرس منٛز بہتھ صُبحُک اخبار پران تہٕ جُنید چھ اندراژان، باثبرِ ہوٚت، زن چُھ تس پتہٕ گُل کشیرِ ہُند پولیس لِگتھ۔

''کیٛاہ ھض دلیل جُنید صاب، خاٚرے چھا!''

''آہن ھض خاٚرے چُھ۔''

''تیٚلہِ کیٛازِ ژٕ شانٛشہِ ہوٚت، شازی چھا ٹھیکھ؟''

''آہن ھض سوتہِ چھےٚ ٹھیکھ۔''

''تیٚلہِ کیٛاہ دلیل، ژٕ کیٛازِ پریشان، پانس چھیہِ خاٚرے۔''

''NIA ھض چُھ چھاپہ ترٛاوان، واریاہ ھض نیٚکھ رٕٹتھ۔''

علی محمدن کوٚر اخبار بند تہٕ جُنید بیٚہنوٗن پانس نکھہٕ۔

''گوٚو بریٛا اگر کینٛہہ غلط آسکھ کوٚرمُت، تیٚلہِ لکبھ سزا، اگر نہٕ، تیٚلہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ پرواے۔''

''تِہندی کٔنی یہِ ٲسۍ کران چھِ، تہِ چُھ سورُے غلط، ٲسۍ گرٛشھو

ژھوپہٕ کٔرِتھ تہنٛدی ظُلم برداش کرِنی۔"

"ویسے ژےٚ کیاہ ییمن چھاپن ءستی۔"

"ءٕیہ تہِ حض چھس تحریکہِ ءستی، ءٕیہ تہِ حض اوسُس نوجوانن منٛز پوٚنسہٕ بأگراوان۔"

"یہِ پوٚنسہٕ یِوان کتہِ اوس؟" علی محمدس ووٚتھ أندری یہِ سوال تہٕ تٔمی پرٛژ ژھ جُنیدس۔

"یہِ حض اوس اورٕ ے یِوان تہٕ أسی أسی ییتہِ بال بچھ لاگان۔"

"گو نامکمل حوالہِ پوٚنسہٕ۔ جُنید، قونٛون چھُنہٕ کأنٛسہِ أکِس تہِ تژاوان، نہٕ ژےٚ تہٕ نہٕ مےٚ۔ ووٚں گوتھوڑ اوخ چھُ لگان۔ مےٚ ہیٚتکھ نخقس پیٚٹھ ترٕٛ ہوٚری، ووٚنی ییٚلہِ پزی خطا آسہِ، تیٚلہِ کیاہ سپدِ!"

"ٹاٹھیا أسی چھا غلط، اسہِ یہِ کوٚر، تہِ کوٚرا غلط۔ اسہِ چھُنا پنٛنہِ حسابہٕ زِندٕ روزنُک حق۔"

"سون حق ہبا موکلوو أمی چأنی محبوٗب مُلکن، تٔمی کٔر سأرٕ ے بربأدی۔ أسی ہے آزاد آسی، تٔمی ژون فوج، تٔمی دیُت بیٚیس مُلکس دخل اندأزی ہُنٛد موقہٕ، تٔمی سوٗز بندوٗق تہٕ سأرِے دُنیاہس منٛز کوٚرُن یہِ قوم بدنام۔ ووٚنی چھُنہٕ سأنی کتھ مانأنی کانٛہہ۔ مانن رٕکتھٕ پأٹھ، تِکیازِ ووٚنی چھےٚ یہِ دہشت گردی، آزأدی ہنٛز تحریک نہٕ کینٛہہ۔ سو تحریک موکلاو تٔمی ۱۹۹۰ لس منٛزٕ ے گوٚبرا۔ تاریخ پر، سورٕ ے لگی پےٚ۔"

''ووِنی کیاہ کرو یتھ قصص، نوکری تہٕ گرِٕہ تہٕ جیل تہٕ واتہٕ۔'' امہِ پتہٕ گر جُنیدن کینٛژِس کالس ژھوپہٕ تہٕ پتہٕ وۄتھ نِو حوصلہٕ سان۔

''ٹاٹھیا ئہ کرے پانیٔ پُلسس پان حوالہٕ، ئہ بنہٕ سُلطأنی گواہ۔''

''تمہٕ ستی گژھیا چون جُرم کم! جُنید صأبا سرابن پتہٕ پتہٕ پکنہٕ ستی چھا آب میلان؟ اسہِ گرُہِر چھٔنی، ستی ہتھ گرموج کشیر تہٕ برباد۔ ئہ اوٗسس انپرٛڑھ، میأنی أس ہِشی کتھا، مگر توٚہی ہے پٔرِی متی لیکھی متی أسو، توٚہہ تہٕ کوٚرُوتی۔ اکھ غولأمی تژٕ اونہٕ خأطرٕ ہیٚژٕ وینیا کھ غولأمی مٹہٕ۔''

''ٹاٹھیا یمہٕ چھے تأریخی غلطیہِ، یمہٕ کتہٕ گژھن ووِنی ٹھیکھ۔ سأری گے پنٕنہِ پنٕنہِ انمانہٕ یتھ کشیرِ فران۔ ووٚنی چھے حالتھ یِہ زِ ووٚنی چھِ ونان'' اَسہِ چھُنہٕ کہنٛہ تہٕ ضرورتھ، بس دِیِو اَسہِ سکوٗنہٕ سان زِندٕ روزنہٕ۔''

''گُس دِیہٕ سکوٗنہٕ سان ووٚنی روزنہٕ، یُس رامہٕ ہوٗن پولتھن، سُہ کرِٕنا سانہِ لاشہِ تہٕ قبر ومژ...... کرِٕنا؟'' امہِ پتہٕ گر علی محمدن ژھوپہٕ، جُنید تہٕ روٗد ژھوپہٕ گرِتھ۔ کینٛژِہ کالہٕ وۄتھ علی محمد جُنیدس کُن'' ییٚلہِ مے انٹروگیشن چلان اوس، تتھ دوران بنیٚو ایجنسی ہُند اکھ افسر مے دوست، رام لال، أسی گژھو دِلہٕ تہٕ سمکھوتس۔''

''سُہ آسیاوٗنہٕ تہٕ نوکری کران۔''

''بلکل ۔ یہِ چھےٚ داہ باہؤ ری بڑ وٚنہم کتھ، تس ءِستی چھس بٔہ مٔنزی مٔنزی فونس پیٹھ کتھ تہٕ کران ۔ سُہ چھُ رُت انسان، اسہِ تہٕ ہاوِزٕ ژ وَتھ ۔ ژٕ کڈ پگاہ ٹِکٹہٕ، کاٗلی کبتھ شیٖمہِ اگست نیرَ و ۔ خودا کرِ رُت ۔''

پھٔٹن وول چھُ پتہٕ گھاسہٕ تُلبن تھپہٕ دِوان ۔ تی سپُد جُنیدس تہٕ ۔ پانہٕ پُلسہٕ افسر اُستھ لوٚگ سُہ بچنہٕ چہٕ وَتہٕ ژھانڈنہٕ ۔ ماٗلی سُند یہِ مشورٕ باسیٚو وتس ٹھیکھ ۔

شےٚ اگست ۲۰۱۹ ءِ ییٚلہِ کشیرٕ صُبحاٗے بیدار گیہِ، ژوواپاسیےٚ اوس صرف فوج، پرٚتھ طرفہٕ کرفیوٗ، پُلسہٕ گاڑٕ بن ہٕنزٕ سایرَ نہٕ ۔ تہٕ تمہِ پتہٕ خاموشی، لُکو پٔر نماز تہٕ گرٕنے منز ۔ ژوواپاسیےٚ اوس بس دہشت ۔ جُنیدن سوٗنچ زِ ٹریفک کنٹرول روٗمہٕ پیٹھٕ ننن تس ساٗری حالات ۔ تٔمی لوگ فون کرُن، فون اُسی بند ۔ سُہ گوٚلینڈ لائنہِ نِش، سو تہٕ اُس بند ۔ ایمرجنسی زن اُس لاگوٗ، سلیمن پرٚ ژھ جُنیدس ''یہِ کیاہ ھُک دلیل ۔ یہِ کیاہ چھُ سپُد مُت، جنگ ما چھُ چلان ۔''

''پٔی چھنہٕ کوٗسہٕ بلاے گیہِ اگادِ ۔ جنگ ہے آسہِ ہے فکرِ ترِ ہے ۔''

''ٹی وی ترٚ او، خبرن منز ماونن کیاہ دلیل ۔''

جُنید چھُ ٹی وی آن کران ، ءِکہن چینل چھنہٕ چلان ۔ بلیک آوٹ چھُ ژوواپاسیےٚ ۔ تٔمی اوٚن لوٗگٹ ٹرانسسٹر کتہٕ تام ژھاٗنڈِتھ، سُہ تہٕ اوس بند ۔

''یہِ کیٛاہ ایمرجنسی چھےٚ کشیرِ منز نأفذ گأمٕژ۔ پزی ما وۄتھ جنگ۔''

''خوداز انان کیٛاہ چھُ سپدان۔ ووٚنی مرونا أندرے فرٕژہٕ ستی۔'' أتھی منز چھُ علی محمد بیٛٹھکہِ منز واتان۔

''ٹاٹھیا، مےٚ چھُھنہٕ باسان أسی ہیکو دِلہِ نیرِتھ، سوٚرے چھُ بند، ریڈیو تام چھُ بند۔ نہٕ چھےٚ خبر، نہٕ چھےٚ اَتر۔ آرمی حوالہٕ چھےٚ شاید سأرٕے کشیر۔''

''وچھ! وچھ کیٛاہ ہیکہِ أستھ! ییمیُک اسہِ سارِنٕے خدشہِ اوس، تی ما سپُد، أسی ماموکلأوِکھ!!''

''مطلب؟''

''مطلب ترٕ ئے ہتھ ستتھ تہٕ پانژ ترٕ ہ اے (۳۷۰ تہٕ ۳۵A)''

''اَلےَ میانہِ خودایا!! یہِ چھا پوٚز ٹاٹھیا کِنہٕ افواہ۔''

''یہِ چھُس ئہ اندازٕ کران، تہٕ یی آسہِ صحی۔ اوترٕ پیٹھٕ أس افواہ تہِ گرم۔''

''بس ووٚنی موٗ دی تیٛلہِ، أخری وومیدتہِ موکلییہِ۔ ووٚنی بنأوِکھ أسی پزی چأروأ ے۔''

''یتھ بھروسس پیٹھ دُستتھ وٗری کڈی، سُے بھروسہٕ موکلیٛو واز۔'' علی محمد زن گوٚ ویہِ وَنان وَنان خاموش۔ تس باسیٛو وِزِ زن وأج تس پیٛتی کُنی کُمی

تام شڑ اکھ، سُہ اوس رَتہٕ دأ وِ گومُت تہٕ جُنیدس کُن اوس نہٕ وُچھتھے ہبکان۔

''وُچھتھا ٹاٹھیا کیٛاہ کوٚرُکھ، پھِرِ ہاترٕ اُوکھ......''

''واقعی۔ ووٚنی چھُ مےٚ باسان زِ چون فأصلہٕ اوس صحی تہٕ بےٚ اوٚسُس غلط، ووٚنی چھُ مےٚ باسان زِ مےٚ ہیٚتکھ زانتھ مأنتھ ترٕ ہ ؤری، تِلکیٛا زِ بہٕ اوٚسُس کأشُر۔ ووٚنی چھُ مےٚ باسان زِ سأنی نوجوان کیٛا زِ چھِ جنۆنس لاینہٕ آمتیۍ۔ ووٚنی چھےٚ تصویرِ بِلکُل أنہٕ پٹکی پأٹھی صاف۔ ووٚنی چھُہٕ کأنسہِ افسرس سمکھنچ ضرۆرتھ۔ پُٔتر وخو دالیس تہٕ دستگیرسٚ۔'' یہِ ؤنتھ چھُ رٲژِھ کھنجہِ علی محمد خاموش گرژھان مگر پَتہٕ چھُ بیٚیہِ ونان ''شازی ؤنو زِ سو کرِ وأرِوِچ سکھر۔ سلیمَو دِی وۆ چاے، چاے کونہٕ چھِو چوان۔'' علی محمدس زن روو کتھن ہُنٛد تال میل۔ سُہ ہیوٚتُن اوُرک یوٗرک وُنن۔ سلیمہٕ ؤژھ جل جل تہٕ بنأون چاے۔ ترٛیشوُیَو چیٚیہِ چاے سبٹھاہ خاموشی سان۔ اتھ دوران گےٚ تم سایرَ نہٕ تہٕ وِسلہٕ بوزان۔ دوہ گےٚ ہفتن منٛز تبدیل گرژھان تہٕ ہفتہٕ رِتن منٛز مگر حالاتھ أسی بدستوٗر تِتھی۔ سأرِے کشیٖر أس اکھ جیل خانہٕ بنیمژ۔ زبو تام ژٕلکھ، سوچس لوگُکھ قُلف۔ بےٚ واییہٕ بنیٚے لُکھ بأغی۔ جُنیدس لاٗ جِکھ کتھ تام تھانس ڈیوٗٹی، تہٕ یہِ باسیو علی محمدس سبٹھاہ بوٚڈ ظُلم۔ سُہ اوس ووٚنی دوٚ ہی دوٚ ہس پنٛنس کمرس منٛز بِہان، گھے پانس ستی کتھ کران تہٕ گھے دارِ کنی وُچھتھ، بونہٕ کُن مخاطب گرِژھتھ تتھی خبر کیٛاہ کیٛاہ بوز ناوان۔ شاید آسہ ہس پی ونان زِ ژٕیتہِ واتی وأری، ژےٚ

تہِ پڑاٹنے یم موٗل۔ اکھ حصہٕ واتہِ دِلہِ تہٕ بیا کھ اسلام آباد۔ یِی سونچان سونچان پیٚو وتس پٔنن لاوڈ سپیکر یاد'' کوٚت کال گوٚ وتھ تٔتی دُکانس پیٹھ۔ اسہِ کیٛازِ موٚش سُہ، اوے مالگی اَسی مصیبتس۔'' تس اَسی اَندرٕ وارِیاہ خیال ووتلان، سُہ اوسِ رِکتھ تام پأٹھی لاوڈ سپیکرچہِ خاموشی اَزی کٕبن حالاتن ستی جوڑان۔ تمی سوٗنچ زِ کُنہِ تہِ طریقہٕ گژھ سُہ فیروز صائبنس دوستہٕ سِندِس دُکانس پیٹھ تہٕ لاوڈ سپیکرانہِ واپس۔ سُہ اوس نبر نیرنُک موقہٕ ژھانڈان۔ یِیأرِ اَس شازی ووٗنی حالاتو ستی تھوڑا خاموش سپز ٕمژ تہٕ اَندرِم نفرت تہِ اَسس وارِیاہس حدس تام کم گأمژ۔ شاید اَس حالاتو خوتہٕ زیادٕ تہنز جسمأنی تبدیلی امیُک وجہ۔ ازکل اَس تس اَندری اکھ عجیب کیفیت، اکھ مستی، اکھ جنوٗن۔ تس اوس باسان زِ سو چھے پوشِکی پأٹھی وارٕ وارٕ پھولان تہٕ تہندِس سأرِسے بدنس منز تہٕ چھے خوشبوے پھٔہلان، تس ہیوٚتُن زندگی ستی محبت بڑُن تہٕ اتھ منز کوٚر تمِس ماجہِ تہِ وارِیاہ اتھٕ روٗٹ۔ تس گوٚ وپنُنس اولادس ستی محبت۔ تمہِ سوٗنچ زِ اوہنْد مول اَسی تن کینْہہ تہِ مگر یہِ آسہِ نہٕ تہِ۔ یہِ آسہِ بدل، اسہِ ہیوٚ، کأشر بن ہیوٚ۔ سلیمہٕ اَس اتھ مأملس منز ووٗنی تھوڑا خوش۔ مگر نیٚبرِ مو حالاتو اَس ووٗنی پریشان کرمژ زِ دود چھُ، دگ چھے، تمہِ وِزِ کوٚت نمن بہٕ شازی! یُہے فکرٕ اَسس ووٗنی کھوان۔

اَخر آو سُہ دوہ تیٚلہِ پیش گوئی شاید رتہِ کرمژ اَس۔ علی محمد دڑاو

لاوُڈسپیکرانِنہٕ تہٕ تھُے کوچہِ گلِس پیٹھ ووت، تس دیُتُھک نہٕ امہِ بڑ وٕنہٕ پکنہٕ، سُہ ژاو رَسے اندر، أندرٕ بیوٗٹھ کوٗنس منز بیٚیہِ أتھی لاوُڈ سپیکرس متعلق سونچنہِ زِ کُنہِ طریقہٕ گژھ سُہ واپس واتُن۔ تمہٕ ستی کیاہ سپد ہے، تہِ أس نہٕ تس پَے مگر کیا ہتام یقین اوسُس زِ حالاتھ مابدلن۔ سُہ دڑاو بیٚیہِ اکہِ لٹہِ مگر بیٚیہِ کوٚرہس منع۔ تہٕ ہفتس کوٚرتمی لگاتاری تہٕ ہفتس کوٚ ڈسُہ پُلسہٕ والیو واپس۔ ہفتس روٗدسُہ بس تتھی لاوُڈسپیکرس متعلق سونچان، زن تہٕ سُہ نجاتچ وَتھ ہاوِ ہے۔ سُہ گوٚ واندراژان کوٗنس منز بہان تہٕ سونچان۔ مگر اکہِ دوہَہ گُرتمی ژِھنب تہٕ امہِ دوہَہ دڑاو نہٕ سُہ سڑکہِ پیٹھ بلکہِ کوچہِ کوچہِ ووت جوٗگی لنکر اندر۔ اتہِ اوس فیروز صأبُن دوست روزان۔ أندرِ مبن بازرن تہِ اوس زن تنبہٕ، ووں گو اکھ فرق أس زِ آرمی أس نہٕ دڑ ینٛٹھی گژھان۔ لُکھ تہِ أسی نہٕ زیادٕ اورٕ یور کران۔ خأر پڑژھان پڑژھان ووت سُہ فیروز صأبنس دوستہٕ سُند گرٕ۔ دروازس واریاہس کالس ٹھُکھ ٹھُکھ گُرِتھ دڑایہِ لوٚکٹ کورِہن أندرٕ، درواز کھوٗلُن تہٕ گُرن سلام۔

''اسلام علیکم حض۔ کم چھو وکھ ژھانڈان۔''

''وعلیکم سلام کوریا۔ یم چھا مشتاق صأب ییٚتی روزان۔''

''آ۔ سُہ چُھ مےٚ پیٚتر۔ یِیکیاہ بٔہ وَنس۔''

علی محمد روٗد دَرِ ژِھ کھنٛجہِ أتی پڑاران تہٕ أتھی منز آو فیروز صأبُن دوس مُشتاق۔

''اسلام علیکم حض، کیاہ دلیل خأرے چھا۔''

''وعلیکم سلام گوٚبرِیا۔ ئہ آیوس سُہ لاوُڈ سپیکر ننہِ۔''

''لاوُڈ سپیکر! ٹاٹھیا از پیوٚوِ توہہ دوٚیہ وُہری سُہ لاوُڈ سپیکر یاد، ییٚہِ یمن حالاتن منز! تتھ کیاہ چھوٚ توہہِ وُنکبن کرُن۔ فی الحال چھےٚ ییٚتہِ پڑتھ کانٛہہ آواز بند۔ سُہ لگی نہٕ کُنہِ......''

''نسا گوٚبرِیا، مےٚ چھُ از کلےٕ ضرورت، اگر دِیہکھ، سو گییہِ مہربأنی۔''

''ٹاٹھیا کیا حض چھکھ ونان ۔ فیروز صأبس تہٕ مےٚ منز چھا کانٛہہ فرق۔ وٕلوأ ژِ وےٚ ءستی اندر۔''

''نہ، وُنکبن چھم جلدی۔''

''یہِ کرن نائبہ پیک۔''

''تمچ ضرورت چھینہِ۔ ژِ دِتھےٚ پأٹھی تہٕ ئہ نمن پیکہٕ ورأیی۔''

''ٹاٹھیا نیو، کتھ پأٹھی، ژوواپاسیےٚ چھُ کرفیوٗ۔ توہہِ مارٚن۔''

''نہ۔ ئہ آس کوچوٚ کوچوٚ، مےٚ چھےٚ ووٗنی وتھ پتاہ۔ ئہ گژھ تِتھے پأٹھی واپس۔''

''ٹھیکھ چھُ۔''

مُشتاق ژاو اندر تہٕ علی محمد روٗ دأتی پڑاران۔ کینژِ کألی آو مشتاق لاوُڈ سپیکر ہتھ تہٕ کوٚرُن علی محمدس حوالہ۔''

''ازکل ماچُھ بنان دُکانہِ تہِ یلہٕ ترٛاوُن۔یہِ کوٚڈمےٚ ووٚنی اُنٛدرٕ رٕ کنی۔''

''خوداصاب دِیہِ نَے صحتِ کاٚمل۔ بیٚہہ خودایس حوالہٕ، ئہ نیرَ ے۔''

''اِدھض نیرِ و،حبہٕ سان یِکۍ زبو۔''

''پُشر خودایس۔''

علی محمد چُھ لاوُڈ سپیکر کرِتھ تل تھاوِتھ رٕنی واٚرِکۍ چوکس منٛز نموٗدار گژھان۔یُتھے سُہ نموٗدار گژھان چُھ، آرمی وول چُھ وارِ وارِ تس نزدیک یِکان۔علی محمد چھ رٕنی واٚری چوکس منٛز کھڑا۔اکہِ طرفہٕ ملہٕ کھاہ،بیٚیہِ طرفہٕ ہسپتال تہٕ بڑ وٕنہہ کنہِ سُلطان العارفینؒ۔ باقی ژوواپاسےٚ ژھوپہ تہٕ خوف۔آرمی وول چھ بندوٗق پھیکِو پتٕھ والان تہٕ علی محمد چُھ پھیرٕن نکھس پتٕھ کھالان کُنہِ خوفہٕ وراٚے۔سُہ چُھ لاوُڈ سپیکر کرِتھ تلہٕ کرٛان تہٕ بِسمِ اللہ کرِتھ کُنیٚ نادلایان۔اُمۍ سنٛدِ نادِ چ چھےٚ تاٚر گژھان زِلُکھ چھِ رٕیِیٚن ہٕنٛدی پاٚٹھۍ ژوواپاسےٚ گرٕ ومنٛزٕ نیران۔زنانہٕ،مرٕد،جوان،بُڈ،بُزرگ،شُری،کاٚنہہ تہِ چُھنہٕ گرس منٛز روزان تہٕ لہر چھےٚ پھٕہلان زن تہٕ ہرٕدِ کالُک نار۔آرمی وول چُھ اُتھۍ ستۍ فایَر کران تہٕ علی محمد چُھ پتھر لاینہٕ یِوان مگر لاوُڈ سپیکرس چُھ بیاکھ کُس تام تھف دِوان تہٕ ناد چُھ لگاتار جاٚری روزان۔علی محمدس چھِ لُکھ اُنٛدۍ پٔکۍ جمع گژھان۔اُتھۍ منٛز چُھ منسٹر صاٚب تہِ لوٚتن واتان تہٕ اُمِس پزٕ زناوان۔سُے چُھ گریٚک نیب وَنان تہٕ لُکھ چھِ

أمِس اَتھن کبتھ تُلتھ آنگنس منز ولتہٕ ناوان۔ کریکہٕ ناد بوٗزتھ چھِ جُنید تہٕ سلیمہٕ تہٕ دورِ آنگنس منز واتان۔ ''أمی کیاہ ھُض کوٚر، أمِس کوٚت ھض اوس یَتھ طوفانَس منز گژھُن؟'' جُنیدَن پرٛژھ گس تام۔

''یہ مہ ھض وَن بھأے صأبا۔ أمی ھض کوٚر تہٕ یہ نہٕ لچھِ وادلکو کرِتھ ہیوٚک۔ أمی ھض دِژ کشیرِ نٕو زندگی، نوٚ ومعنے، نٕو پہچان۔ أمی ھض بأووتھ۔'' أتھی منز چھُ منسٹر صأب تہِ لُکو منزی جاے بنأوِتھ بڑ وٗنہہ کُن واتان۔

''جُنید صأب کیاہ ونیوٚ مے! سون اصلی رہنما دژاو علی محمد...... واقعی پوٚز رہنما۔''

''مگر یہ کیا ھض ہیکہِ ہے کرِتھ۔'' جُنید وۄتھ لگ بھگ وَدان وَدان۔

''أمی ھض دیُت ناد، گولہِ رَچن سینس پیٹھ توٚ تام، یوٚ تام لُکھ خوفہٕ منزٕ کڈِن، یوٚ تام تَم جمع کرِن۔ ووٚنی نہٕ ھض روزِ کانٛہہ قونوٗن، کانٛہہ بندِش نہٕ کانٛہہ حُکم۔ وُنکین ھض چھےٚ سأرِے کشیرِ گرٛ بزان تہٕ پنٔنی وَتھ ژھاران۔''

''پےٚ چھُنہٕ یہِ گرٛ بزُن کنِس کالس روزِ چلان۔ میٚتہٕ چھیٚنہٕ پتاہ زِ اَچھ وأنس کأژاہ چھےٚ مگر اکہِ کتھِ ہُند احساس چھُ ضرور ووتلان زِ علی محمدن ہیوٚت پننین ترٛہن ؤرِیَن ہُند بدلہٕ، پنٔنی پہچان کڈِن اخرس ژنٛی۔ نتہٕ گُس اوس نہٕ...... علی محمد، حسن آبادُک اکھ موموٗلی شالہٕ وول۔

# Loud Speaker

## Novel

By Dr. Sohan Koul

............''شازی، ژٕ چھکھ [illegible] گاہن۔ یہِ اوٗ [illegible] چھنہٕ بس توہنٛد، یہِ چھُ چوٗن تہِ۔ ژٕ مارہَنہٕ پنُن اولاد! وُنیُک تام وۄنُے نہٕ مے کینٛہہ مگر از بوز میاَنی کتھ، یوٗ ہے بچہِ انہِ تُہنٛزِ زندگی منٛز اکھ نوٚو بہار۔ یوٗ ہے رلاوِتوہہ، یوٗ ہے دِیہِ تُہنٛزِ ناوِتار۔ یہِ چھےٚ رٕژ ووٚمید، اتھ کررأ چھ۔ یہِ چھےٚ مستقبلٕچ ووٚمید۔''

''ژٕ کس چھُ مستقبل ضرورت، تس ہتی چھُنہٕ مےٚ جنّت تہِ قبوٗل امی۔ أمی ہنٛزٕ چکھ گرٕ ھ پوٚرٕ لاہور بوزُن، اِدٕ گرِ ھ میٚون انتقام پوٚرٕ، اِدٕ تارٕ ئہ تس بدتمیزس فکرِ زِ غولام کنیاہ چھُ آسان تہٕ غولامس کوتاہ طاقت چھُ۔ یُس بےٚ غأرت پننہِ آشنہِ بدکأری ہنٛد صلاح دِیہِ، تس چھُ یِی سزا امی۔''

